# کأشرِ شأعری ہُنٛد اِنتخاب

(۱۹۴۷ء پیٹھہٕ ۲۰۰۰ء تام)

ترتیب کار

حامدؔی کاشمیری

بشر بشیر

# کأشرِ شأعری ہُنٛد اِنتخاب

(۱۹۴۷ء پٮ۪ٹھہٕ ۲۰۰۰ء تام)

ترتیب کار

حامدؔی کاشمیری بشؔر بشیر



ساہتیہ اکادمی ــ دِلّی

**Kashur Shairi Hund Intikhab (Anthology of Post Independence Kashmiri Poetry)** : Compiled and edited by Hamidi Kashmiri and Bashar Bashir. Sahitya Akademi, New Delhi (2006), Rs. 300.

...



گوڈنیک ایڈیشن :2006

ساہتیہ اکادمی

ہیڈ آفس:

رویندر بھون، 35 فیروز شاہ روڈ، نئی دہلی 110001

سیلس آفس: 'سواتی'، مندر مارگ، نئی دہلی 110001

علاقائی دفاتر:

جیون تارا بھون، 23 اے/ 44 ایکس، ڈائمنڈ ہاربر روڈ، کولکاتا 700053

172، ممبئی مراٹھی سنگھرالے مارگ، دادر، ممبئی 400014

سینٹرل کالج کیمپس، ڈاکٹر بی۔ آر۔ امبیڈکر ویدھی، بنگلور 560001

مین بلڈنگ، گونا بلڈنگس (دوسری منزل)، (304) 443، انا سلائی، تینم پیٹ چینئی 600018

قیمت: 300 روپے

ISBN 81-260-2268-X

Website : http://www.sahitya-akademi.org



طابع: سواستک آفسیٹ، دہلی 32

# فہرست


گوڈٕ کتھ ............................ ............................ ۱۵

| نمبر شمار | شاعر | تخلیق | صفحہ نمبر |
|---|---|---|---|
| ۱ | ماسٹر زِندٕ کول | غزل | ۴۹ |
| ۲ | غلام احمد مہجورؔ | غزل | ۵۰ |
| ۳ | حیرتؔ کاملی | غزل | ۵۳ |
| ۴ | صمد میر | نِشہِ ہے اوس۔ کیٛاہ گلہِ کرٕ ٹھہراو | ۵۴ |
| ۵ | لسہ خانؔ فداؔ | غزل | ۵۸ |
| ۶ | رساؔ جاودانی | غزل | ۵۹ |
| ۷ | احد زرگر | سُے مےٚ دِلس کان۔ وولہٕ کاٰلی راوَے | ۶۱ |
| ۸ | خاتون بانو ضعیفہؔ | ماہ پارَے بیٚہِ وولہٕ سون | ۶۳ |
| ۹ | حسن ڈرائیور | غزل | ۶۴ |
| ۱۰ | دیناناتھ ولی المستؔ کاشمیری | وُزمل | ۶۶ |
| ۱۱ | نشاطؔ کشتواری | غزل | ۶۸ |
| ۱۲ | میرٕ غلام رسول نازکیؔ | رُباعیہِ | ۶۹ |

| نمبر | شاعر | کلام | صفحہ |
|---|---|---|---|
| ١٣ | مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ | رُبأعیہِ | ٧١ |
| ١٤ | حسین علی تنہاؔ انصاری | غزل | ٧٣ |
| ١٥ | غلام نبی عارضؔ | غزل | ٧٤ |
| ١٦ | دینا ناتھ نادمؔ | سونتھ تہٕ ہرُد، مےٚ چھم آش پگہچ۔غزل | ٧٦ |
| ١٧ | فاضلؔ کاشمیری | زوٗنہِ منزٕ ڈل، غزل | ٨٤ |
| ١٨ | پی، این پشپ | غزل | ٨٧ |
| ١٩ | پتامبر ناتھ درفانیؔ | وُزمل | ٨٩ |
| ٢٠ | غلام رسول حزینؔ | غزل | ٩٠ |
| ٢١ | غلام نبی فراقؔ | ینبرزل، اَنہِ گٹہِ اندر، کتھ، گیت، غزل | ٩٢ |
| ٢٢ | لالہٕ آرِگامی | بَن موٗمن پأرِتھ ٹیوٗک تہٕ زُنار | ١٠٢ |
| ٢٣ | ارجن دیو مجبوٗرؔ | لفظ پھُٹرأوِم گرِم، کول، ژِیُہہ | ١٠٣ |
| ٢٤ | امین کاملؔ | نبتھٕ نٔنی معنے، نیلہ ناگ، گیت | ١١٣ |
| ٢٥ | شمبھوناتھ بھٹ حلیمؔ | گرٛیشم | ١٢١ |
| ٢٦ | سروانند کول پریمیؔ | غزل | ١٢٢ |
| ٢٧ | رحمان راہیؔ | آہ چھٕس راوان، الہام، غزل | ١٢٣ |

| ۲۸ | غلام نبی جانباز | غزل | ۱۲۹ |
|---|---|---|---|
| ۲۹ | غلام حسن شاہباز | غزل | ۱۳۱ |
| ۳۰ | سید محی الدین نواز | رُباعیہِ | ۱۳۲ |
| ۳۱ | مکھن لال محو | غزل | ۱۳۴ |
| ۳۲ | واسدیو ریہہ | پتہٕ وَتھ چھ مسپد یُومُت ، ہرگانہٕ انسان آسہِ ہے | ۱۳۵ |
| ۳۳ | غلام رسول سنتوش | ترٛ شنا، غزل | ۱۴۱ |
| ۳۴ | نشاط انصاری | غزل، ارپن | ۱۴۷ |
| ۳۵ | شمیم احمد شمیم | غزل | ۱۵۰ |
| ۳۶ | رشید نازکی | غزل، صدا | ۱۵۱ |
| ۳۷ | خضر مغربی | ترانہ خاتون | ۱۵۳ |
| ۳۸ | حامدی کاشمیری | غزل، راون تیۆل، غزل، راتُک ساتھ | ۱۵۶ |
| ۳۹ | ناجی منوّر | غزل | ۱۶۲ |
| ۴۰ | ٹاک زینہ گیری | رُباعیہِ | ۱۶۴ |
| ۴۱ | مظفر عازم | لغزش، کوٚل کوٚستوٗر، غزل | ۱۶۶ |
| ۴۲ | عبدالرحمان آزاد | غزل | ۱۷۱ |

| ۴۳ | مشتاقؔ کاشمیری | غزل | ۱۷۲ |
|---|---|---|---|
| ۴۴ | غلام نبی ناظرؔ | ہےَ بہٕ کیاہ اوٗسُس لیکھان، غزل | ۱۷۳ |
| ۴۵ | موہن لال آشؔ | یاد | ۱۷۸ |
| ۴۶ | غلام نبی گوہرؔ | نظم، غزل | ۱۸۰ |
| ۴۷ | بشیر بھدرواہی | غزل | ۱۸۴ |
| ۴۸ | منظور ہاشمیؔ | غزل | ۱۸۵ |
| ۴۹ | سلطان الحق شہیدیؔ | غزل | ۱۸۶ |
| ۵۰ | موتی لال ساقیؔ | رُباعیہٕ، غزل، مندورٕ | ۱۸۷ |
| ۵۱ | قاضی غلام محمد | غزل | ۱۹۲ |
| ۵۲ | مشعلؔ سلطان پوری | پیش کال، غزل | ۱۹۳ |
| ۵۳ | سجود سیلانیؔ | گتہٕ ریٚنز | ۱۹۷ |
| ۵۴ | مکھن لال کنولؔ | غزل | ۲۲۰ |
| ۵۵ | مرغوبؔ بانہالی | غزل، گاشواز موروش | ۲۰۱ |
| ۵۶ | حکیم منظور | غزل | ۲۰۵ |
| ۵۷ | جمن لال جمنؔ | آدم ہگاش | ۲۰۷ |

| ۵۸ | محمد احسن احسنؔ | غزل، ووندٕ مزر | ۲۱۱ |
| --- | --- | --- | --- |
| ۵۹ | شاہدؔ بڈگامی | گلُو، غزل | ۲۱۳ |
| ۶۰ | موتی لال نازؔ | نظم | ۲۱۵ |
| ۶۱ | نراین کول یار باشؔ | غزل | ۲۱۷ |
| ۶۲ | غلام محمد شادؔ | غزل | ۲۱۸ |
| ۶۳ | ایوب صابرؔ | سوچ | ۲۲۰ |
| ۶۴ | غلام نبی خیالؔ | کٔشیر، غزل | ۲۲۲ |
| ۶۵ | محمد ایوب بیتابؔ | غزل | ۲۲۵ |
| ۶۶ | علی محمد شاہبازؔ | غزل | ۲۲۶ |
| ۶۷ | مکھن لال بیکسؔ | وانٕج وور | ۲۲۷ |
| ۶۸ | جواہر لال سرورؔ | دِیُت | ۲۲۹ |
| ۶۹ | رادھے ناتھ مسرتؔ | نظم | ۲۳۰ |
| ۷۰ | قاضی ہلال دلنویؔ | پگاہ | ۲۳۱ |
| ۷۱ | محی الدین گوہرؔ | شام (اکھ منظر، زٕتصور) ژھایِہ وجوٗد | ۲۳۲ |
| ۷۲ | فاروق نازکیؔ | کوٚب گُل، غزل | ۲۳۴ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۷۳ | سید رسول پونپر | غزل، کُس بُتھ مے پٔنُن | ۲۳۹ |
| ۷۴ | شہباز راجوروی | غزل | ۲۴۴ |
| ۷۵ | محمد امین شکیب | غزل | ۲۴۵ |
| ۷۶ | غلام احمد گاش | غزل، کُنہ شیٚچھ | ۲۴۶ |
| ۷۷ | غلام نبی شاہین | غزل | ۲۴۸ |
| ۷۸ | عبدالغنی ندیم | استقبال | ۲۴۹ |
| ۷۹ | شفیع شیدا | غزل | ۲۵۰ |
| ۸۰ | بال کرشن سنیاسی | تہِ وَنے شامنَس | ۲۵۱ |
| ۸۱ | ظریف احمد ظریف | غزل | ۲۵۳ |
| ۸۲ | تنہا نظامی | لڑھ | ۲۵۴ |
| ۸۳ | غلام محمد غمگین | غزل | ۲۵۵ |
| ۸۴ | ایس، راضی | غزل | ۲۵۶ |
| ۸۵ | مظفر ایرج | غزل | ۲۵۷ |
| ۸۶ | مرزا محمد زمان آزردہ | غزل | ۲۵۸ |
| ۸۷ | غلام محمد آجر | کژیکہ معنہ رُوس | ۲۵۹ |

| نمبر | شاعر | عنوان | صفحہ |
|---|---|---|---|
| ۸۸ | اومکارناتھ شبنمؔ | اکھ احساس | ۲۶۱ |
| ۸۹ | عبدالاحد فرہادؔ | نظم | ۲۶۳ |
| ۹۰ | بملا رینہ | واکھ | ۲۶۵ |
| ۹۱ | منشورؔ بانہالی | غزل | ۲۶۷ |
| ۹۲ | شوکت انصاری | شارِژآر | ۲۶۸ |
| ۹۳ | سید سعدالدین سعدیؔ | غزل | ۲۶۹ |
| ۹۴ | پیارے ہتاشؔ | غزل | ۲۷۰ |
| ۹۵ | حسرتؔ کشتواری | غزل | ۲۷۱ |
| ۹۶ | غلام حسن غمگینؔ | خدابۆزِن | ۲۷۲ |
| ۹۷ | عبدالغنی بیگ اطہرؔ | غزل | ۲۷۳ |
| ۹۸ | رنجورؔ تلگامی | غزل | ۲۷۴ |
| ۹۹ | تیج راول | غزل | ۲۷۵ |
| ۱۰۰ | گلشن مجید | سمٕے، نظم | ۲۷۶ |
| ۱۰۱ | غلام نبی آتشؔ | غزل | ۲۸۰ |
| ۱۰۲ | رتن لال تلاشیؔ | غزل | ۲۸۱ |

| ۱۰۳ | شفیع شوقؔ | یُپ وٕستھ، شام تہٕ گُنڑ زٕنی کوٗرتہٕ بنڈ | ۲۸۲ |
|---|---|---|---|
| ۱۰۴ | رفیق رازؔ | غزل | ۲۸۵ |
| ۱۰۵ | م، ح، ظفرؔ | اگیان | ۲۸۷ |
| ۱۰۶ | غلام محمد رفیقؔ | غزل | ۲۸۹ |
| ۱۰۷ | فیاض تلہٕ گامی | غزل | ۲۹۰ |
| ۱۰۸ | غلام رسول جوشؔ | غزل | ۲۹۱ |
| ۱۰۹ | بشیر داداؔ | غزل | ۲۹۲ |
| ۱۱۰ | نسیم شفایؔی | اٰہی | ۲۹۳ |
| ۱۱۱ | اقبال فہیمؔ | نظم | ۲۹۵ |
| ۱۱۲ | برجناتھ بیتابؔ | موٗرتی | ۲۹۷ |
| ۱۱۳ | رشید راشدؔ | بزٕم | ۲۹۹ |
| ۱۱۴ | بشیر اطہرؔ | گنہٕ شہر (اکھ مرثیہ) | ۳۰۱ |
| ۱۱۵ | بشیر عارفؔ | غزل | ۳۰۳ |
| ۱۱۶ | فاروق فیاضؔ | نرمل | ۳۰۴ |
| ۱۱۷ | اسیرؔ کشتواری | غزل | ۳۰۶ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۱۱۸ | شمشاد کرالہٕ وأری | مٔیون بہٕ | ۳۰۷ |
| ۱۱۹ | بشر بشیر | اکھ ژھوپہٕ اکھ سوال | ۳۰۹ |
| ۱۲۰ | شہناز رشید | غزل | ۳۱۱ |
| ۱۲۱ | شاد رمضان | غزل | ۳۱۲ |
| ۱۲۲ | عزیز حاجنی | غزل | ۳۱۳ |
| ۱۲۳ | شہزادہٕ رفیق | غزل | ۳۱۵ |
| ۱۲۴ | نثار گلزار | غزل | ۳۱۶ |
| ۱۲۵ | مجروح رشید | خاب | ۳۱۷ |
| ۱۲۶ | رفیقہ بشیر | غزل | ۳۱۹ |
| ۱۲۷ | ستیش وِمل | سُہ کا کد | ۳۲۰ |
| ۱۲۸ | سنیتا رینا پنڈت | غزل | ۳۲۳ |
| ۱۲۹ | الطاف نیاز | غزل | ۳۲۴ |
| ۱۳۰ | گلشن بدرنی | غزل | ۳۲۵ |







موٗلن تل چھُس بوٚڈ ناگرادا

دودٕ رنٛگہٕ تہٕ امرٕتہٕ تر

گَرشنہٕ بووبکھ اَسن وادا

دَرشنہٕ کاسکھ ووندٕچ تَھر

(شیخ العالمؒ)

# گوڈ کتھ

کانٛہہ تہٕ شاعرانہٕ تخلیق بامے سُہ کُنہ تہٕ زبانٕ منٛز آسِتن، چھُ پننہٕ زبانٕ ہنٛدِس ادبس سٟتی سٟتی کُلہم عالمی تخلیقی سرمایس تہٕ بُرٛزرتہٕ ہُربر کران تِکیازِ یہِ چھےٚ اکہِ سٲدرٕ وار نٔرل تہٕ سِر سٲوِ انسٲنی تجربٕچ صورت ووتلاوان تہٕ معنہِ یِکھ نٔوِ نٔوِ جہاتھ پربزلاوان ۔ یوہَے وجہ چھُ زِ شاعرانہٕ تخلیق چھنہٕ بدلوٕنس وقتس سٟتی سٟتی پرٛانان یا زایدالمیعاد گژھان ۔ پزتھ کانٛہہ نوٚ تنقیدی نظریہِ چھُ بدلوٕنس وقتس منٛز تخلیق کارن ہنٛدٕ ہن نوٕہن تقاضن بروٚنٛہہ کُن انان تہٕ تمیٚک جوازپاےٚ دکران ۔ اماپوز اَمہِ سٟتی چھنہٕ پتھ کالُک تخلیقی ادب گاٚل کھالتس گژھان یا پتھ ہیوان یا مسترد کرنہٕ یوان بلکہ چھُ اَتھ منٛز تِتھی پوشہِ وِنی معیار تلاش کران یِمو سٟتی نوٕینہٕ تخلیقی تژاین تہٕ رٕوِیَن ہنٛز پرکھٲئی کرنہٕ یِیہِ ، اَتھ سلسلس منٛز آو شاعریہِ منٛز گرا موضوعس تہٕ معنیَس ، گرا اَمہِ کِس اوٚسلوٗبس تہٕ گرا فنی ہونرِ یا صنعت گرِیہِ پیٹھ زور دِنہٕ ۔ تِتھ کُنٛز روٗدِ تخلیق تہٕ تنقید دوشوے اکھاَ کِس لرِ لوٚرِ پکان، پھبان تہٕ کاڈ کڈان ۔ وٕنٛہ مہِ صدی یہِ ہنٛدِس اندواتنس تانٛے آیہِ نوٕتنقیدی تھیوریہِ متعارف کرنہٕ یِمن منٛز ساختیاٚتی ، پس ساختیاٚتی ، رَدِتشکیلیت تہٕ قاری اساس تنقید قابلِ ذکر چھےٚ ۔ یِمو موجوٗب آو شاعری تہٕ اَمہِ کِس لسٲنی وجوٗدس شاعریہِ تہٕ متنس (Text) تہٕ پرن والین ہنٛدٕ ہن رِشتن تہٕ مسلن دَل دِنہٕ ۔ تِتھہِ کُنٛز گیہِ تخلیقس متعلق نٔوزان تہٕ آگہی منکشف سپدان ۔

کاشرِس ادبس منز تہٕ چھےٚ وُنی کینہہ تخلیق تہٕ تنقید کینہہ یمن رشتن ہنز زان دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ ہُران۔ اَثر پذیری ہنز یہِ نٔہج چھےٚ پتھ کالہٕ تہٕ دزٕینٹھی گژھان۔ لل دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ نہِ شاعریہِ پیٹھ چھُ سنسکرت تہٕ فارسیُک لِسانی تہٕ موضوعی اثر موجود۔ کاشرِ شارٕ ادبُک باضابطہٕ تہٕ ویوٚدتو آریخ چھُ ژوداہمہِ صدی پیٹھ لل دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ نہِ دورٕ پیٹھہٕ شروع گژھان۔ زمانہٕ یا وقتہٕ حسابہٕ ہےَ وُچھو تیلہِ چھُنہٕ عالمی سوٚتھرِس پیٹھ انسانی کلچر تہٕ تہذیب کس توآریخی ارتقاہس منز شین سَتن وٕریَن ہُند وقفہٕ کانٛہہ خاص اہمیتھ تھاوان مگر یمٕنے صدیَن منز یُس ذہنی انقلاب تہٕ شعوٗرچہِ تبدیلی یہِ دُنیِہس آیہِ، تمو کرِ ادبی ریوایژ تہٕ قدرٕ مُتاثرٕ تہٕ متعین تہِ۔ انگریزی ادب نی تون یہِ دژاو چاسرنوٚ کنٹربری ٹیلزٕ منزٕ تہٕ ووت وُہمہِ صدی منز ایلیٹ نہِ ویسٹ لینڈ نظمہِ تام۔ کاشُر شاعریہِ تہٕ روٗزیہِ پیش رفت جأری۔ چنانچہ وُہمہِ صدی منزٕ تہٕ خاص کٔرتھ پتمین پنژٕہن وٕریَن روٗد کاشُر تخلیقی ادب سرگرمی سان نٔوی منزل پراوان۔ اکہِ طرفہٕ چھُ اَتھ منز نوٚین نوٚین ہیتی تجربن منز پننہِ وقتچہِ آگاہیہِ ہُند پےَ میلان تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ روٗد جدید کاشرِ شاعریہِ پنٕن انفرادی مزاژ عطا کران۔

ہیٚیژ رٔنگی ہےَ وُچھو پتمین پنژٕہن وٕریَن منز آیہِ تمہٕ سارے شارٕ ہیٚیژ کاشرِس منز ورتاونہٕ یمہٕ مغربی شاعریہِ ہندِ ذٔریہِ مُلکہٕ چن مُختلف زبانن منز بارسس آیہِ۔ یمن منز نظم، آزاد نظم، بے قافیہِ نظم بیترِ شامل چھےٚ۔ اَتھ ستی ستی آیہِ ریوایتی ہیٚیژ تہٕ صنفہٕ مثلن واکھ، وژن، غزل رُباعیہِ، قطعہ تہٕ مرثیہ تہِ لیکھنہٕ۔ بہرحال یہِ کیٚژھا

لیکھنہٕ آو یا لیکھنہٕ چھُ یوان تہٕ چھُ پتہٕ نٮ۪ن اصنافن ہندی تقاضہٕ پوٗرٕ کران تہٕ اکھ قابلِ قدر تہٕ تھکٕن لایق معیار قایم کران۔ کأشرِ شاعرِیہِ چھِ پتہٕ بتر اَژمژ پٔنٛنؠ سٕنۍ موٗل دِتی ہتی تہٕ نہ صرف ییتیک لوٗبہٕ وُن حُسن و جمال چھُ اَتھ شوٗبہٕ راوان بٔلکہ گأشراوان۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ أزِچ کأشر شاعری مُلکی تہٕ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ ووتلن واجنٮ۪ن ادبی، ذہنی تہٕ فکری تحریکن تہٕ رُجحانن متعلق فرائڈنہِ تحلیل نفسی، مارکیست، جدیدیت تہٕ مابعد جدیدیتس تہٕ مقدوٗرٕ موجوٗب گوڈ بران۔ زیرِ نظر انتھالوجیہِ منز چھےٚ اَسہِ ہم کال شاعرِیہِ منز ووتلن والیٚن یِمن سارِنے رنگن، ژھاین رٔو یَن تہٕ تۄر ایَن نمایندگی دِنٕچ کوٗشش کٔرمژ۔

۱۹۴۷ءٔ ورییَس چھےٚ برصغیرٕکس سیأسی توأرٟیخس منز کأفی اہمیتھ۔ اَمہِ ؤرِیہِ گوو ہندوستان برطانوی تسلط نِشہِ آزاد تہٕ یہِ ملک سپُد دوٚن حصن منز تقسیم۔ اَتھ دوران سپدی مُلکس منز خوٗنریز فساد تہٕ یہِ سورُے خطہٕ آو تبأہی، انتشار، خوف تہٕ وأرأنی ہندِس آوٕلنس منز ہنہٕ۔ یِمن حالاتن ہُند اثر پیوٚ أدیبن تہٕ شاعرن ہندِس احساس تہٕ ذٔہنس پیٹھ تہِ تہٕ برصغیرٕکس ادبس تہٕ شاعرِیہِ منز گوو سیأسی آگأہی ہُند نوٚو دور شروٗع۔ آزأدی سٕتی یِم تصوریٚتہِ کھوٗلو کو وابستہٕ آسی گٔری ہتی تِمن لوٚگ پھیش، ملک تقسیم سپدنہٕ تہٕ فسادن ہندی زخم تازٕ آسنہٕ کنہٕ آیہٕ سیأسی زندگیہِ نٔو تشکیلچ ووسہٕ دژ وسہٕ تہٕ افراتفری بارسس تہٕ ادبی ذٔہنن تہِ روٗدنہٕ کُنہٕ ڈٔنجہِ۔ قریبن أکِس دٔہِلس روٗد حساس ذٔہنن منز سیأسی افراتفری ہُند ووستہٕ کھوٗلو۔ اَمہِ پتہٕ تہِ تھےٚ حالات قرارس ہیٚتِن تنٛی، ادیبو تہٕ شاعرَو ہیرِش پتہٕ کِس أندی پٔکِس وارٕ پاٹھۍ سام ہٮ۪یتہٕ آلہِ تِ تخلیقی دورک ہیوٚتُن ذٔسلابہٕ

سپدُن۔ اَتھ دورَس منز سپدی نٔوی سیأسی تہٕ سمأجی مَسلہٕ پأدٕ تہٕ کٔشیرِ تہٕ کأشری آے
پننِس مُستقبلس مُتعلق نوٚبن دولابن منز ہینہٕ۔ ۱۹۴۷ءیَس منزٕ ے گےٚ کٔشیرِ ہندبن
دوٚن حصن منز روزن وألی لُوکھ اکھأ کٔس نِشہٕ ژھینہٕ تہٕ یہِ بنیاو کأشربن خاص کٔرِتھ
فنکارن تہٕ دأنشورن ہُند ذہٕنی تہٕ نفسیأتی مسلہٕ ییمیک کرٚچھر تہندبن تخلیقن منز اکہِ
نتہٕ بیٚیہِ ترٛایہِ ہیوٚتُن سپدُن۔

وُہمہِ صَدی یہِ ہندس دوٚیمس نصفس منز آیہِ عالمی سطحس پیٹھ تہٕ کینٛہہ اہم
تبدیلی یہِ یمن منز خاص پأٹھی سائنسی مأدانس منز تبدیلی یہِ پوٗرِ انسأنی زندگیہِ منز نوٚبن
ترٛاین ہُند وجہ بنےیہِ۔ ٹرانسپورٹکی نٔوینہٕ وٚسیلہٕ تہٕ رسل ورسایلکی نٔوی ذٔری یہِ سپدی
متعأرف ییمہِ کنۍ انسان اکھأ کٔس نکھہٕ آے۔ ٹی وی، ریڈیو، اخبار تہٕ کتابو کنۍ آے
فکری سطحس پیٹھ دوٗر دوٗر جاین بسن وألی لُوکھ اکھأ کٔس زیادٕ نزدیک۔ خأرجی سطحس
پیٹھ سپدیاو یہِ زمانہٕ خوشحألیہِ تہٕ ترقی ہُند زمانہٕ ثأبت مگر دأخلی تہٕ فکری سطحس پیٹھ یُس
ذہنی انقلاب برپا سپُد تمہِ کنۍ سپٕز پرانہِ قدر پینہٕ پینہٕ۔ تِتھس صورتحالس منز یوسہٕ ترٛاے
کأشرِ شأعریہِ تہٕ ادبن رٔٹ تتھ منز چھُ اَسہِ نوٚومزاز، نوٚآ ڈرن تہٕ نوٚو وٚے انہار درٛینٛٹھی
یوان۔ ہُپأری اوٚسن اردو ادبی دُنی یہس منز ۱۹۳۰ءأندی پکھٕ ترقی پسند تحریکہِ زیرِ اثر نوٚو
ادبی رُجحان پھانپھلُن ہیوٚتمُت تہٕ کأشرِ پٕرینہٕ طبقہٕ تہٕ کوٚرٕ ؤلی ؤلی اَمہِ تحریکہِ مُتأثر۔
مہجورس تہٕ آزادس پتے سپٕز بیٚیتہٕ کینٛہہ ادبی انجمنہٕ قأیم یہند منشور ترقی پسند تحریکہٕ ہندِ فکری
خولہٕ خطہٕ ترتیب اوس دِرٕ آٚسٕ کلچرل فرنٹ، کلچرل کانگریس، انجمن ترقی پسند مصنفین،

آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس وغاَرِ تنظیمہِ روزِ ترقی پسند ادبہٕ کِس منشوٗرس تحت کاٗم کران۔ یہِ سلسلہٕ روٗدوٗہی مہِ صدی یہِ ہندِس شیٚے مِس ڈٕہی لس تانی جاری۔ اَمہِ دورٕ کِس عام فکری رُجحانس برعکس روٗدی شاعر موضوعی تہٕ ہیتی سطحس پیٹھ پرانہِ کاٗشرِ شارٕ رِوایژ گوڈ بران۔ ماسٹر زِندٕکول، حیرت کاملی، صمد میر، لسہ خان فدا، رسا جاودانی، احد زرگر، غلام رسول نازکی، فاضل کشمیری، عارض، تنہا انصاری، لالہٕ آرٕ گاٗمی، حسن ڈرائیور وغاَرٕ شاعرن نشہِ چھُ اَسہِ بیوٚن مزاج تہٕ اسلوٗب نظرِ گژھان۔ یِم شاعر روٗدی عشق تہٕ تصوفکی موضوٗع ورتاوِتھ رومانی تہٕ داخلیتہٕ کِس رُجحانس سگ دِوان۔ کاٗشرِ شاعریہِ ہنٛزِ رِوایژ گوڈ بران تہٕ سگ دِوان تہِ ورتو ویمو شاعرو پٔنن منفرد اسلوٗب۔ ناتیاٗری، کرناوِ تارکھنا اپور ہشہِ نظمہٕ لیکھِتھ یوٚدوَے ماسٹر زندکول مذہب تہٕ اعتقادٕ کی تصورے بیان چھُ کران تاہم تِمی ہنٛزٕ شبیہہ چھےٚ یِمن نظمن اسلوٗبہٕ رٔنگی تازٕ دَم بناوان۔ سِری تجربن بیان کران کران تہِ چھُنہٕ سُہ مُبہم خیالن اثر پذیر شبیہن پیٹھ غاٗلب دِنہٕ یِوان؛

خط پٔترٕ سوزان چھُم یوٚت کالہٕ واٗش
کاغذن ہُند رنگ بیوٚن بیوٚن بے شمار
پوشہِ مرگا، بوڈٕ سرا، تارکھ نبا
نَدِیا یِتھ اَہرِ بل ہیوٗ آبشار
ماٗری موٚندا، سوندراہ، بوڈٕ گاٹلا
پوٚز فقیرا نفسہٕ تورِکس شہسوار

کینْہہ نہٕ آسِتھ یُس دپان سمسار میون
پڑارُون مےٚ آدِنک دِلدار میون

حیرت، صمد میر، فدا تہٕ احد زرگر چھِ براہِ راست تِتھۍ صوفی شأعرن ہِندِس کاروانس ستۍ واٹھ تھاوان یِمو کُنوٛہم صدی سورِنس کالس تہٕ وُہمہِ صدی یہِ ہِندِس آغازس منٛز کأشرِس شارِ سرمایس زبردست بُڑر کوٚر۔ صمد میر تہٕ احد زرگرُن اسرأری کیفیژن ہُند طلسمأتی اظہار چھُ یِمن ہِندِس کلامس پُرکشش تہٕ پُرتأثیر بناوان۔ صمد میرنہِ شأعریہِ ہِنٛز زبان یُدوٚے سہل چھےٚ تاہم چھےٚ تٔمۍ ہِنٛز لفظہٕ ژأر رمزیہِ اندازس پھاپھلاوان۔

دِچھِ رأنٛٹھ کھڑ ہلہِ ہلہِ تِتھ ما وَر زانٛہہ دڑاو
کأری گر کوتاہ دَلہِ کیٛاہ گلہِ کر ٹھہراو

احد زرگرنہِ شأعریہِ منٛز چھےٚ اَسہِ اکہِ پُراسرأری دُنِیُک زان رمزن تہٕ اشارن منٛز سپدان۔ تٔمۍ ہِنٛز شأعریہِ منٛز چھِ أسۍ تِتھۍ بیٛون بیٛون انہار لبان یِم تٔمۍ ہِندی پرزناون نشانہٕ چھِ۔ لرزاون وٲلۍ شبیہہ، ظُلمات، گٹہٕ، گاش، رنگ تہٕ خاص کٔرِتھ سیأہی ہِنٛزٕ علامژ چھےٚ تٔمۍ ہِندِ تخلیقی تہٕ فنی بغاوژہُند پےٚ دِنس ستۍ ستۍ تٔمۍ ہِندِ تخیل کہِ سَنٕرٕچ زان فراہم کران۔ تٔمۍ ہِندین شارن منٛز چھِ یژھ پأٹھۍ لَرِ لوٚر مُتضاد شبیہہ کاڈ کڈان یِمہِ کِنۍ بیانس منٛز شُدت پأدِ چھےٚ سپدان۔

نارٕچ ریٛہہ چھم جسمِ گُلس دم بدم تیزان
پارٕ چہٕ زأژم سوٚزلس سےٚ مےٚ دِلس کان

وُہِمہِ صَدی ہِنزِ کاشرِ شاعرِ ہُند توارِیخی تہٕ تنقیدی مطالعہ کرن وقتہٕ ہیکو
نہٕ أسی رسا جاودانی یُن ناونظرانداز کٔرِتھ۔ نہ صرف تٔمی سٕندِ اسلوٗبہٕ بلکہ بالہٕ اپاٗرِم نمایندٕ
کاشُر آسنہٕ کِنٛی تہٕ پھِے تٔمی سٕنز شاعری پٔنٛز اہمیت تھاوان۔ رسا چھُ غزلُک شاعر تہٕ
أتھی صنفہِ منٛز چھُ تٔمی کمال ہووُمُت۔ لوٗلکی شوٗز جذبہٕ سوٚت سوٚت زبانٕ منٛز پیش کٔرِتھ
چھُ تٔمی کاشرِس شارٕ سرمایس تتھ دورس منٛز اضافہٕ کوٚر مُت یَیلہِ ترقی پسندی ہُند عروٗجُک
دور اوس۔ تٔمی سٕندی واریاہ شار چھِ شبیہہ کاری ہٕندی رٕتی نموٗنہٕ۔ رمزن تہٕ اِشارن سٟتی
سٟتی چھِہ غزلن منٛز تلمیح تہٕ ورتاوی اَمتی۔

ژٕ چھکھ بلقیس وٕنتِج سبٕٹھا چھی رُتبہٕ عالی
سلیمان جاہ کاتیاہ ژٕے چھی برتل سوالی
سُہ منٛز آیینہٕ خانس وُچھان اوس پانٕی پانس
کران حاران جہانس یوٗہے عالم مثالی

غلام رسول نازکی روٗد ترقی پسند تحریکہٕ لوٗب روٗزِتھ تہٕ عصری مسٔلن ہنز باوتھ
پنٕنہٕ نبن رباعین منٛز کران۔ یُد وَے زن تٔمی سٕندِس کلامس پیٹھ علامہ اقبالؒ نہٕ شاعرِیہِ
ہُند نمایاں اثر درٛینٛٹھی چھُ گژھان تاہم بخش تٔمی پنٕنہِ مشاہدٕکٕی پنٕنہٕ شاعرِیہِ مقامیت، تٔمی
سٕندِس تتھِس کلامس منٛز پھِے طنزتہٕ مزٕچ تہِ اَڈٕرن؛

أچھن ہنٛدِ گاشہِ وَتہٕ پاٚراو کٔری زبس
دُوٗتِھ انوٗش وٗانہِ تُے سپٕر کاوگٔرد زبس

خبر وٲنۍ زبٕس زبر اندازس اندر

پتے زونتھ مُنأسب گرٛاو گری زبٕس

مرزا عارفنۍ شأعری پٮ۪ٹھ چھُ باسان زِتس نِش چھےٚ شأعری مقصدس تابع۔ شاید چھُ یہوے وجہ زِ سُہ سپُد ترقی پسند تحریکہِ ہِندِس کاروانس منٛز تہٕ شأمِل مگر تمہِ باوجود چھُ تَسُند باوٕژ بَل امہِ دورٕچہِ شأعریہِ نِشہِ ہنا مختلف۔ تٔمۍ سُنٛز مشہوٗر نظم ''دُسہِ یُدوَے'' ترقی پسند شأعریہِ ہِندِ نموٗنہٕ رٔنگی تہِ پیش چھےٚ کرنہٕ یوان تاہم چھےٚ یہِ نظم امہِ نٕبر تہِ پنُن اکھ وجوٗد تھاوان۔ عارف چھُ رِوایژ تہِ نوٗرس درمیان اکھ رأبطہٕ۔ نظمن ستی ستی لیٛچھ عارفن رُبأعیہ تہٕ ژاکھ تہِ۔

فاضل کشمیری ینٛز شأعری چھےٚ نوٗزُک تہٕ موصوٗم ژِہن منٛز بدلوٗنٛن جذبن ہنٛز زان کرناوان۔ سُہ چھُ اکھ پُرگو شأعر تہٕ تٔمۍ سندٮ۪ن غزلن منٛز چھِ تِتھی شارتہِ موجوٗد یِمن منٛز لفظن تہٕ مأنین مِیُل گرِٛھتھ تجربٕچ تہہ پنُن باس چھےٚ دِوان۔ منظر نگأریہِ تہٕ سراپا نگأریہِ منٛز چھُ تٔمۍ سُند نرٕل مُشأہد سادٕ زبأنۍ منٛز تہِ پنُن بیوٗن تہٕ مُنفرد اسلوب ہاوان۔ تٔمۍ سنٛز لولہِ باوَتھ چھےٚ پننہِ سادٕ باوٕژ باوجود پُر اثر۔

ڈُنگ دِوان وٕلی وٕلی کھسان یتھہٕ پٲٹھی کالے آمژن

مہرٕنن آسان چھےٚ سحرن لارٕ لار آبس اندر

☆

ہٹیک رَتھ بہٕ کڈٕ ہانٛمن تَس بہٕ مَلہٕ ہا

ہنکلہٕ وارِ تمہ کُی نوٗزُک اتھن پیٹھ

کم کاسہٕ اَمی اندازٕ چھِ اَمی دورکی بیٚیہٕ زٕ شأعر غلام نبی عارضؔ تہٕ دینا ناتھ ولی لمست تہٕ فطری منظرن پننہٕ شأعریہِ منٛز پیش کران۔ ووں گووپننہِ وقتک غألب فکری رُجحان چھُ تِمن تہِ مُنٛزی مُنٛزی کل کڈان، ییٚمہِ کِنۍ تہندِس کلامس منٛز اَسہِ گاہے ربوایتی رنگ تہٕ گاہے نٔوپنہٕ ترٛاے نظرِ چھےٚ گژھان۔

یِمن شأعرن یُدوَے کأشرِ شارٕ ادبہٕ کِس توأریخس منٛز پٔنُن اکھ مقام چھُ تِمہِ باوجود چھُ اَتھ وقتس دوران ترقی پسندی ہُند رُجحان کأشرِ شأعریہِ تہٕ ادبس پیٹھ غألب باسان۔ مون زِ اَتھ دورس منٛز سپُد زیادٕ ترادب نعرِ بأزیہِ، پروپگنڈا تہٕ فارمولٲیی طرزِ اظہارُک شکار تاہم کوٚر اَمہِ قسمکی رُجحانن کأشرِس ادبس اکھ تجربأتی کردار عطا۔ موضوع، زبان تہٕ ہیٛژ ہندی نٔوی تجربہٕ آے بارسس تہٕ یتھہٕ کِنۍ گووٚ نوٚ شأعریہٕ ہندِ ذٕسلابہٕ خأطرِ مأدان ہموار۔ کأشرِس منٛز شأعرانہٕ اظہارُک تہٕ تجربُک یہِ نوٚ تصور ہیوٚتُن ترقی پسندی ہُند رُجحان شِژھنہٕ پتےٚ ووتلُن۔ نادمؔ، فراقؔ، کاملؔ تہٕ راہیؔ یِم ترقی پسند تحریکہِ زیرِ اثر لِکھن والین شأعرن ہندی علمبردار اَسی مانہٕ یوان تِم سپدی کےٚ کألی اَمہِ نشہِ دستبردار۔ انقلأبی بأتن ہُند گژھ ہمیاو تہٕ تاثرأتی تہٕ علامتی انداز ہیوٚتُن کاڈ کڈُن۔ شأعر و ہیوٚت انفرأدی سطحس پیٹھ زندگیہِ ہندین مسلن متعلق سوچُن تہٕ پننہِ سوچن ترٛاے پنہٕ نین تخلیقن منٛز باوٕنۍ۔ زندگیہِ متعلق تہُند منفرد سوچ تہٕ رٕوی یہِ اوس نوِ اسلوبُک تہٕ اکہِ سأدروار زبأنۍ یاوَنو نوِ اِستعارأتی نظامُک تقاضہٕ کران۔ یہِ تقاضہٕ پورٕ کرنچہِ عملہِ دوران پدی یمن شأعرن ہندی کینٛہہ منفرد اسلوب کھڑٕ

لفظن ہندِس صوتی آہنگس ،حسیاتی حوالن تہٕ احساسی علامتن ہنز اہمیت آیہِ محسوس کرنہٕ تہٕ اَتھ ستی ستی سپدی ہیٚژ منز تہِ بیوٚن بیوٚن تجربہٕ ۔ناڈِمن پھٔٹر آوی شعرٕ کی بنیادی قالِب ۔تمی ورتاو شاعری منز عام زبان مگر پننہِ خاص ورتاوٕ کنہِ اوس نہٕ یہِ زبان عامیانہٕ ۔پننہِ مُشاہدٕ کی نوزُک احساس کٔری تمی ترٛٹھ زبانہِ منز پیش یوسہٕ ویژ اَستھ تہِ نو اَس ۔تمی ہنزِ شاعریہِ منز گیہ ڈرامائیت ،شبیہہ کاری تہٕ تہہ داری پادٕ ۔یقین تہٕ ارادٕ ک ژٹھ لہجہ ترا وِتھ چھُ تمی ہنزِ شاعریہِ منز تشکیلک جذبہٕ پھاپھلان تہٕ سُہ چھُ خارجی طرزِ اظہار بدلہٕ داخلی لہجہ دریافت کران ۔پانس اندی یکہِ نظریہٕ والی مومولی چیز چھِ تمی ہندِ تخلیقی تہٕ تخیلی چھِہِ ستی کیتہِ کورتھ زلبان ۔

أنہٕ کھنڈا اَکھ اڈٕ گر مٔڈٕ گر

ژھوٹہٕ ڈیرِس پیٹھ تراوان گاہ

گاوا اکھ پچٕ مُدیا کٔرنس

ہونیا اَکھ پچٕ دِیُت نَس ہاہ

مرِ اکہٕ تجٕ تھوزچہِ ترٕ پُشرِتھ

اَمہِ اور کمی وُچھ، کَس وَنہٕ کیاہ

شاعرن چھے لفظہٕ ژار کام ہیتھ پرٛتھ لفظ کہِ وجوُدٕ کہِ ضرورتک احساس پادٕ کٔرِتھ کلہم تاثرچ شدت ووتلاونچ کوشش کٔرمٕژ ۔لفظن ہُند یہِ منفرد علامتی ورتاو چھُ تمی ہندین غزلن منز تہِ نظر گژھان ۔

صُبحِچ پرٛ وِگرِٛھ اَتھ شرٛ شاید
اَتھ نیوٚن ٹوٚرٕہن نالس کُن
سانی کتھٕ گرِ دِہو کلہٕ والن
پیالن أچھ پھرِ پیالس کُن

پروفیسر پی این پشپ چھُ نادم صأبُن قریبی ہم عصر۔ کأشرِ شأعریہِ ہندِ رِوایتی لفظتہٕ نِشہِ کوٚرُکھ تٔمی تہٕ انحراف مگر سہٕ روٗد نہٕ مُستقل پأٹھی شارلیکھان تہٕ تٔمی سُند زیادٕ تر توجہ روٗد تخلیق تہٕ لسانیاتس کُن۔ تٔمی سُند یُس کم کاسہٕ شارٕ سرمایہِ نظرِ چھُ گژھان سُہ چھُ صوتی تہٕ لِسأنی طرزِ اظہارٕ کِنی دلچسپ۔

۱۹۵۵ء پتہٕ ہیوٚت اکثر کأشرٕ شأعرو ترقی پسند نظریہس لوٚب ہتھ تہٕ پروپگنڈائی تہٕ فارمولائی ادب تہٕ شأعری لیکھنہٕ نِشہِ پوٚت ہیوٚن۔ فراق، کامل تہٕ راہی یم اوٚت تانی امہِ قسمہٕ چہِ شأعریہِ ہندی طرفدار آسی لگی نوٚ وفنی شعوٗر پھانپھلاونس منٛز پنُن حصہٕ ادا کرنہِ۔ انگریزی ادب تہٕ تنقید پرنہٕ تہٕ پرناونہٕ کِنی سپُد فراق عالمی سطحس پیٹھ خاص کٔرِتھ انگریزی شأعریہِ منٛز رونما سپدیمژن تبدیلیَن زأنی یاب۔ تٔمی کوٚر کیٛژن مشہور انگریزی نظمن کأشرس منٛز ترجمہٕ تہٕ۔ تٔمی سٕنٛزِ تخلیقی شأعریہِ منٛز چھےٚ ذأتی دوکھن تہٕ دأخلی تجربن زِہو دِنہٕ آمٕژ۔ تٔمی سٕنٛزن نظمن منٛز چھُ زندگیہِ ہندٕ ہن مُختلف تجربن مثالے حُسنہٕ کِہن جلون ہنٛزِ ناپائیدأری، زندگیہِ ہندِ دوکھہٕ تہٕ زمانکہِ کرٛ پھرک اظہار۔ یِمن موضوٕہن پتہٕ شأعریہِ منٛز ورتأوِتھ چھُ سہٕ نوٚو انداز تہٕ اسلوٗب ورتاوان۔ یہِ وَنُن چھُ

مشکل زِ فراقؔ چھا غزل بہتر لیکھان کِنہٕ نظم۔ فراقنہٕ شاعریہِ منٛز چھُ ربوایٔژ ہُند سۆن شعوٗر نظرِ گژھان۔ تٔمۍ سنٛزِ تخلیقی عملہٕ سٍتۍ چھُ ربوایٔژ تہٕ تجربس اکھا اژھن مِیُل گژھان۔ تٔمۍ سندہِن غزلن منٛز چھےٚ عشقس منٛز جنسہٕ بدلہٕ جمالیاتس ژٕرا اہمیت۔

فراقس برعکس چھُ کامِلؔ عشقس بذاتی انسانی جبلژن نکھہٕ انان۔ تٔمۍ سندہِن غزلن منٛز چھُ فردٕ سُند کُنہر، تنہائی تہٕ پرٕ ژھیۆن آسنٛک جذبہٕ جایہِ جایہِ نظرِ گژھان۔ غزلٕک صِنف چھُ کامل نس تخلیقی مزاجس راس تہٕ یہِ چھُ تٔمۍ سندِ مزاجکین زاوی جارن تہٕ ژھاین تہٕ گراین ہُند موثر اظہار بنان۔ تٔمۍ سندہِن غزلن منٛز موجود طنزٕک عُنصر چھُ عصری حقیقژن ہندِ احساسٕچ نشاندہی کران۔ تٔمۍ سُند تجربہٕ چھُ شۆد تہٕ سُہ چھُ پننہٕ نس اۆند پکس نظر گرِتھ سماجٕچہ ریاکاریہِ ہندی جامہٕ ترٛپچہِ کرِتھ حقیقت بروٚنٛہہ کُن انان۔ زندگیہِ ہندہِن سَنٛہن ووگنٛہن سام ہیتھ چھُ تٔمۍ سندِس اظہارس ژھایہِ اکھ زہر خندٕ وَنہِ یوان۔ غزلن لَرِ لۆر چھےٚ تٔمۍ کامیاب نظمہٕ تہِ لیچھمٕژ، یمہٕ پننہٕ ڈِکشن تہٕ شبیہہ کاری کِنۍ خوبصورت چھےٚ بنیمٕژ۔ کاملس چھُ انسانی عظمژ ہُند احساس مگر پانس أندی پکۍ ظلم، استحصال، سیاسی بالادستی، لاقونیت، اپزیار چھُ تَس تلواس ژُلان تہٕ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ چھُ تَس پننہِ لاچاری، مویوسی تہٕ تنہائی ہُند احساس پریشان کران۔ کُنہٕ کُنہٕ چھُ تَس اَتھ مویوسی تہٕ مجبوٗریہِ ہندِس حالتس منٛز پرٛتھ کینٛہہ بے معنہِ باسان یمیُک اظہار تٔمۍ سندہِن شارن منٛز تہِ وَنہِ چھُ یوان۔

نۆو کاشر شاعری ہیچھ پھلاونس تہٕ شولناونس منٛز دِژ حالاتو سۆن بنیادی

کأم انجام۔ راہیؔ نس تخلیقی سفرس سام ہینہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ تَس چھُ ابتدا پیٹھے لفظہٕ چہٕ اہمیژِ ہُند احساس۔ ترقی پسندی ہندی زولانہٕ تراونہٕ پتہٕ ییتہٕ تٔمؠ زندگیہِ ہندی پیچیدٕ مَسلہٕ پننہِ شأعریہِ ہندی موضوع بناوِنی۔ تٔمؠ ہندی زبأنی پیٹھ دسترس آسنن تہٕ لفظن ہندی احساسی علاقہٕ وٕنی راونچہِ عملہِ کنٕ ہیکی تٔمؠ اکایِل تہٕ اویدی تصور لفظن ہنزٕ شبیہہ کأری منٛز پیش کٔرِتھ۔ راہیؔ چھُنہٕ زندگیہِ ہنزن قدرن ہندس بدلنس پیٹھ نالان بلکہ چھُ اَتھ زندگیہِ ہُند ارتقأیی سفر زأنتھ نوٚین حقیقژن ہندی اظہار ژہتران۔ اختصار چھُ راہیؔ نہٕ شأعریہِ ہنزٕ اکھ خصوصیت تہٕ استعارٕ تہٕ دوٚیم النکار چھِ تَس نِش اختصار پأدٕ کرنٕکی وَل۔ راہیؔ نہِ شأعریہِ دِژ بجا طور کأشرِ شأعریہِ فکری وُسعت تہٕ ذہنی گوہر۔ تٔمؠ ہنزِ شأعریہِ منٛز چھےٚ نٔو آگاہی۔ یتھ منٛز انسان ذاتھ پننہِ سارے ژبلژٕ ہیتھ درٕینٛٹھی چھےٚ گژھان۔ راہیؔ چھُ زندگیہِ ہنزن تلخ حقیقژن تہٕ اَمہِ کنہِ المناک پزرن مُختلف رنگن تہٕ شبیہن ہندِ مَدتہٕ باوَتھ کران۔

ارجن دیو مجبورؔ، غلام رسول سنتوشؔ، غلام نبی خیالؔ وغأرِ شأعروتہٕ کوٚر پنُن ادبی سفر ترقی پسند تحریکہِ ہندی ہیے زمانس منٛز شروع تہٕ کم یا زیادٕ کٔرکھ انقلأبی نٔوی یژٕ ہندین موضوعن پوشنٔے۔ مجبورنہِ تخلیقی سفرک باگہِ بوٚ رُت رنگ چھُ تٔمؠ ہنزن نظمن منٛز میلان یم تٔمؠ پتٕمین دٕہن پٕندہن وٕرین منٛز لیچھِ۔ وطنہٕ نِشہِ دوٗرِ رِکی کربن چھُ تٔمؠ ہندین جذبن منٛز شدت پأدٕ کٔرمٕژ۔ سنتوشؔ نہِ دوٚیمہِ دورچہِ شأعریہِ منٛز چھُ ہری تجربن ہنزِ بأضابطہٕ دییالہ ... علامژن ہُند استعمال وَنہِ ییان۔ غلام نبی خیالؔ چھُ

نوِ کأشرِ شأعریہِ منز پننہٕ اکھ لَے ہتھ آمُت۔ یہِ لَے چھےٚ سوچہِ کہِ وأراگ تہٕ جذبہٕ چہِ غلبہ گی ہُند باس دِوان تہٕ مجموعی طور چھےٚ تِمٕ سنٛزِ شأعریہِ جذبأتی خلوص تہٕ تہہ عطا کران۔

مظفر عازمؔ، موتی لال ساقیؔ، رشید نازکی، غلام نبی گوہرؔ، قاضی غلام محمد، چمن لال چمنؔ، مشعلؔ سلطانپوری، مرغوبؔ بانہالی، حکیم منظور، غلام نبی ناظرؔ، شاہد بڈگامی، محمد ایوب بیتابؔ وغأرٕ شأعرن تہِ چھےٚ زیرِ نظر دورس منز پننہٕ پننہٕ اہمیت۔ عازمؔ، ساقی تہٕ نازکی رُودی ترقی پسند دورس منز پنُن ادبی سفر شروع کرنہٕ باوجود گوڈٕ پیٹھے حُسن وعشق کِہن موضوعن تہٕ منظر نگأریہِ پننہِ شأعریہِ منز پیش کران۔ عازمؔ مُن لہجہ چھُ شروع پیٹھے فکرمند یَتھ منز احساسٕچ شدت تہٕ دأخلی لَے موجوٗد چھےٚ۔ تِمٕ سٕندِس کلامس چھِ خوشی، لذت، حأرأنی، غم، وُدأسی، مستی تہٕ کُنزِ کی جذبات سوزلہِ ہندی انہار بخشان۔ ساقی چھُ فطری منظرن پننہِ شأعریہِ منز زیو دِوان۔ تِمٕ سنٛز زبان چھےٚ شوٗز تہٕ صاف۔ سُہ یُدوے لول تہٕ عشقکی موضوع تہِ پننہِ شأعریہِ منز بیان چھُ کران، تَتھ ستی چھُ پوٚت منظرس منز کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ فطری منظرتہِ کاڈ کڈان۔

رشید نازکی یَس چھُ موجوٗدٕ زمانہٕ کِس وأراگس متعلق اکھ بیوٚن ذأتی رُوی یہِ، سُہ چھُنہٕ نوٚشعوٗرچہِ تیز واو گرٕ ایہٕ ستی پنُن وجوٗد چھکراونہٕ دِنہٕ یِوان بلکہ چھُ سُہ پننہِ جایہِ ثأبت قدم۔ شأعرس چھےٚ پننہِ قدرٕ تہٕ پننہٕ عقیدٕ سیٹھاہ ٹأٹھی۔ تِمٕ سنٛزِ اَتھ سوچن ترٛایہِ ہیٚکہِ دراصل سُہ فکری پوٚت منظر وچھِ... تِمٕ سٕندِ کلامٕچ

اکھ ییٚنز خصوصیت چھےٚ یہ زِ تِمی چھُ عربی تہٕ فارسی شأعریہِ ہُند مزاز کأشرِس ستۍ رلووُمت تہٕ یمن ہندِ مِلہِ وَنہِ چھُ شأعریہ ہُند اکھ نوٚ وانہار پادٕ گومُت۔

مرغوٗب بانہالی یَس نَش تہِ چھُ اسلوبہٕ رٔنگی یُتھ ہیوٚ مزاز مِیل نظرِ گژھان۔ یُد وَے مرغوب مختلف صِنفن منز شار چھُ لیکھان تاہم چھُ تَسُند فن نعتن تہٕ غزلن منز کاڈ کڈان۔ مرغوب چھُ شأعریہِ اکھ فن مانان مگر اَتھ ستۍ ستۍ زندگیہِ شیرنُک تہٕ پأرنُک اکھ آلہٕ کارتہِ۔ تِمی سُند کلامہٕ پرِتھ چھُ باسان زِ سُہ چھُ زِندگیہٕ ہندِ ن ازلی مسلن تہٕ سمأجی زندگیہِ متعلق سوچان، سران تہٕ اَتھ مُشأہدٕ کران تہٕ پتہٕ پننہِ تخلیقی بَچھِ چھاوٕ أنتھ منأسب لفظن ہندِس وردنس وٕلتھ پیش کران۔ سُہ چھُ اکایل جذبن تہٕ تصورن سرتاز شبیہو، استعارو تہٕ لفظوٕ رِ یہ وجوٗد بخشان۔

غلام نبی گوہرن غزلن منز چھےٚ زبأنی برعکس موضوعس ژٕرا ہمیت۔ تِمی سِندِ غزلُک لہجہ چھُ پُرتکلف تہٕ اَتھ ستۍ ستۍ چھُس طنزٕچ تہِ آڈرن۔ کٔشیرِ ہندِ رأومَتہِ عظمتُک چھُ تَس سوٚن احساس۔ پتھ کال پرستی تہٕ اساطیری رنگ چھُ قأضی غلام محمد نہِ شأعریہِ ہُند ویوٚد انہار۔ تِمی سندِ ن غزلن کیٚو نظمن منز چھُ اکھ طلسمأتی دنیا نظرِ گژھان۔ چمن لال چمن نہِ شأعریہِ منز چھُ عشق غألب موضوع۔ تِمس نَش چھِ حُسنکی جلوٕ پرِتھ چیزس منز نظرِ گژھان۔ خاص کٔرِتھ چھُ سُہ پتھ کالس، بہارس، فطرت کین پُرفریب منظرن پننہِ شأعریہِ منز بیان کران۔

مشتاق نِس کلامس منز چھےٚ پتھ کالٕچ یاد تہٕ ارکاٮ کِن تِم شأعرن تلواس ژٕلان۔

سُہ چھُ ذاتی سطحس پیٹھ سُہ ذہنی انتشار تہٕ روحانی وٲراگ محسوس کران یُس موجود دورس منز انسانہٕ سُند ازلہٕ لون بنیومُت چھُ۔ تِمُن سُند طرزِ بیان چھُ استعارٲتی تہٕ علامتی۔ لِہٰذا چھےٚ لفظن ہِنز قدر یِمہٕ کنۍ سُہ وضاحتی اندازٕ نشہِ بچتھ چھُ روزان۔

لطیف احساس تہٕ ذوقِ جمال چھُ حکیم منظورنہِ شاعریہِ ہُند اکھ اہم پہلو۔ تخیل تہٕ زبان چھےٚ موقعہٕ محلس مطابق تہٕ تِمُن ہندی موضوع تہٕ چھِ یِژھے زبانی ہُند تقاضہٕ کران، یِمہٕ کنۍ یہِ چھُ باسان زِ یہِ کیٛنژھا سُہ ونان چھُ تہٕ یِہِ بَس تِمُن ہندے اندازٕ وَننہٕ تہٕ بَس۔ غلام نبی ناظرنِن غزلن تہٕ نظمن منز چھُ خارجی تہٕ داخلی سطحس پیٹھ اکھ نفیس سازٕت وَنہِ یوان، سُہ چھُ کشیرِ ہِندِ حُسنہٕ کِنۍ مختلف رنگن تہٕ ژھاین لفظن منز قاد کران۔

شاہد بڈگامی نہِ شاعریہِ منز چھُ نغمہٕ گی ہُند بھرپوٗر اظہار۔ برٛگہٕ لوٗلُک اظہار چھُ تِمُن ہنز شاعریہِ خاص کٔرِتھ غزلن منز جایہِ جایہِ نظرِ گژھان۔ محمد ایوب بیتاب چھُ حسن پرست شاعر۔ حُسنہٕ کِنۍ رنگا رنگ جلون ہُند خریدار آسِتھ تہٕ چھُنہٕ سُہ پانس أندی پٔکی زندگیہِ ہِندِ بو کرٕچھر و نشہِ بے خبر مگر تِمُن سُند لولہٕ جذبہٕ چھُ پانس أندی پٔکی سارۍ ہیے وحاطہٕ کٔرِتھ حُسن و عشقس سرمستی بخشان تہٕ أتھۍ جذبس تحت ساری غم کاپہٕ رٔٹِتھ لولہٕ کِنۍ رٔسی لِبِن نغمن زبو دِوان۔

واسدیو رٛیہہ چھُ پانس أندی پٔکی حالاتن ہندی تلواس تٔلہٕ وِنی کرٕچھر محسوس کران، اَکہِ مثالی دُنیاہِکۍ خاب وُچھان تہٕ اَتھۍ مثالی دُنیہس پننہِ شاعریہِ منز پیش

کران۔ تس چھُ یہِ احساس زِ یہِ مثألی دُنیا ہ بوٚد کرُن چھُ تیٚلی مُمکن ییٚلہِ یتھ منز روزن وأل اَمہِ خأطرٕ تیار سپدِتھ عمل کرن۔ تٔمی ہنزن نظمن تہٕ غزلن منز چھُ مخاطبانہٕ لہجہ نظرِ گژھان۔

شمبھوناتھ بھٹ حلیٓم تہٕ سروانندکول پریٓمی دونوے چھِ پننہِ شأعریہِ منز سہل تہٕ شوٚز زبان ورتاوان۔ ووں گوو حلیم نہِ شأعریہِ منز چھُ محاورُک سُہ انداز یُژ پأٹھی وَنہِ یوان یُس سادٕ آسِتھ تہٕ پرن وأل سُند ظون وُزناوان تہٕ تَس محظوظ چھُ کران۔ دوشوٕنی نِش چھِ شأعریہِ کینہہ افأدی مقصد۔ نشاؔط کشتواری، غلام نبی جانبازؔ، احمد شمیم، بشیر بھدرواہی، شہباؔز راجوروی، جسرتؔ کشتواری وغأرٕ شأعرن ہُند کلامہٕ تہٕ چھُ کینژھ ولکھِو دلچسپ تہِ تہٕ اہم تہِ۔ کشیرِ ہنزِ وادیہِ تہٕ کأشُر بولن والین ہندِ مرکزی علاقہٕ نِشہِ دوٗر آسنہٕ کنۍ چھُ یِہُند اسلوٗب مختلف۔ لول چھُ یِمن شأعرن ہندِ کلامُک اہم موضوع۔ نشاؔط تہٕ جانباز نہِ شأعریہِ منز چھُ ایرأنی تہٕ عربی تلمیحن ہُند استعمال یُژ پأٹھی نظرِ گژھان۔ موسیقیہِ ہُند چھُ یِہنزِ شأعریہِ منز خاص اہتمام نظرِ گژھان۔ییٚمہِ خأطرٕ یم لفظٕ تہٕ اچھر تکرار بطورِ وَل استعمال چھِ کران۔ قدرتی منظرن، باغن، بہارن، موسمن تہٕ فطری حُسنٕک تہِ چھُ یِہندِس کلامس منز یَسلہٕ پأٹھی اظہار میلان۔

المستؔ کاشمیری، پتامبر ناتھ فانیؔ، غلام حسن شاہبازؔ وغأرٕ چھِ نوِ دورٕ کۍ رِبوایت پسند شأعر۔ سمأجی موضوعن ہنز باوَتھ کرنس ہتی ہتی چھےٚ یِمو فطری منظرن ہنزٕ تہٕ پننہِ شأعریہِ منز عکأسی کرِمٕژ۔ لالہ آرٕگامی، حسن ڈرائیور تہٕ غلام رسول حزیٓن چھِ صوفی

خیالن پنٕنہِ شاعریہِ ہندی موضوع بناوان۔ دُنیاچہِ ناشباتی متعلق چھِ یِمو واریاہ کینٛہہ شار لیٚکھی مَتی۔ تِہندین باتن ہنٛز بٔنیاد چھےٚ فارسی بحرن تہٕ کاشرین لکہٕ طرزن پېٹھ۔ کینٛہہ باتھ چھِ یِمو پژ انٛہن مقبول باتن ہنٛز لیہِ پېٹھ تخلیق کٔری مَتی۔ لالہٕ آرٕ گامیٚن کلامہٕ پٔرتھ چھُ باسان زِ سہ چھُ موضوعی تہٕ ہیتی اعتبارٕ پژ انٛہن صوفی شاعری ستی ستی صمد میرتہٕ احد زرگرٕنی رِوایت پالان۔ محی الدین نوازؔنہِ شاعریہِ منٛز چھِ علامہ اقبالؔنہِ شاعریہِ ہندی وِیدی اثرات نمایاں۔ خاص کٔرِتھ یُس خودی ہُند فلسفہٕ اقبالؔن پنٕنہِ شاعریہِ منٛز پیش چھُ کوٚرمُت تِتھ چھُ نوازؔ پنٕنہِ آیہِ شارن ہُند جامہٕ وَلان۔ ٹاک زینہٕ گیری چھُ پنٕنہٕ نٕن رُباعین منٛز انسانی فطرت کٔبن بیوٚن بیوٚن انہارن رِوایتی رنگس منٛز باوَتھ کران، تٔس نِش چھُ شاعریہِ اکھ سماجی مقصد۔

حامدیؔ کاشمیریَس نِش چھُ شارس اکھ منفرد تہٕ الگ وجوٗد۔ عصری مسلن پنٕنہِ شاعریہِ منٛز باوَتھ کران تہٕ چھےٚ تِمٕ ہندِس کلامس منٛز روانی تہٕ اثر آفرینی وَنہِ یوان۔ زندگیہِ ہندی مسلہٕ بیان کرنہٕ وِزِ چھُ حامدیؔ خیال باونہٕ بدلہٕ اکھ خود کفیل صورتحال پیکرن ہندِ ذریٚیہِ پیش کران۔ تِمٕ ہندی غزل تہٕ موختصر نظمہٕ چھےٚ خیال تہٕ جذبہٕ چہِ ملہِ مشہِ تیٚتھ فضا پادٕ کران یتھ خارجی دُنی یہس ستی واٹھ آستھ تہِ داخلی تہٕ سرساوی کفیت چھےٚ۔

ناجیؔ منورس چھُ اکھ منفرد اسلوب زندگیہِ ہندین پیچیدٕ مسلن باوَتھ کرنہٕ وِزِ چھُ سہ سیوٚد ساد لہجہ تہٕ زبان ورتاوان۔ تِمٕ سٔنزن نظمن منٛز چھےٚ زوردار شبیہہ نظرِ گژھان تہٕ اکثر صورتن منٛز چھےٚ یِمہ شبیہہ مقامی نظرن ہندِ خولہٕ خطہٕ تہٕ یٚن منٛز چھُ

لُکہٕ ادبُک ہیوٚر رنگ۔

نشاط انصاری چھُ پننہٕ نِس تخلیقی دُنیٖ یہس منٛز اکھ مِثالی دُنیٖ ہِہک تعمیر یژھان تہٕ اَتھ ستی ستی چھُ سُہ سماجی بدحالیہِ تہِ نالان۔ وۄمید چھےٚ تٔمۍ سنٛزِ شاعریہٕ ہنٛز پوٚت آواز بٔنتھ ووتلان۔ عبدالرحمٰن آزاد تہٕ مشتاق کاشمیری چھِ علامہ اقبالؒ نہِ شاعریہِ نشہِ مُتأثر، فرق چھےٚ یہِ زِ آزاد چھُ سُہ جاہ وجلال پننہِ شاعریہِ منٛز ہٕنٛزی پاٗٹھی پیش یژھان کرُن یُس اقبالنٛزِ شاعری پٔرِتھ ذٔہنس منٛز ووتلان چھُ۔ اَتھ برعکس چھُ مشتاق شاعریہِ پاٚ عام واتناوُنک اکھ ذٔری یہِ زانان یِمہِ کِنۍ تٔمۍ سنٛزِ شاعریہِ اکھ تبلیغی رنگ باگہِ چھُ آمُت۔

موہن لال آشؔ چھُ فردہٕ سنٛزِ بے کسی تہٕ لاچاریہ لرٕ لوٚر پانس اَندی یکۍ حسین منظرن پننہِ شاعریہِ منٛز پیش کران تہِ اَستھ تہِ چھےٚ آشؔ تہٕ وۄمید تٔمۍ سنٛزِ شاعریہِ ہُند اکھ جُز۔

منظور ہاشمی یَن لہجہ یُد وَے وضاحتی چھُ، تہِ گٔرِتھ تہِ چھےٚ تٔمۍ سنٛزٕ نظمہٕ تہٕ غزل خطابت نِشہِ وَکھرٕ۔ زندگیہِ متعلق تٔمۍ سُند نظریہ یُس انسان دوستی تہٕ اخلاقیاتس پیٹھ مبنی چھُ، چھُ تٔمۍ سنٛزِ شاعریہِ ہُند مَنہٕ مون موضوع۔ سلطان الحق شہیدی نہِ شاعریہِ منٛز چھُ اَسہِ تجربہٕ بدلہٕ تجربہِ نِشہِ حاصل سپد یوٚمُت نتیجہ پیٹھے وانہِ نظرِ گژھان۔ زبانیٖ تہٕ خیالن ہٕندِ سبزرٕ تہٕ سلاستہٕ کِنۍ چھےٚ تٔمۍ سنٛزٕ نظمہٕ تہٕ غزل توجہ طلب۔ بجود سیلانی چھُ شاعر آسنس ستی ستی فکشن نگار تہِ۔ پننہٕ نٕبن تخلیقن منٛز چھُ سُہ سماجی تبدیلیَن ہُند آئینہٕ پیش کران۔ بجود نٕبن نظمن منٛز چھُ مربوٗط فضا یتھ منٛز شعری کردارس یُس بسا اوقات پانہٕ شاعرے چھُ باسان مرکزی حیثیت حاصل چھےٚ روزان۔

مکھن لال کنولؔ نِہِن واریاہن نظمن منز چھےٚ خیالٕچ جدت تہٕ گوبر موجوٗد مگر یِمن ہُند وَ کھنے دار اسلوٗب چھُ یِمن ہِندِس تاثرس دَدارٕ واتناوان۔ کنول نِہِن غزلن منز چھُ لولہٕ کہِ جذبُک رَسِیُل اظہار۔ موتی لال نازؔ تہِ چھُ حُسن تہٕ عشقس شاعریہِ منز گوڈ بران مگر تِمی سُند لول تہٕ ماے چھُنہٕ زندگیہِ ہندیو حاأری ثاتوتہٕ وأری داتوستی سارِ روزان، تَس چھُ سماأجی تہٕ سیاأسی سطحس پیٹھ انساأنی قدرن ہنزِ برباأدیہِ ہُند سوٚن احسان۔ ووٚن گووٚتِمی سُند وضاحتی لہجہ چھُ احساسٕچ تیٖہہ سوٚ ژراوان۔ نراین کول یار باشؔ نِہِن شارن منز چھِ متضاد پیکر لَرِ لوٚر پیش کرنہٕ آمتی۔ لول چھُ تِمی ہنزِ شاأعریہِ ہُند غاألب موضوع۔ پروفیسر غلام محمد شادؔ چھُ زندگیہِ ہنزن پوشہِ وِنِہِن قدرن پننہِ شاأعریہِ منز لَلہٕ کھوٚل کران۔ طنزٕچ زیرین لہر چھےٚ تِمی ہنزن نظمن کیٛو غزلن منز اکثر جاین درٛینٹھی گژھان۔ آفاأقی نأوی یژن ہندِ ہن مسلن پیٹھ لیکھن وِزِ تہِ چھُ تِمی ہِند ہن شارن منز مُقاأمی رنگ نظرِ گژھان۔ سید رسول پونپُرؔ چھُ زندگیہِ ہنز خوشبو کرٛیٹھن تہٕ گُڈرِ ہن منز تہٕ تلاش کران۔ سُہ یہِ کینژھا سران چھُ تہِ چھُ سُہ پانس أندی پٔکی موٗجوداتن منز بَدِ کڈنٕچ کوشش کران تہٕ تیٖتھہٕ کٔنی چھُ اِنفراأدی تجربن اکھ پوشہِ وِنی لَے عطا کران۔ جواہر لال سرورؔ نِہِن نظمن منز چھےٚ فطری منظرن ہنز عکاأسی میلان خاص کُرِتھ چھُ سُہ کٔشیرِ ہندِ عظمتُک تہٕ حُسنُک پرستار بٔنِتھ بیانیہ اندازٕ نظمہٕ لیکھان۔ رادھے ناتھ مسرتؔ نِہِن نظمن تہٕ غزلن منز تہِ چھِ اَسہِ تیٖتھی موضوع نظرِ گژھان، ووٚن گووٚ جدید آگہی ہُند کرب تہٕ قدرن ہندِ زوالُک شدید احساس چھُ تَس غمٕکِس تہٕ غوصک رنگ رٹان۔

مکھن لال بیکسؔ چھُ کاینات کِس وکھراس منز انسانہٕ سٕنزِ کم مایہِ گی ہُند شأعریہِ منز اظہار کران تہٕ اَستہ تہٕ چھےٚ اَنہِ گٹِس منز وومیز ہٕنز گاشہِ رِکھ تٔمی ہٕندِس شعورس سَتھ بخشان۔ تِمس نِش چھےٚ مُستقبلہٕ چہٕ سُرٕ تہٕ از کاچ بے چینی صاف وَنہِ یوان۔ آدم ذأ ژہٕنز خودغرضی محسوس کرِتھ تہٕ چھُنہٕ سُہ انسانس نِشہِ اندہٕتھ نراش۔ علی محمد شاہبازٕنی شأعری چھےٚ نہٕ کُنہِ خاص مقصدس تأبین باسان۔ سُہ یَتھ چیزس منز کانٛہہ ہِر سأوی تہٕ نرٕل پہلوژتران چھُ تَتھ چھُ شارُک جامہٕ وَلنچ کوشش کران۔

تجربچ سنجیدگی چھےٚ محمد احسن احسنؔس نِش علامتی اظہار پراوان۔ تہدأری تہٕ ابہام یُد وَے یمن علامژن نال وٕلِتھ چھےٚ تاہم چھےٚ یمہٕ علامژ سادٕ مگر پُرشکوہ بنان۔ پرن وول اگر نہٕ معنیہِ کِنہ سنزن ڈُنگ تہٕ دِیہِ توتہٕ چھُ سُہ فضا پُراثریُس تٔمی ہٕنزن نظمن کیو غزلن پیٹھی پیٹھی پرِنہٕ سَتی ووتلان چھُ۔ احسن چھُ فنی نزاکژن وأقف تہٕ سُہ چھُ مورؤضوذ ری یہِ پنُن تجربہٕ بیان کران۔

قاضی ہلال دلنوی یَس چھُ سماجس تہٕ فطرٕ ژ متعلق رومأنی رٕ وی یہِ۔ تٔمی ہٕندی تشبیہہ تہٕ استعارٕ چھِ مروجہ انہارٕ کی تہٕ شبیہہ ووتلاونس منز چھُ سُہ کتھن زیادے پہن واش کڈان۔ محی الدین گوہرنہِ موختصر نظمہٕ چھےٚ پننہِ مخصوص اسلوبہٕ کِنی توجہ طلب۔ سُہ چھُ زندگیہِ ہندی مختلف وِہی تہٕ انہار لفظن منز وپراوان۔ پرٛتھ کانٛہہ تجربہٕ چھُ بیوٗن تہٕ بدوٗن تہٕ لمحأتی کفیژن ہُند آئینہٕ دار۔ غلام احمد گاشؔ چھُ نظمہِ ہندٕ ن امکانن دٕری یاف کرنچ کوشش کران۔ تٔمی سٕنزٕ وار یاہ نظمہٕ چھےٚ موضوعاتی۔ نظمن ہٕندی عنوان تہٕ عبارت

پُرتھ چھُ باسان زِ گاش چھُ موضوٗعن تابع روٗزِتھ اَکی ہیے نوکتس پٔنن تخلیقی محور بناوان۔

محمد امین شکیبؔ نہِ شاعرِیہِ منز چھُ تمہِ رَدِعملُک نوٗن باس یُس انسانس زندگیہِ ہندین ازلی سوالن متعلق ازتانی کوٗل چھُ کران آمُت۔ انسان ہندِس بے بس آسنس پیٹھ چھُنہٕ سُہ وولان بلکہ اَتھ فطری پزرمأنِتھ تسلیم کران۔

فاروق نازکی نہِ شاعرِیہِ منز چھےٚ زندگیہِ ہنز رنگا رنگی، تَس نِش چھےٚ کانٛہہ تہٕ سنگین حقیقت تٔمی ہندین خابن تہٕ ہاوسن ہندِ مارمَتہِ رَنبہٕ وِنی تہٕ مأری منز بنان تہٕ تَس چھُ سورُے دُنیا دأخلی امارن ہُند اظہار باسان۔ تٔمی ہنزِ تخلیقی شخصیژ چھُ اکھ ارتقاہ سُہ چھُ ذہنی تہٕ ادبی رٕوِیَن ہنز و بدلونو ہجو نِشہِ متأثر سپدان آمُت۔ نوٚ آگہی چھےٚ تٔمی ہندِس رومأنی مزاجس تہٕ اَلراوان تہٕ سوچس متحرک کٔرِتھ حسی پیکرن ہنزِ شکلہِ منز باوَتھ لبان۔

شفیع شیداؔ نہِ شاعرِیہِ ہُند موضوع چھُ لول تہٕ محبوب سُند تصور چھُ تَس نِش تمی اندازٕ سیمہِ اندازٕ کلاسیکی اردو تہٕ کأشرِس غزلس منز وَنہٕ چھُ یوان۔ شیدانِن اکثر غزلن منز چھےٚ لوتوٗے بحر تہٕ یمن منز چھُ موسیقی ہُند اہتمام نظرِ گژھان۔ غلام نبی شاہینؔ، پیارے ہتاشؔ، اُمکارناتھ شبنمؔ، غلام رسول جوشؔ، فیاضؔ تِلہٕ گأمی تہٕ چھِ اَمی قبیلکی شاعر۔ وٕنۍ گوو نظمن منز چھےٚ یمن نِش عصری مسلن ہنز تہٕ باوَتھ میلان۔ بال کرشن سنیاسیؔ تہٕ چھُ عصری زندگیہِ ہندی روہ رکانہٕ محسوس کٔرِتھ غأر روایتی اندازٕ شارن منز پیش کران۔

تنہا نظامی ہنٛز شاعری پُرتھ چھُ نغمگی ہُند احساس ووتلان۔ تٔمی ہنزِ تشبیہ چھےٚ تٔمی ہندِ مشاہدُک پے دِوان۔ غلام محمد غمگینؔ، ایس راحیؔ، سید سعد الدین سعدیؔ، غلام

محمد رفیقؔ، مظفر ایرجؔ وغارٕ شأعرو چھےٚ پننہٕ نبن نظمن کیو غزلن منز زندگی، سماج تہٕ فطرتس متعلق پننہِ جذبأتی رٔوی تیٚچ باوتھ کرٕمٕژ۔ اَتھ بأوٕژ منز چھُ رومأنی اظہارس ستی ستی تہنٛدِ انفرأدی تخیلک زأوی جارتہِ کاڈکڈان۔ محمد زمان آزردہؔس چھُ پانس أندی پکٕو زندگیہِ ہنٛزن تلخ حقیقژن ہُند مشأہدٕ تہٕ سُہ ییلہِ عصری حقیقژن طنزیہِ اندازٕ شارُک جامہٕ ولان چھُ پرن وأرِلس چھُ پننہٕ نِس ذیہنَس پیٹھ موجوٗد یٔژ کالُک بور اظہار پرٛأوتھِ لوتیو مُت باسان۔ سُہ چھُ پننہٕ نبن غزلن منز لوتوٚے بحرٕ تہٕ زبان ورتاوان۔ تس چھُ مشرقی شأعریہِ خاص کرِتھ کأشرِ تہٕ اردُوغزلچہِ رِوایژ ہُند احترام تہٕ اَمکی ژٔری یا کم عنصر چھِ سیٚد سیوٚد دیاورگہِ پأٹھی تمٕی سنٛزِ شأعریہِ منزٕ تہٕ نیران۔

غلام محمد آجرؔ نبن نظمن منز چھُ زندگیہٕ ہنٛدِ بے ماننیُک بھرپور اظہار۔ آجرؔ چھُ بصری پیکرن ہنٛدِ ذٔریہِ پانس أندی پکٕی نظرِ پننہٕ وأنی وٕچھتی منظر پیش کران، مگر اکثر صورژن منز چھُ شعری کردار یمن منظرن لرِ کِتھ تام موجود باسان یُس یمن منظرن ہنٛدِس دأخلی وجودس باوتھ چھُ کران۔

کأشرِ شأعریہِ منز چھےٚ ہزل، مزاق، طنزٕ تہٕ مزچ پرٛأنی رِوایت۔ تقریبن پرٛتھ دورس منز چھُ اَمہِ چالہ کلامہٕ لیکھنہٕ آمُت تہٕ پتیٚمین پنژہن ؤری ین رۄدی کینٛہہ کأشری شأعر مُستقل پأٹھی مزاحیہ شأعریہِ برٛژر کران۔ مکھن لال محوٗؔ تہٕ خضرؔ مغربی یُن زیادٕ تر کلامہٕ چھُ اَمی چالہ ہُند۔ تمو چھُ پننہِ وقتہٕ کین سمأجی تہٕ سیأسی حالاتن غأر شخصی اندازس منزٕ تنٛقیدٕ بنٛأوی مُتی۔ ظریف احمد ظریفؔ تہٕ ادیب صابٕ ہن تہِ چھِ اَمی چالہِ غزل،

نظمہٕ تہٕ ٹُکھ لیکھی مِتی ۔ ووں گوویمن نِشہِ چھُ اَسہِ سنجیدٕ طرزُک کلامہٕ تہِ میلان ۔ ظریف احمد ظریفس چھُ کاشرِس محاورس پیٹھ عبوٗر حاصل ۔ زبأنی ہُند یہِ وَل چھُ تَس لوٗبہٕ وُن اسلوٗب عطا کران ۔

عبدالغنی ندیمؔ نبن غزلن تہٕ نظمن منز چھُ داخلی کیفیژن تہٕ خارجی منظرن ہُند اکھ خوبصورت امتزاج نظرِ گژھان ۔ سُہ یِم منظر پانس أندی پکی ڈیشان چھُ تِمن ہُند کانٛہہ جاذب نظر پہلو پننہٕ نِس ذہنس پیٹھ نقش کرِتھ چھُ تِمن لرِلوٚ رپننہِ وُبألی روٗحکی وِہی شارِ کِس رنگس منز پیش کران ۔ تیج راول نِس کلامس منز چھےٚ زمانہٕ کِبن کرتچھرن لرِلوٚر آشن تہٕ آرزوٗین ہنز باوَتھ ۔ییلہِ زَن عبدالغنی بیگ اطہرؔ دوہ دبن کِبن حادثاتن پیٹھ گہےپننہِ لاچأرِیہ ہُند اظہار کران تہٕ گہے وومیزن ہنز گتھ کران ۔

عبدالاحد فرہادؔ دیُد وے شاعرِیہ انسأنی زندگیہِ شیرنہٕ خاطرٕ ذٕریہ چھُ زانان، تاہم چھُنہٕ سُہ پننبن تخلیقن منز خطابتی لہجہ ورتاوان ۔ غلام نبی آتشؔ چھُ عصری زندگیہِ ہندبن کرتچھرن ہُند عذاب وبتران وبتران تہِ شاعریہِ منز رِوایژن ہند لحاظ رٕچھِتھ ہرکان ۔ تِمٕ ہندی غزل چھِ نَوِ تہٕ پرانہِ شاعریہِ ہُند امتزاج ۔ تِمٕ ہنز ساد روار سوچن ترایے تہٕ جذبن ہُند رٕسیٖل اظہار چھُ بیوٚن بیوٚن نظم منز الگ الگ پأٹھی تہِ کاڈکڈان باسان ۔ منشوؔر بانہالی چھُ پُر اثر لہجہِ رِوایتی رنگس منز لولہ کِبن جذبن پننہٕ نبن غزلن منز زبو دِوان ۔ منشوؔر چھُ نظمہِ تہِ لِکھان، سادٕ تہٕ پُر آہنگ نغمأتی لَے چھےٚ تِمٕ ہنز شاعریہِ ہنز خصوصیت ۔ رنجوؔر تلگأمی نِس کلامس منز یُدوَے زندگیہِ ہندبن کرتچھرن ہنز باوَتھ

چھےٚ میلان تاہم چھُنہٕ نغمہٕ گی تَس نِشہِ دُور ژلان۔ شوکت انصاری تہٕ نثار گلزار چھِ رِوایتی تشبیہہ ورتاوِتھ غزلہِ کِس قالبس منٛز پنٕنہِ نٔنہِ خیالن زِبو دِوان۔ تِہندِس رومأنی طرزِ اظہارس منٛز چھےٚ أزی کِس انسانٕ سُندین مسلن ہنٛز تہٕ باوتھ میلان۔

گلشن مجیدنہِ نظمہٕ پٔرِتھ چھُ باسان زِ تَس نِش چھُ رِوایژ ہُند یِتھ حدس تانی انحراف زِ تنقیدکی یِم معیارتہٕ میزان تَس برٛنٛہہ مِنٕہ کأشرین شأعرن پیٹھ لاگنہٕ چھِ یِوان تِم چھِ تسنٛزِ شأعری پرکھاونہٕ خأطرٕ نالگہٕ ہار۔ اختصار، شارُک وجوٗدشأعرس نِشہِ بیوٚن، زبأنی ہُند اژھوٚنڈ وبو ہار، ویٚدی مگر گارنہٕ نہ آمتی شبیہہ، برٛژھوٕنی استعارٕ چھِ گلشن مجیدنہِ شأعریہِ خاص کٔرِتھ نظمہِ ہنٛز پھیر ہاوخأصیژ۔ رفیق رازنہِ شأعریہِ خأص کٔرِتھ غزلن منٛز چھُ سِری ساوی فضا۔ کاینأتس تہٕ انسأنی وجوٗدس متعلق لمحأتی تجربٕچ کیفیتھ چھےٚ زنتہٕ پردٕ دارنہٕ نازلہِ ہُند واوٕ گرٛایہِ نقاب ألراوانہٕ یتھ موہوٗم آکار نظرِ تتھےٕ ژھپیھ دِوان۔ فکر، فلسفہ تہٕ تو أریتھُک سوٚن شعور چھِ م۔ح ظفرنہِ شأعریہِ ہُند اہم عنصر۔ یِمہ کِنٛی تٔمی سنٛزن نظمن تہٕ غزلن منٛز کینٛہہ ثقیل تہٕ گوٚب لفظ تہٕ نظرِ چھِ گژھان۔ یِتھہِ لفظٕ ورتاوٕ سٕتی چھُ سُہ تِیُتھ اکھ تاثر پأدٕ کران یتھ منٛز جذبہٕ کِس وُشنیرس سٕتی ماتٕچ تہدأری تہٕ موجوٗد چھےٚ آسان۔ ظفرنہِ شأعریہِ منٛز چھِنہٕ اَسہِ لوٚتوے تہٕ عام موضوع نظرِ گژھان۔ سُہ اگر یُتھ کانٛہہ موضوع ورتاوِتہ تتھ چھُ تِمہِ نوکتے نظرٕ پرکھاوان یتھ اوبرٕ تہٕ گوبرٕ آسہٕ۔

شفیع شوقس نِش چھےٚ عصری آگہی پنٕنہِ آرٕجتل صوٗرژ منٛز نظرِ گژھان۔ اَتہٕ اگر تلنگری چھےٚ تہٕ سوٚچھےٚ پژے زِ سُہ چھُ مخصوص صورتحالس عأن تہٕ غأن صورژ منٛز لفظن

ہِندِ ذٔری یہِ پیش کران۔ تِمَو ہِنز زبان، استعارٕ وَل چھِ انہاری۔ سُہ یِم موروض شبیہہ سأزی منز ورتاوان چھُ تِم چھِ تیتی عامیانہٕ زِ تِم شاعریہِ منز ورتاونس کُن ظوٗن گژھنے چھُ محال باسان، اما پوز شاعریٚلہِ یِمن أکِس ترتیبس منز بیان چھُ کران یِم چھِ اساطیری رنگ رٹان۔ بے مول موروض چھِ أکِس مخصوص ماحولس تہٕ مقامس پیٹھ ژھوٚپہِ دوٚپہِ اسرار ہیٚتھ دید مان باسان۔ رتن تلاشی چھُ منزی منزی شار لیکھان، تِمَو ہِندی شارٕ پٔرتھ چھُ باسان زِ سُہ چھُ چیزن ہِندِس خارجی وجوٗدس الگ یِہُنزن پوٚت ژھاین تہٕ یِہِندِس اوٚندرونس ژٔرزان۔ پٔرتھ وجوٗدُک مول چھُ سُہ اَمہِ کِنہِ گُدریمتین حالاتن منز تلاش کران۔ اقبال فہیم نِہِن شارن منز چھُ ذاتُک کرب شدتہٕ سان ووتلان۔ تِمَو سُند تفصیلی لب ولہجہ چھُ وقتُک وبدا کھ تہٕ واویلا بنان۔

پٔتِمین پٔنژہن شیٹھن ؤری یَن منز تہٕ روزٕ واریاہ کأشِرِ زنانہٕ کأشِرِس شارٕ ادبس پننہِ آیہِ برٔزر کران مگر یُتھ اکثر کلامہٕ ہیوٚک نہٕ عام لوٗکن تام وأتِتھ۔ ماسوایہِ کینژن زنانہٕ شاعرن ہُند کلامہٕ آو کتأبی صورژن منز بروٚنہہ کُن۔ کُلس پیٹھ ہرگاہ وُچھو یِہُنز شاعری چھےٚ زیادٕ یِہِن ذأتی گُدرنس تہٕ تِمن مسلن ہُنز باوتھ یِم زنانہِ ہِندی لوٗگ لون چھِ۔ یِمن زنانہٕ شاعرن ہِندی تجربہٕ چھِنہٕ رنگارنگ، اما پوز یِمن چھےٚ کینہہ انفرأدی خاصیژ تہٕ۔ خاتون بانوضعیفہ چھِ پننہٕ نِہِن کینژن ہم عصرن ہِندی پأٹھی صوٗفیانہٕ چالہِ بأتھ لیٖکھی مِتی۔ پننہٕ نِہِن بأتن ہُنز بنیاد چھےٚ تِمہِ لُکہٕ بأتن تہٕ عوامی قبولیژن ہِندِہِن کأشرِہِن بأتن پیٹھ تھأومت۔ تہٕ اوٚکنی لفزٕ اوٚتی الفاظٕ انہارٕ تکرارٕ کِنہٕ چھےٚ تِمَو ہِندِہِن

شارن منز موسیقی پاۘدِ گمژ۔

بملا رینہ تہِ چھےٚ شار لیکھان، یِم خأرجی ہیٚژ کنہٕ واکھن ستی رَلِوٕنی چھِ باسان۔
بملانہ شأعریہ ہُند محور چھےٚ تسنز ذات۔ شےٚ ہَتھ ؤری پرٛأنِس لل دیدِ ہندِ ورتاوٕ کنہٕ مونوس محاورس نگھہٕ گژھنچ چھےٚ بملا رینہ کوٚشش کران مگر تمچ استعارأتی تہہ چھنہٕ بدس أنتھ ہ‍ِکان۔ نسیم شفأیی چھےٚ پوٚرٕ اوبرٕ گو برِ سان ذأتی احساس تہٕ جذبات کمزوٗریہ تہٕ کوتأہیہِ ہیتھ أکِس مکمل زنانہِ ہُند سوچن انہار پننہِ شأعریہ منز پیش کران۔ وُچھوٚے تہٕ اَمہِ لِکھہٕ چھِ سو پننہٕ نبن سارِنے پیشرٕون نِشہِ ممتاز تِکیازِ تمِس نِشہِ چھےٚ کأشرِ زنانہِ ہنزٕ مختلف جہژ ووتلان۔ سو چھےٚ اکی آنہٕ بُخٕتی یتہٕ موج، بُخٕتی یتہٕ عاشق، بُخٕتی یتہٕ کوٗرِ پننہٕ نبن شوٗژتہٕ لاوبن آشن تہٕ امارن شارُک جامہٕ ولان۔ سو چھےٚ لوکچارچن یادن تہٕ پننہِ شأعریہِ منز پھیٚر دِوان۔ رفیقہ بشیر تہٕ سُنیتا رینا پنڈت نہِ شأعریہِ ہُند غألب موضوٗع چھُ لول۔ ووٚں گو وودوشوٕنی ہنزِ لولہٕ باوٕژ درمیان چھےٚ یہِ نِٔ تہٕ ٹاکارٕ فرق نظرِ گژھان زِ یِتہِ رفیقہ سادٕ تہٕ ویدِس نِسوأنی لہجس لأر چھےٚ، تتھ برعکس چھےٚ سُنیتانہِ شبیہِ زیادٕ سأدٕ روار۔ یمیُک وجہ تمٔ سنزٕ زبأنی ہُند سُہ خاص ورتاو چھُ یُس تمٔ سندِ مشأہدٕ تہٕ مطالہٕ کنہٕ بارسس چھُ آمت۔

برجناتھ بیتاب چھُ انسان سنزِ عظمژ ہُند قأیِل۔ انسانہٕ سُند پرٛتھ کانٛہہ روٗپ چھُ تَس خوش کرُون باسان۔ مَنہ کہٕ شوٗژرِ ییٚلہِ سُہ خأرجی دُنیٖہس وُچھان چھُ تتھ منز تہِ چھُ سُہ خوبصورتیٖ تلاش کران۔ اَتھ برعکس چھُ بشیر اطہرٚس خأرجی دُنیاہ تھامہِ تہٕ

روٹہٕ گرِژھتھ وۄہہ کارتہٕ گژہٕ زۄل باسان۔ سُہ چھ انسانہٕ ہنز آزادیہِ ہُند قأیِل مگر پانس أندی پکیٚک وکھت روٗپ چھُ تَس تلواس تُلان۔ فاروق فیاضؔ چھُ پننہِ شأعریہِ منز حسین مُستقبلُکۍ خاب وونان۔ تس نِش یُد وے حال سوکھ سووتہٕ چھُنہٕ مگر سُہ چھُنہٕ اَمہِ نِشہِ نا امید بلکہ چھُ سُہ اَتھ منز تہٕ تژہ گاشہٕ ژٔژ تلاش کران یوسہٕ مُستقبلس روشن کرنہٕ خأطرِ کأفی چھےٚ۔

رشید راشدؔ چھُ زندگیہ ہِندِ مقصدٕ تہٕ معنہٕ کِس تلاشس منز انسانہٕ سنزِ ووٹہٕ ژھانڈہِ پننہٕ شأعریہِ ہُند موضوع بناوان۔ انسانس بروٚنہہ کُنہِ پانس تہٕ کایناتس متعلق ازلی سوال چھِ اَزتہِ تتھے پأٹھۍ انسأنی سوچس تہٕ ضمیرس کوٗران تتھہٕ پأٹھۍ آدَن کالس منز تَس یم تُجہِ تنبور بن لاگان روٗذۍ ہتۍ چھِ۔ شمشاد کرالہ وأری تہِ چھُ پننہٕ نبن نظمن منز انسأنی وجوٗدیہِ حقیقژ تلاش کران کران اَمہِ کنہٕ مختلف وِہن تہٕ انہارن گاہے تلمیحن تہٕ گاہے تمثیلن ہنزِ صوٗرژ منز بیان کران۔ غلام حسن غمگینؔ یُد وے غزل تہٕ نظمہٕ تہِ لیکھان چھِ تاہم چھُ سُہ نعت لیکھنہٕ کِنۍ ادبی تہٕ عوأمی حلقن منز ویوٚد۔ تمۍ سُند لہجہ چھُ التجأیی۔

کأشرِ شأعریہِ ہنز باگہِ بٔرژِ رِوایژ چھُ شادؔ رمضان نوٚہنہٕ تہٕ پُراثر شبیہو ستۍ گوڈ بران۔ تمۍ چھُ غزلُک مزاز برزنو مُت تہٕ نظمہٕ تہٕ چھُ لیکھان۔ شادؔ چھُ پَرژھن تہٕ عقیدن ہُند پرستار، توٚے تہِ چھُنہٕ انسأنی کوتاہیَن محسوس کٔرِتھ تہِ نالہٕ دِوان بلکہ چھےٚ تَس نِش زندگی اکھ پُراسرار نغمہٕ بٔنِتھ کاڈ کڈان۔ بشرؔ بشیر چھُ پننہٕ نِس تخلیقس تہٕ تصورأتی دُنیہس تِمن شبیہن ہِندِ ذریعہ پیش کران یِمن ہُند خأرجی وجوٗد تتھیں موروضن ہِندِ

خاص ترتیبہٕ تشکیل چھُ لبان یِہُنز ساخت کینٛہن ہنٛز چھےٚ۔ الںکار چھِنہٕ تَس نِش محض نظمہِ یا شارُک پأراو بلکہ تجرُبُک حصہٕ بنان۔ عزیز حاجنی نہٕ شأعریہِ چھُ علامتی رنگ سُہ چھُ بخشی یتہٕ فنکارتہِ پانس أندی یکۍ نظریہٕ واجنہٕ تبدیلی ین متعلق حسہٕ ہُشارتہٕ سماجس خاص کٔرِتھ کشیرِ تہٕ کأشرِ بن بُتھہِ مسلن أکس حساس انسانہٕ سندی پأٹھی شُد تہٕ سان محسوس کران تہٕ فنکارانہٕ اندازٕ باوَتھ تہِ کران۔ تٔمۍ سندین شارن منٛز چھُ طنٛزُک عنصر تہِ شأمل۔

بشیر داداتہٕ بشیر عارفنہِ شأعریہِ منٛز چھُ سیأسی رنگ نظرِ گژھان۔ دوشوٕے چھِ تمن کرٛچھرن ہنٛز باوَتھ پننہِ شأعریہِ منٛز کران یم کأشرِ بن بخشی یتہٕ قوم وتراونی چھِ پیوان تاہم چھےٚ فرق نوکتہِ نظرِ چ۔ دادا چھُ ذأتی وجوٗد ہتھ اَتھ عملہِ منٛز شأمل یِیلہِ زن عارفُن لہجہ اصلاحی چھُ۔ بشیر داداہس نِش چھےٚ انسان سنٛز بے بسی ظأہر سپدان تہٕ عأرفِنس کلامس منٛز چھُ فأصلہٕ تہٕ نتیجہِ اخذ کرنُک اظہار۔

مجروح رشیدس چھےٚ شأعریہٕ ہنٛز سو لےٚ ٹأٹھ یتھ منٛز حقیقژ تہٕ خابس درمیان مُیل چھُ گژھان۔ متضاد پیکر اَکھ أکس پتہٕ ووتلأوِتھ چھُ سُہ شارٕ ستی پأدٕ سپدن وألس تاثرس شُدت بخشان۔ تٔمۍ سنٛزن نظمن منٛز چھُ گُنہِ نو کتہٕ پیٹھ کتھہِ پن ووتھان تہٕ نشو، نکی پأٹھی چھُ سُہ پرن وألس بیوٚن بیوٚن سرحدن سأل کرنأوِتھ بیٛیہِ تتھی نو کتس پیٹھ اَنان۔ یہِ فأصلہٕ کرُن چھُ مُشکل گژھان زِ آیا اَکھ ژیٖہہ گو وا کِنہٕ اَکھ وأنس گزرےیہِ۔

شہزادہ رفیق چھُ پامال گمژن انسأنی قدرن پیٹھ ہے بنگہٕ، توٕے تہِ چھِس فطرت تہٕ ظٔہری منظرنأمہِ چھِہ اوٚنُد کیہ تل ہنہٕ آمتۍ باسان۔

شہناز رشید چھُ حسین لمحاتی کیفیژن پننہٕ نبن شارن منز ورتاوان۔ شہنازنہٕ کلامچ اکھ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ اَتھ منز چھےٚ موسیقی تہٕ معنہِ ہم آہنگ۔ کامیاب غزل نگار شاعرٕ سندی پاٹھی چھےٚ تمی سندبن شارن منز طنزٕچ زیرین لہر وَنہِ یوان۔ گلشن بدرنی تہِ چھُ نوجوان پُیہ ہندبن شاعرن منز وارِ وارِ پنُن مقام بناوان۔ رِوایتی کاشرِ غزلہٕ کِس اوسلوٗبس منز چھُ سہ رومانی نٔوی یژ ہندبن خیالن شارُک جامہٕ ولان۔ الطاف نیاز چھُ زندگیہِ ہنزِ ناشباتی ہنز باوتھ کران، اَمہِ کنبن پُرشکوہ انہارن ہُند پرستار بنتھ اَتھ آے تہٕ پاے کانچھان۔ ستیش وِمل چھُ پننہِ شاعریہِ منز روٗح چہِ آزادیہِ ہُند قائیل باسان تہٕ انسانہٕ سُند خارجی وجوٗد اَمیک اکھ ٹھوٗر زاننتھ چھُ وولان۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ چھُ بییہِ تہِ کینژن نوجوان شاعرن ہُند کلامہٕ مختلف جریدن منز چھپان تہٕ ریڈیو پیٹھہٕ نشر سپدان۔ ممکن چھُ یمن منز ہیکن کینہہ بروٗنہہ کُن زیادٕ بہتر لیکھتھ تہٕ مُقام پرٲوِتھ۔

یمہِ اِنتخابہٕ بروٗنہہ چھِ کاشرِ شاعریہِ ہندی کینہہ انتخاب چھاپنہٕ آمتی۔ یمن منز ریاستی کلچرل اکادمیہ ہندِ شیرازٕکی کینہہ خاص شمارٕ تہٕ کشمیر یونیورسٹیہِ ہندِ کاشرِ شعبکی کینہہ انتخاب شامل چھِ۔ ساہتیہ اکادمی اوس اَز بروٗنہہ کینہہ وَری ''کاشُر شاعری'' ناوٕ اکھ انتخاب چھوپمُت، یتھ منز لل دیدِ پیٹھہٕ وُہمہِ صدی یہِ تانی کاشرین شاعرن ہُند کلامہٕ شامل چھُ۔ یہِ چھُ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی صاٮ۪بن ترتیب دِتھمُت تہٕ وونی چھُ نایاب۔ نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا طرفہٕ گرشادرمضانن کینہہ کال بروٗنہہ نظمن ہنز اکھ سوٗمبرن مرتب، یتھ منز کینژن نوجوان شاعرن ہٕنز نظمہٕ شامل چھےٚ۔ اَمہِ علاوٕ کری

ناظر کولگأمی ین تہٕ غلام نبی فراقن تہٕ کأشرِ شأعریہِ ہندی انتخاب پیش، اما پوز یم چھِ سیٹھا مۆختصر۔ اَتھ صورتحالس منز اوس ترٛژھ اکہٕ شارٕ سۆمبرنہٕ ہُند ضرورت یُس ہم عصر کأشرِ شأعریہِ ہُند اکھ ہمہ جہت تہٕ مکمل منظر نامہٕ پیش کرِ ہے۔ یہِ وبۆڈ ھے وُچھِتھ کرِ ساہتیہ اکادمیہِ ہنٛزِ کأشرِس متعلق مشاورتی کمیٹیہِ ہندی برٛٹہِم کنوینر مشعل سلطانپوٗری ین یہِ خأہش ظأہر زِ اَسی نموٗیہِ کأم دَرِدَس۔ حق چھُ یہِ زِ ڈاکٹر مشعل صأبس پتہٕ ییلہِ ڈاکٹر محمد زمان آزردہ اکیڈمیہِ ہنٛزِ کأشرِس متعلق مشاورتی کمیٹیہِ کنوینز بنے تم تہٕ روٗدی اَسہِ پتے زِ یہِ انتھالوجی گرٛژھ وُلی وُلی مکمل سپدٕنی۔ ووں گوو یہِ کأم آسنہٕ سہل۔ ہتہٕ واد شأعرن ہُند کلامہٕ حأصل کرُن تہٕ تمہِ پتہٕ انتھالوجی خأطرٕ کلامُک انتخاب کرُن اوس مُشکل۔ بہر حال خوداہِ سُند ناو ہیتھ واتناوَ اَسہِ یہِ کأم اَند۔ اَتھ کامہِ منز یوسہٕ گوڈنِچ دِقت اَسہِ برونٛہہ کنہٕ آس، سو آس یہِ زِ کأشرِس منز چھپے رسالن تہٕ کتابن ہنٛز کمی۔ خالے آسہِ سو کانٛہہ لایبریری ییتہٕ سارِنے شأعرن ہُند کلامہٕ بدس آسہِ۔ کینٛژن صوٗرژن منز پیو اَسہِ پھِری پھِری شأعرن درخاس کرُن یُتھ تم اَسہِ پنٛن کلامہٕ سوزٕہن۔ کینٛژو سوٗز اَسہِ وُلی وُلی پنٛن کلامہٕ تہٕ کینٛژن چھِ وُنہِ تہٕ سأنی تقاضہٕ باقے۔ شأعرن تہٕ تِہندِ کلامُک انتخاب تہِ اوس اکھ اہم معاملہٕ، سأنی کوشش روٗزیہِ زِ تمن سارِنے شأعرن ہُند کلامہٕ گۆژھ یِتھ سۆمبرنہِ منز شأمِل سپدُن یِہند کانٛہہ شارٕ مجموعہٕ چھپیوٗمُت آسہِ یا مُتوأتر مُختلف جریدن منز چھپان آسن تہٕ نٔوی تہٕ وِیدی تہٕ آسن۔ اَمہِ ہُریمانہٕ تہِ کۆر اَسہِ تِتھین شأعرن ہُند کلامہٕ یِتھ سۆمبرنہِ منز شأمِل یِہند زیادٕ کلامہٕ اگر چھپیوٗمُت تہِ چھُنہٕ تاہم چھِ

وارِیہس حدس تانٔی معیاری لیکھان۔ أسی ہیکو نہٕ ہرگزٕ یتہِ دعوا کٔرِتھ زِ یِمن شاعرن ہُند کلامہٕ وشفہٕ کنز اَسہِ۔ یتھ سوٗمبرنہِ منز شامٕل آسہِ نہٕ کوٗرمُت تِہند کلامہٕ کیاہ آسہِ نہٕ معیأری۔ شاعرن ہُند کلامہٕ کوٗر اَسہِ مختلف ذٔریہ کنز حاصل۔ کتابو، رِسالو تہٕ ذاتی چِٹھہِ سوٗزِتھ کلامہٕ حاصل کرنہٕ علاوٕ کٔری اَسہِ کلامکی کینہہ سکرپٹ ریڈیو، ٹیلی وِجنہٕ وغارٕ جایو پیٹھہٕ حاصل۔ یتھ انتھالوجی منز کوٗر اَسہِ پیر پانژال بالہٕ اپور سکونت کرن والین تِمن کینژن شاعرن ہُند کلامہٕ تہِ شامٕل یِہندی تخلیق اَز تانٔی بیٚیہِ کُنہِ انتھالوجی شامٕل أسی نہٕ کرنہٕ آمژ۔ تِژھے کٔنی چھُ یتھ منز کینژن زنانہٕ شاعرن ہُند کلامہٕ تہِ شامٕل۔ سانٔی کوشش روٗز یہِ زِ کینژن شاعرن ہِندی تِمے تخلیق گژھن یتھ انتخابس منز شامٕل سپدنٕی یِم نہٕ بیٚین جاین پھِری پھِری چھاپنہٕ چھِ آمژ۔

یِمہِ انتخابُچ اکھ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یہِ چھُ عصری کاشرِ شاعریہِ ہُند اکھ جامع، باگہِ بوٗرُت تہٕ نمایندٕ انتخاب یِمیُک اندازٕ یِمہِ کتھہِ ستیٚ لگِتھ ہیکہِ زِ یہِ چھُ سواد ہتھ پیٹھی شاعرن ہِندِس کلامس پیٹھ مشتمل۔ اَسہِ چھےٚ ووٚمید زِ اَمہِ ستیٚ گژھ پرن والین کأشرِ شاعریہِ ہِندِ مالامال آسنُک احساس تہٕ نقادن میلہِ اَتھ پیٹھ تنقیدی کأم کرنٕچ تحریک۔

کأشرِ شاعریہِ پیٹھ کأم کرن وألی نقاد کرن ضرور اَسہِ ستیٚ اتفاق زِ کأشرِ شاعریہِ ہِندِ یِمہِ دورُک انتخاب یتھ انتھالوجی منز شامٕل چھُ تتھ منز آے مختلف ادبی رُجحان بارسَس تہٕ شاعرن ہُند اکھ بوڈ کاروان تہِ آو بروٗنہہ کُن۔ تہِ اَستھ تہِ چھےٚ یہِ نہٕ اَمہِ دورٕچ کانہہ باگہ بٔرِتھ شاعریہِ ہنٛز انتھالوجی تنقیدی تحقیق اَمہِ دورٕچہِ شاعریہِ ہِندی

خدوخال پرکھاوَنس منز سہولیت سپد ہے۔ اَسہِ چھےٚ وومید زِیہِ انتخاب کرِ وار یہَس حدس تانۍ یہ کمی پوٗرٕ۔ اَسہِ کٔر کوشش زِ انتہایی موٗختصر پأٹھۍ کوٚر اَسہِ تمن رُجحانن ہُند اکھ گوٚٹ خاکہ پیش یم رُجحان زیرِ نظر دورس منز کأشرِ شأعریہِ منز بارسس آے، اَکھُتے کوٚر اَسہِ انفرأدی طورتہِ تمن شأعرن ہندِس کلامس متعلق فوری تاثُرتہِ یتھ دیباچس منز شأمل یہندی تخلیق یتھ کتابہِ منز شأمل چھِ کرنہٕ آمتۍ۔ شأعرن ہندِ کلاچ ترتیب چھےٚ شأعرن ہندِ زاسنہٕ مطأبق رَچھنہٕ آمٕژ۔

أسۍ یڑھو یہِ کتھ ییٚتھ دُبارٕ تہِ وَنٛنۍ زِ سانِو کوٗششَو باوجوٗد آسن کینٛہہ شأعر انتھالوجی منز شأمل کرنے روٗدی متۍ۔ یِژھ کمی یہِ ہیٚکن پرٛتھ انتخابس منز روٗزِتھ تِکیازِ یا تہٕ چھُنہٕ تِہُند کلامہٕ دستیاب سپدان یاتہٕ چھِ شأعر پانہٕ تغافُلس کأم ہیوان۔ وومید چھےٚ یِتھۍ شأعر سوزَن پنٛن کلامہٕ یُتھ سہ بیٚیس ایڈیشنس منز شأمل کرنہٕ ییِہ۔

بہرکیف یہِ انتخاب چھُ پیش خدمت۔ وومید چھےٚ توٚہۍ کرِو اتھ متعلق پنٛنہِ رایہِ ہُند اظہار۔

حامدیؔ کاشمیری

بشرؔ بشیر

ماسٹر زِند کول (۱۸۸۴-۱۹۶۶ء)

# غزل

سانہِ دادِچ چارٕ سازس تَس خبر آسیا سَنا
اوٚری یِم شرٕپِ مَتی تِمن آہن اثر آسیا سَنا
سیٚز نظر تَس یارٕ ہنٛزے رٕچھ یِتھ واتہِ یور
طالِعس زانٛہہ کأنٛسہ سأنِس تِیتھ سبزر آسیا سَنا
عاصِین پیٚتھ تراوِ یِیمہِ کنِز گاہ رٕحمک آفتاب
اکھ رٕژھا قونوٗنہٕ کَس اوٚبرس وَژھر آسیا سَنا
یَتھ اندر پیٚٹھ نٕنی گرٕژھن سانٛہن گوناہن ہندی پہاڑ
عفو کَس سوٚدرس اما تیوٚتے سَنبر آسیا سَنا
گُلشنس کُن اَزمےٚ باسان غأر معموٗلی کُشِش
''گل قبا دِل جو'' گُلن منٛز جلوٕ گر آسیا سَنا
صُبحٕ کَس واوَس دوٚپُم کیاہ اَنتہٕ خوشبویا تیٚچ
تَتھ گُلستانس اندر واوَس گُذر آسیا سَنا
کأفرن ہندِس بتَس بیچھان ڈیوٗنٛٹھُم موٗمنا
تُس بچأرِس روزٕنٕچ سختی بَتر آسیا سَنا
یُس نشاطس منٛز وُچھان محفل امیرن ہنٛز موٚزوٗر
تُس تصور جنتک اَمہِ کَس زبر آسیا سَنا

غلام احمد مہجورؔ (۱۸۸۷-۱۹۵۲ء)

# غزل

ساقیا آباد روزِن تا ابد مے خانہٕ چون
آفتابکی پأٹھی پرٛزٕلن دم بہ دم پیمانہٕ چون

تیٖلہِ لٲگھ نزدیک پوشن جاے گُلزارس اندر
نہہ گٹہ ییٚلہِ پوشہِ تھَرِتل روٚٹ کنڈ بو دامانہٕ چون

چانہِ بمہٕ محرابِ مسجد روے چون رشکِ صنم
دوٚن أچھن تل جلوٕگر چھُم کعبہٕ تےَ بُتخانہٕ چون

شامہٕ ژھایے واوِ گرٛایے پوشہِ وٕتھراپوِ پتھر
پان زندَے زالنٛگ ووت پوشِرس پروانہٕ چون

یِم زِ یوٚد باہم رلَن اَدِ کوہ اَلن سنگر ڈلن
دردِ ہٕتی یِم میأنی آلو ساز تےَ سامانہٕ چون

سرِو گُجہِ پیٹھ اول اوسُم ترٛٹہِ لوٕلچہِ کوٚر فنا
خانہٕ میٛون بُرباد گوو آباد أسِن خانہٕ چون

جنگہٕ منٛزٕ مرنٕک ژٕیُہا لوٗلَس اندر ہر دم مرُن
جنگہٕ کھوٗتے زیادٕ دژٕوگ پیوٚ عاشقن یارانہٕ چون

ژأر چھَنہٕ پننہٕ نبٕن تہٕ پردٕبن دینداران کأفرن
لولہٕ والٕبن سارِنٕے کیٛتھ وٚتھ چھُ دسترخانہٕ چون

تازٕ غزلا آو ہٕتھ مہجوٗر گن دأرِتھ ژٕ بوز
نوکتہٕ زأوِلی بوزٕناوان گاٹہٕلٕبن دیوانہٕ چون



غلام احمد مہجوٗر

# غزل

وٚلِسی وَنتہٕ دردٕ باغس آمُت بہار آسیا
لولُک بہار وُچھنے دژٕ امُت سُہ یار آسیا

سُلہِ پھیرِ واو گوشن وُزناوِ ہِنٛدرِ پوشن
اندیشہ چھُم خبر چھا بُلبُل تیار آسیا

لَوٕ ہٕرٕشٕ تہٕ چھندریٕرٕ مسول ونان چھےٚ واوس
دامانہٕ ییوٗن تیٚمۍ چھوٗل لتن راٗتھہ قرار آسیا

باغس اندر ونان چھُس احوالِ دِل گولابس
کوٚ زانہٕ روبروتَس وَنہٕ نَس مےٚ وار آسِیا

چمنس اندر ژٔٹھ پر ترأوِتھ ژلِم ستمگر
یتھہٕ پأٹھۍ خستہٕ گوٚمت کانٛہہ جانوار آسِیا

لوٚ گمُت تِمس چھُ پرَمس کیٛاہتام میون ووٚنہَس
نتہٕ وَنتہٕ بے سبب تَس چمنَس خُمار آسِیا

دوٚپمس دما ژِ روزُم گتھہٕ تارٕ وارٕ بوزُم
دوٚپنَم بہٕ بوزِ کوتاہ گژاون شُمار آسِیا

کوٚ ستوٗرۍ وٚون یہِ کاوَس چھٔنہٕ شوٗب ٹاوٹاوَس
ظأہر تیِمٚس چھےٚ مُستی تَس دِل ہُشار آسِیا

مہجور گُل تہٕ بُلبل رٔژ تھٔکھ ژےٚ روبہٕ بِلکُل
کیٛاہ اَتھ تہِ معنہِ ژاران کانٛہہ پوٚختہٕ کار آسِیا



## حیرتؔ کاملی (۱۸۹۰-۱۹۶۸ء)

# غزل

نسیمن وُزناوٕ مسول زِ خاب آہستہ آہستے
صبا گستاخ گوو تُلنس نقاب آہستہ آہستے

ترٛسأنی سوٚنبلن ہَچہِ کارِ ٹینکہ بٹنن اِشارا کوٚر
اَسأنی نازِ سان وۄنہَس جواب آہستہ آہستے

گُلن چاکِ جگر شبنم وَدَن سوسَن چھُ وبرٛھناوان
ونان ینبرزَلن تعبیرِ خاب آہستہ آہستے

وَنے کیٛاہ نو بہارچہِ مجلِسے ہُند شانِ زیبأیی
چھُ تُلمُت سورگچھو حوٗرو نقاب آہستہ آہستے

شگوفن ترٛ ایہِ اکہِ وُگرایہِ واوٕچہِ پوشہِ روٗدا کوٚر
کوٚرُن بروٗنٹھے ادا ہرڈُک حساب آہستہ آہستے

شبس منز حیرتَن کٔریاوٕنکہِ جوشے سیاہ مستی
دوٚہَس پتھ گُن کوٚہَس گوو آفتاب آہستہ آہستے



صمد میر (۱۸۹۳-۱۹۵۹ء)

# نِشہِ ہے اوس

لولہِ ژۄرن مُشنَس رِشہِ ہے
نِشہِ ہے اوس
ہولہِ وانجِہ چھُم پِشہِ پِشہِ ہے
نِشہِ ہے اوس
کھونہِ للہِ ویوم راوَن راے
وونِ کۆت گوم لاگس نیاے
رونہِ دامانہِ بۆڈ مےٚ اَشہِ ہے
نِشہِ ہے اوس
ژون کۄنجن چھس پھیران
بون ہیۆر تتہِ گوم نسیان
ہلہِ مہ نازو اَمہِ گردِشہِ ہے
نِشہِ ہے اوس

ہَنہِ ہَنہِ گوم تنہِ برِ یان
اَنہِ گٹہِ یمہٕ کنہِ پھُٹران
وَنہِ نیران چھُمنہٕ تمہِ دِشہِ ہے
نِشہِ ہے اوس

در ہفت خانہٕ گرنَس بند
بر دِتھ گوم گریہِ چہُ گُند
سیم تَن ترأوِنَس اَڈٕ کھشہِ ہے
نِشہِ ہے اوس

ذکر جہار بیِٚہٕ اذکار
فکرِ منز ژاو شب بیدار
لا تہٕ الا اللہ تھوُن منز کشہِ ہے
نِشہِ ہے اوس

فنہُک شکھا ژَٹھ وُچھ بقا
تمہِ نیرِتھ چھُ شاہنشاہ
مےٚ تہٕ تَس تتہِ کتھہٕ گیہِ ہِشہِ ہے
نِشہِ ہے اوس

گاہ چھُم مےٚ دیدگاہ چھُم شنید

گنہٕ بوٗزُم حبل الورید

ژشرأونس کیاہ زِ دِشہِ دِشہِ ہے

نِشہِ ہےَ اوس



صمد میر

## کیاہ گلہِ گر ٹھہراو

تن نارٕ ژز آرٕوَلہِ کیاہ گَلہِ گر ٹھہراو

دیدارٕ ستی وارٕ بَلہِ کیاہ گَلہِ گر ٹھہراو

ہے کتی گرِتھ گانگلہِ دَیہ کس تمنا دژاو

کھیٚیہِ چیٚیہِ بیٚیہِ تھاوِ پَلہِ کیاہ گَلہِ گر ٹھہراو

یُس ییٚتہِ اَوےٚ پھولہِ تَس آسہِ گُر گوٚندتہٕ ناو

تتہٕ چھا دِوان اَنہِ کھَلہِ کیاہ گَلہِ گر ٹھہراو

دَچھ رأنٹھ کھُرٕ ہَلہِ ہَلہِ تتھ ما وَر زانہہ دژاو

کأرِ گر کوتاہ دَلہِ کیاہ گَلہِ گر ٹھہراو

پلہٕ کھوٚت پھوٚٹ سے کولہِ زانٔہہ نو سُہ مےٚ نِش آو
نِلہٕ وَتھ للہٕ وُم لولہِ کیٛاہ گلہِ گر ٹھہراو
یاونہٕ بہٕ لولہٕ وَتھ لولہِ بیٚیہٕ اکہِ دیدار ہاو
وُچھمَے دوہے تھَلہِ تھَلہِ کیٛاہ گلہِ گر ٹھہراو
ریحانہٕ ستی دِل بَلہِ سوٚیہِ کیٛاہ روٚٹ چکہٕ چاو
جوے تَے سوٚدُر ما رَلہِ کیٛاہ گلہِ گر ٹھہراو
موٚہ پِیا ہٕسی تِس ٹھولہِ لوٚہ لاگہِ شیٖرس داو
مشالس شُوبیٛاہ شرٛاکھ ہَلہِ کیٛاہ گلہِ گر ٹھہراو
اغیارس گیہِ زولہِ صمد میرس آو داو
زگ تہٕ پڑون کوٚڈُن پھَلہِ پھَلہِ کیٛاہ گلہِ گر ٹھہراو



## لَسہٕ خان فِدا (۱۸۹۳-۱۹۶۳ء)

# غزل[1]

أتی گوشن ژٕ کر یارس صدا میون — ستی ہاوُس تہٕ باوُس کیٛاہ مُدعا میون

ہلالِ عید چھُم پیغامِ دِلبر — خیالِ دیٖد منظورِ ہُدا میون

اصول عشق اندر بے نشأنی — نزوٗل غیب چھُے راہ ہُدا میون

ادائے فرضِ دائیم قرُب درگاہ — سرائے لامکان از ابتدا میون

لبالَب جام ساقی مظہرِ دِل — آدابِ عاشقانہِ اقتدا میون

مُرادس مطلبس واتُن چھُ امکان — ارادس تٔمۍ ہٕندِس زُو جان فدا میون

بزینت خاکِ آدم کوٚر نہٕ روشن — ازینت آسمانن پیٹھ ندا میون

دوہے چھُم نو بہ نو پیمانہٕ چاوان — یوہے دلدار اَز دِل کر جدا میون



---

[1] یمہِ غزلچ اکھ خصوصیت چھےٚ یتہِ زِ پرٛتھ مصرُک گوڈنیک اَچھُر ترتیب وار رلاٰوتھ چھُ شاعرسُند ناوتہٕ روزن جاے ظاٰہر سپدان۔

## رسؔا جاوِدانی (۱۹۰۱-۱۹۷۹ء)

# غزل

یتھ کیاہ زِ گژھ ہے زتھ کیاہ زِ مرِ ہے؟ چھُنہٕ انسانس پانس تام
دِل دِتھ اَدِ کیاہ زِ دوٗربر زرِ ہے؟ چھُنہٕ انسانس پانس تام

اَولہٕ اولے اُخر سَرِ ہے، صُبحس وَنہٕ ہے کیُتھ آسہٕ شام
ازلکی لیکھیٕ متی فرمان پَرِ ہے، چھُنہٕ انسانس پانس تام

گَلہٕ وٲلی خٲلی خم خانہٕ گَرِ ہے، رِندٕ گے بے خود چیتھ اکھ دام
عشقنہٕ میخانہٕ پیمانہٕ بَرِ ہے، چھُنہٕ انسانس پانس تام

سوٗنراسوٗنہٕ گنہٕ سرتَل گرِ ہے، گژاکس وَنہٕ ہے روپھ گووترام
خامَس تہٕ عامس یکسان کرِ ہے، چھُنہٕ انسانس پانس تام

یِی خوش گژھ ہس تی پانہٕ گرِ ہے، نا حقہٕ رَسہٕس لوگ الزام
دامانہٕ رٕچھتھے سوٗ درَس ترِ ہے، چھُنہٕ انسانس پانس تام



# غزل

دِلس منز چانٛژ تعشوقن کٔرِم جاے سرس منز زنتہٕ لوٚگ نیلوفرس آے

وَلو عشقو پٔژزلونہٕ آفتابو یہٕ پرتَو چون چھُم کاسان غمچ ژھاے

چھُ عشقٕے شولہٕ ناوان کاینانس چھُ عشقٕے سارِ سمسارُک زُون پاے

چھُ عشقٕے کوہ ژٹان بالَن پھران آب چھُ عشقٕے نارٕ زالان پان بے واے

ساکس عالَمس منز ژیڈ چھےٚ ژٕجمٕژ دٕلکی ارمان سأری کَس سنا دژاے

قدم ڈاجوو رسَہس گاٹہٕ جارن روٹُن دامانہٕ عشقُن روٚد بر پاے

# غزل

تَس کُن وُچھِتھ بے تاب گوو صد پارٕ دِل سیماب گوو

کَتہِ ژول حُسنُک پٔرو دِلن پوٚ تاپھ شینٛس آب گوو

وَلہٕ اشکہٕ جوِیے آب کھوٚت سٔری پیٚٹھی سرُک سہلاب گوو

تَس ناگہٕ ہِندرٕ چھا پوان آرامِ دِل یَس خاب گوو

خُمخانہٕ عشقنہٕ ساقیا کُس تشنہٕ لب سأراب گوو

کینٛژن اگر زر گوو وٚفور کُھدرس تِتھے کمخاب گوو

ہر جایہٕ رسہَن ژھور گُل گُلگام گوو، لولاب گوو



احد زرگر (۱۹۰۴-۱۹۸۴ء)

# سُے مےٚ دِلس کان

رنگ بالہِ ڈۄلُم تازٕ گُلس سُے مےٚ دِلس کان

سنگ کالٕی ژۄلُم رازٕ بلس سُے مےٚ دِلس کان

حدٕ رۄس چھوکھ آم رأیلس لیٛترِ کترُم پان

اَدٕ گاٹم زدٕ نِشہِ نأیلس سُے مےٚ دِلس کان

نارٕ چی رہہ چھم جسمِ گُلس دم بہ دم تیزان

پارچہِ زالٕی نم سوٗر مَلس سُے مےٚ دِلس کان

کلہِ نیلہٕ رنگ گوم صندلس پیوم رنگِ زعفران

گلہِ زبو مے گیم بُلبلس سُے مےٚ دِلس کان

ہِتہٕ دِژ مے نظرا پانٕ ژہَلس پوٗر کما کان

شےٚ تہٕ داہ أسِم موہرٕ چھَلس سُے مےٚ دِلس کان

تُلرٕ ویوٗر ہتھ ژایہِ چلس اندرٕ أنز راوان

زٕلری گیوٗر کوٗر نفس ژہلس سُے مےٚ دِلس کان

یِی پانہٕ ہرٔوم جانہٕ موٗلَس تی تھوٗوُم ارزان

بیگانہٕ دپان توتہِ لوٗلَس سُے مےٚ دِلس کان

احد زرگر زاگہِ شِلس لاگہِ غزل خان

باغٕ رضوان حدٕ دِلس سُے مےٚ دِلس کان

احد زرگر

# وولہٕ کائلی راوَے

دردِلہٕ سرپاے اوحال باوَے        وولہٕ کاڑی راوَے کھکھ ارمان
سروَل بر بستر وَتھراوَے        وولہٕ کائلی راوَے کھکھ ارمان
سُلہِ گُلہِ ٹُورہن موے برناوَے        وِلہِ وِلہِ چاوَتھ پوٚرٕ پیمان
دِلہِ جگرُک ماز آیُت تھاوَے        وولہٕ کائلی راوَے کھکھ ارمان
یَنہٕ کنہٕ بوٚزُم چاأنی شاوَے        تنہٕ بالہِ پاأرِم سنٛز تہٕ سامان
سَنہٕ گوم تنہٕ کرتن مِلہٕ ناوَے        وولہٕ کائلی راوَے کھکھ ارمان
ہاوسہٕ دزٕ ایس اَمہِ چانہٕ ناوَے        داوَس لوگُتھ میون زُو جان
واوَس اَتھِ بو نامہٕ سوزناوَے        وولہٕ کائلی راوَے کھکھ ارمان
زوٚرِ زوٚرِ اوٚش بو کوتاہ تراوَے        سوٚرٕ نار یُٔژ کال گوم للہٕ وان
حورِ پھیرٕ زردی عشقہٕ آمہٕ تاوَے        وولہٕ کائلی راوَے کھکھ ارمان
دَیہٕ سُند لیوٚ کھمُت کتھہٕ نُہناوَے        مویہٕ مویہٕ بالہِ گاأم چاأنی زولان
نَیہِ نَیہِ شَیہِ شَیہِ آلو دیاوَے        وولہٕ کائلی راوَے کھکھ ارمان
زرگر احدیوٚ سوز وایہٕ ناوَے        ہر وِزِ روزَے زیرِ فرمان
کر زانہہ آدنک وعدٕ پھُٹراوَے        وولہٕ کائلی راوَے کھکھ ارمان

☆

خاتون بانو ضعیفہ (۱۹۰۶-۱۹۹۳ء)

# ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

آرِول چھس ڈٕزہٕ نارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

ماہ پارٕے شاہ سرکارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

ژۄرِ ہووتھم نوٗرِ روخسارٕے مُورِ تھووتھم نار للہٕ وُن

بالہِ چونُے چھُم اَمارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

بێیہِ یکھنا اشہِ متہِ یارٕے لَشہِ نارٕے دۄد دِل میون

پَشہٕ وِنی چھم اَشہِ نے دارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

چشمہِ نرگس گُمہٕ ستارٕے بُمہٕ رُمہٕ نے کرتجہِ لون

وَسہِ روٗدُم سے خارٕ خارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

لا تہٕ الااللہ سِرِ اسرارٕے نفی اثبات دِتھ گوم چھون

سَرٕ کُری تھے پوختہٕ گوم کارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

مَلکوٗتہٕ نِش زیرٕ بم گارٕے پر محرم اَتھ مےٚ زون

لاہوٗتہٕ نِش گوم مِلہٕ ژارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

مست بُلبل متہِ گُلزارٕے بَرُون لول نوٚوتے پژون

گُل گرشھن بَرٕ روزَن خارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

لولہٕ ضعیف دِل آوارٕے کعبہ قبلٕے تَمہِ کیاہ مون

بروٚنٹھ کنہٕ یَس دِکھ دِدارٕے ماہ پارٕے بێیہِ وولہٕ سون

حسن ڈرائیور (۱۹۰۸-۱۹۸۰ء)

# غزل

بألِر یاوٕنس مے مار گڑاہِے کألِر ضایے گرِژھ لوکچار
یارِ میانے یاوَن راہِے کألِر ضایے گرِژھ لوکچار
لولہِ باغس پھُلیاہ دراہِے وولہِ چھاوو گُل تہِ گُلزار
دلِ بلبل چھُے مےٚ شیداہِے کألِر ضایے گرِژھ لوکچار
پھٕٹ مےٚ وأنج چانے ماہِے چھُے نہِ یوان دانہِ میون عار
پیڑھ کیاہ چھکھ بے پرواہِے کألِر ضایے گرِژھ لوکچار
خوجہِ یاربل ییٚہِ رنگہِ ناوے حضرت بل بنہِ دیدار
تَتہِ سردار سون تھَدِ پاہِے کألِر ضایے گرِژھ لوکچار
کیاہ مےٚ اوٚسُم ازلُن نیاہِے گوٚس ژٕے پَتھ یٕژ گرفتار
جوٗگی لأگِتھ نیرے گداہِے کألِر ضایے گرِژھ لوکچار
سرِؤ زن چون قد زیباہِے حد چھُ لاحد لٔبتھ لامکان
جاےتورچھنہِ وہِیہِ کرژھاہِے کألِر ضایے گرِژھ لوکچار

گمہِ سوندرِ دُنی یہس آیے ووُچھکھ دُنی یاہ ناپایدار
افسوس کھوٗان اند مزار ژاییے کالکی ضایے گژھ لوکچار

ووُچھتہٕ جُم جُم لَرِ لزاییے ڈَبہِ تَل اوس تَس ہرکار
نے سُہ جُم جُم نَے تمہٕ شاییے کالکی ضایے گژھ لوکچار

پتہٕ کرِ ہے لولہٕ متہٕ لاییے اَستہٕ کرِ ہے حال اظہار
لولہٕ پیالن بَرِ ہے چاییے کالکی ضایے گژھ لوکچار

شاہ یوسفس تمہِ زلیخاییے وُنی دِتی نَس کوچہِ بازار
پھیرِ طرفن ڈیشن نایے کالکی ضایے گژھ لوکچار

ہی مالہِ دوٗپ نأگراییے ڈُنگ دِژھم تَل پاتال
کس بہٕ تراوتھس بےسروساییے کالکی ضایے گژھ لوکچار

ڈُبہِ ٹلی کنِز زوٗنا دژاییے تارکن منز شولہِ ماران
تاپھ ڈیشتھ روٗز کتھ شاییے کالکی ضایے گژھ لوکچار

ڈرائیور حسن آمُت گداییے پاسِ للّٰہ ہاو دیدار
تھرِ چھم کرِ کیاہ تمہِ شاییے کالکی ضایے گژھ لوکچار



<u>دینا ناتھ ولی المسّت کاشمیری (۱۹۰۸ء)</u>

# وُزمَل

بالہٕ پیٚٹھی کالہٕ اوٚبرٕ تٲلِتھ     وُزمٲلِیے مَے گَھٹھ پان
روزی ساتھا ژل مہٕ وٲلِتھ وٲلِیے     وُزمٲلِیے مَے گَھٹھ پان

پیٚٹھی بُزدِل جندٕ وٲلِتھ وٲلِیے     شیر دِل نیٚ ژٕ وَتھ ہاوان
وأتی مٔنزی لَس ترٹہٕ وٕپے تٲلِیے     وُزمٲلِیے مَے گَھٹھ پان

تراوِلوٚت لوٚت یِم کھورٕ پھٲلِیے     وارٕ وُچھنک اَسہٕ ارمان
اُچھ ناٹہٕ وٕپے ستیٚ اٲسر گٲلِیے     وُزمٲلِیے مَے گَھٹھ پان

اوٚبرٕ جن گس پٕرِیہٕ ہتھ ژٲلِیے     سوٚے چھےٚ وٕدی وٕدی ڈوٹھ ہاران
چھکھ ژلان سوٚے تٲلِیٲرتہٕ ژھٲلِیے     وُزمٲلِیے مَے گَھٹھ پان

لالہٕ روٚے چون جامہٕ ووژٲلِیے     کالہٕ موٚیہٕ مٔنزی ترٹہٕ تراوان
نازٕ موٚدی کتیٚ دژایہٕ رازٲلِیے     وُزمٲلِیے مَے گَھٹھ پان

اوٚبرٕ دٕو عشقٕہٕ پیچان وٲلرِ یے    کرِیکٕہٕ دِتھ تُلٕہٕ ہے اسمان
خوفٕہٕ ستۍ آرٕ وٕتھ ژٲلی ژٲلرِ یے    وُزمٕلرِ یے مَے گَھٹھ پان

جُرِتھ اوٚبرس سونٕہٕ ماوٕلرِ یے    شولٕہٕ نووُکھ سور اسمان
تلٕہٕ جُری تھگھ موجتٕہٕ انزٕلرِ یے    وُزمٕلرِ یے مَے گَھٹھ پان

اوٚبرٕ گوٚری چھی کران لِل لِلرِ یے    کمچِہٕ دِتھ چھَکھ پکناوان
شروٚنی شروٚنی دار رونہِ منزلرِ یے    وُزمٕلرِ یے مَے گَھٹھ پان

ژٕتٕہٕ اسمأنی بٕہٕ تٕہٕ پاتھٕلرِ یے    بے قرٲری اَسہِ یکسان
اُلمستن چھےٚ ہیٚرٕ مٕژ مٕلرِ یے    وُزمٕلرِ یے مَے گَھٹھ پان



## نشاؔط کشتواری (۱۹۰۹ء)

# غزل

وُچھان بلبل بہارِ گلستانس — گُلن ہُند حال باوان باغبانس

تبسم ریز چھے سپدان سُہ دلبر — پھولن کأتیاہ چھِ گُل غنچہ دہانس

یِوان برقِ ستم ہٕنٛز ہٕنٛز ستمگر — دِوان ژھاران میأنس آشیانس

پری روخسار ڈیوٗ ٹھُم نازنیناہ — کران شرمندٕ مہرِ آسمانس

نوٗوے سمہا چھ ہیتھ طوفان بردوش — صبا رفتار انسان یَتھ زمانس

ستارن تام واتُن کیٛاہ چھُ مُشکل — تصور میون چھے پیٹھ آسمانس

بہٕ زانا کعبہ تےٚ بُتخانہٕ کیٛاہ گوو — کران چھُس سٕجدٕ تَس جانِ جہانس

نشاؔطِ رازدان چھے راز باوان — دِیَس کُس داد اَتھ حُسنِ بیانس



## میر غلام رسول نازکی (۱۹۱۰-۱۹۹۸ء)

# رباعیہ

شبُک گٹہٕ کار دیُت تھَم زوٗل کوٚرمَس
ئمہِ بے کار کتراہ پیالہٕ گوٚرمَس
کرہم چأنِس زمیٖنَس مالہٕ پوشن
ستن طرفن وَتن الماس جوٚرمَس

O

مہ کر گنِدٕ باشہِ کوتاہ کال پژارے
وِصالچہِ آشہِ کوتاہ کال پژارے
دوہَس راتَس چھُھَم آسان أچھَن تل
أچھَن ہندِ گاشہِ کوتاہ کال پژارے

O

جوأنی منز چھُ آسان رُستُم وزال
بُڈتھ باسان یِہوے رُستم زلری زال
بُڈس ہمتھ دِوان، اوٚز زُوتہٕ دوٚر کوٚٹھ
مگر آشیٖنہٕ گرٕھبس آسنہٕ بہرحال

تیمِس ژھانڈو چھُ سُے روزان چھُ روپوش
دپان یَس ہوش آسن تسی ڈَلن ہوش
کھورس پچھنہٕ کوٚنڈاژان وأنسَن گِنڈِس زانٔہہ
پھولان صُبحن پہوان شامَن ہرِتھ پوش
O
گُنے ییٚلہِ ترٛاونے بیچارٕ پانو
کرَکھ کیاہ قبرِ منز ناکارٕ پانو
گرَس گُس رأچھ روزی لوٗٹھ کرنَے
مرکھ ییٚلہِ میانہٕ چوکیدار پانو
O
وَنن گأمژ گُنی شہرن تہٕ گامن
کنَن منز شورِ محشر خاص و عامن
برن ہانکل تھٔوِو دارٛن دِیوٗ تأری
گرن منز خوف وَتہِ پکہٕنَس تہِ کامن
O
پتولاکن یہٕ دُنیا تَے اَمیک رنگ
ژھوٚزرے دوکھا، فریباہ حسرتھا بس
اَما تتہِ کیاہ سنا حالات آسن
یوان پچھنہٕ تورکانٔہہ پھیرتھ یرٛ ژھوکس

مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ (۱۹۱۰-۲۰۰۳ء)

# ربأعیہ

چانہِ مرضی پیٹھ پکان گوو میون کار
میانہِ خأہِشہِ روزٕ باقٕے بے شمار
بڈ منت چھم حسرتن تھٔوی زٕہم حساب
یُتھنہٕ بُتھی لاگے گرٕھہم روزِ شُمار

O

نٔتس پیوٚ سٔجدٕ دِتھ سوٚ درٚس منگُن آب
حُبابس چونٹھ دِتھ لب تشنہٕ بے آب
مےٚ نِش بہتر سمندرٕ کھوتہٕ سماوار
دِژِن گرٕ بکھ طألبس گوو پیالہٕ سأراب

O

ہٕزِل لشہِ کوٚر زِنٕس کیاہ شوٗب دٕزنٕس
ژندن ۂٹ مُشکہٕ دٕز تعریف پٕزنٕس
ژٕنوٕ دوٚپ نارٕ دٕزمٕژ أسی سیاہ رو
سوٗنٕس کندن کران، مٕز وارٕ دٕزنٕس

وَتہٕ بند گیہِ جُنگلَین ہُند دور آو
زِیُٹھ عوامُک مُنتخب از یور آو
لورِ ژٲنڈ کھیٚیہِ فاقہٕ ہتۍ اَکی باکھ ژٲھٹ
ہا خدایو از تہِ ہےٚ چھُس ہور کاو

O

گرٕ ھان کردار نِشہِ ییٚلہِ قوم خٲلی
چھےٚ عٲلی ہمتی راوان جوانن
چھُ شہبازن مشان پرواز فِضہُک
گرٕدن ہتھن بہان دستار خانن

O

پُجس چھُنہٕ شرٲکہِ ہُند احساس پانس
اویزان لاشہِ چھُس آسان دُکانس
بہان ڈ ٚکھ دِتھ بیٚین ہُند ہوٹ ژٹن وول
تِمس یوٚت تانٛ واتان وآری پانٛس

O

عنایتہٕ چانہِ سپدُم کیمیا خاک
سِرن ہٕندِ سینہٕ کےٚ اَدِ پرٕدِ گوو چاک
وجوٗدُک تےٚ شہوٗدُک اسم اعظم
محمدؐ ناو چوٗنےٚ شاہِ لولاک

حسین علی تنہا انصاری (۱۹۱۴-۱۹۶۹ء)

# غزل

بہتم ژٕ ییٚتہٕ ساتھا چھُ غنیمت یہٕ مُلاقاتھ
دلدارٕ خودا زانہٕ یہٕ ما آسہٕ پٔتم راتھ

ترٲوِتھ مےٚ کُن یامَتھ ژےٚ نظر زبو مےٚ کلیمَ
وبہٕ ریٚوس مُشِتھ گٲمِ پٔتم شکوٕ شکایاتھ

أندری مےٚ تارن زیرٕ لُجم ساز گوو پُر سوز
پِتہٕ ما چھےٚ چانے نظرِ ہنز خاموش کراماتھ

حالاتھ پرٛژھنَس پأرِ تم چھا ڈنجہٕ زانہہ روزان
گردش کھوٕان حض دم بدمٕ گردش کھوٕان حالاتھ

چھکہٕ ہےَ بہٕ وَتن دیٚار میون احوال چھےٚ روشن
بس چھُم کُنے سرمایہٕ تخیل تہٕ محاکاتھ

لولا بۄرُتھ یَس تمٕ ژےٚ دِیُتنے زخمِ دِل تنہا
کھٔبتھ زخم زیوٗنتھ باز تمٕ راوُر پنُن اوقاتھ



غلام نبی عارضؔ (۱۹۱۶-۱۹۶۵ء)

# غزل ۱

بہارس بوش کھۄتمُت توش لُتٕریے     سۄ یاون مُژ چھےٚ پاٗرِتھ جامہٕ چھٕتٕریے
ژٕستھ آٲمتٕ چھِ ساٲری عاشہِ مُتٕریے     سۄ یاون مُژ چھےٚ پاٗرِتھ جامہٕ چھٕتٕریے

گُلاس لالہٕ رویَس کُن چھُ سرخم     ہواوَن زلفِ خم کۄر وارٕ برہَم
کنو پٕتٕ کُمٕ ژےٚ لاگی کارِ پٕتٕریے     سۄ یاون مُژ چھےٚ پاٗرِتھ جامہٕ چھٕتٕریے

خمارُک طُمطراق از شالہٕ مارن     نۄوُے یاوُن چھُ لۄبمُت لالہٕ زارن
کران گُل گلعذارس نالہٕ مُتٕریے     سۄ یاون مُژ چھےٚ پاٗرِتھ جامہٕ چھٕتٕریے

بٕنِتھ بلبل گُلن منٛز ناد لایے     پرَے افسانہٕ نۄو نۄو ساز وایے
ژٕ للہ گوش نادن تھاو مُتٕریے     سۄ یاون مُژ چھےٚ پاٗرِتھ جامہٕ چھٕتٕریے

چھونی کٲیاہ گرٕھی کم بُرقہٕ مُژ راو     مےٚ کُن بادام چشمو اکھ نظر تراو
ہلمٕ دٲرِتھ چھِ آٲمتٕ لولہٕ ہُتٕریے     سۄ یاون مُژ چھےٚ پاٗرِتھ جامہٕ چھٕتٕریے

موٕللۍ دُردانہٕ زُلفن تل طرحدار　　زٕ بلبل والہٕ واشن منز گرفتار

توٚے عاشق چھِ گاٮ۪متۍ آرٕ کٔتۍ یے　　سو یاون مُژ چھےٚ پأرِتھ جامہٕ چھٔتۍ یے

مبارک پانژھ دوہ ییمِہ نوبہارٕ کی　　غنیمت سورٕ ونی دوہ لولہٕ نارٕ کی

قدم ٹھہراو شہلن نارٕ تٔتۍ یے　　سو یاون مُژ چھےٚ پأرِتھ جامہٕ چھٔتۍ یے

تھکن سرمایہِ اوسُم لولہٕ ہوٚت دِل　　سُہ کوٚر تھٔم رمزٕ تیٖرو نیم بِسمل

وَنے کیاہ غمزٕ گرٕ نَم مارٕ مُتۍ یے　　سو یاون مُژ چھےٚ پأرِتھ جامہٕ چھٔتۍ یے

کنن گوم اُدی آدی چونٕ آو آو　　دوان عارِضؔ غزل خوانی کران آو

وَتن چانن بہٕ وَتھرے پوشہِ پھٔتۍ یے　　سو یاون مُژ چھےٚ پأرِتھ جامہٕ چھٔتۍ یے



---

1. کیٚنہہ نقاد چھِ یتھ شارٕ ہِنٛز "وشُن" تِہ وَنان

دینا ناتھ نادم (۱۹۱۶-۱۹۸۸ء)

# سونتھ تہٕ ہرُد

وۄتھی باغٕچ گنٛگوٗلی کوٗ کوٗ کری کری جل تہٕ قُمری منہٕ ناونے
وُچھی سونتہٕ کہِ واوُک ہوٗ ہوٗ آمُت باغہٕ یِیر وُزناونے
گاہ لۄگ گٹہِ ستی مُتی کرنے
شبنم لۄگ باغس پھۄتی برِنے
مےٚ چھُ باسان شاید اوٚبرس تَل وُزمَلہٕ لٔج مَس مُژاونے
پاٚڑٕ مستَس عطر تہٕ پھۄلوِلہِ مٔلتھ
روپہٕ سٕزِ تنہِ سونہٕ سُند جامہٕ ؤلتھ
کمہِ تہٕ سان نور پہہ آمُت چھُے نوٚو جور گُلن تھکِہٕ ناوِنے
کوہہٕ پیٚٹھی پانژادر ہکِچہِ کرِتھ
رونہِ دامانَس چھونہِ موختہٕ جرِتھ
پوٚت زونہِ وۄتھتھ ڈُلہِ پلِنے پیٚٹھ آمُت موٚت یاوُن چھاونے
ینبرزلہِ نِے سَر نوٚمرأوِتھ
واوَن ژھُن شبنم چھکرأوِتھ
مأنزِ شِنٛچھ بوٗزِتھ مہرِنٛزٕ زَن واٚرِ وگرِ لٔج اوٚش ترٛاونے

نۆو بوش چھُ کھۆتمُت پوشہِ تھرِ ہن
باوِنی گُلہٕ نِیے تَے ینگرِ ترِ ہن
دوہنے ہُند دودِ شُر پنہٕ پوشِر کھونہِ پھروِتھ لٔج ہاونے
انگ دیُت کونگ جامن آرِ وَلن
رنگ پھیُرِ گُلہِ ٹُور بوئندِ کیِ ڈَلن
موصوٗم لالن سینٛدِ نالَن پیٹھ آمِژ مسول اَسہٕ ناونے
امنگ پأغاماہ ہیتھ فطرت
آمِژ گُل، واو تہٕ شینم ہیتھ
افسوس فقط انسانِ یوت آو ناو پنُن منٛدِ چھاونے
مزدوٗرس نوٗرس ژوٗر کٔرِتھ
زردار پنُن دامانہٕ برِتھ
سَرِ بازِری پھیران ناز کٔرِتھ آدمی مازس مولہٕ ناونے
رتہٕ قطرن سانہِن بتہٕ کٔنی کٔنی
غلہٕ دارو دَیہِ گتھ مأرِتھ ژھٔنی
پیٹھ دژامتی بُتھہِ نِیے غازِ مٔلِتھ استانن دَشہِ مُژراونے
ہکمن کیتھ ہےٚ ہےٚ موہرِ تہٕ زر
وُنہِ پھیران فرہنگی بأزی گر
نۆو تہٕ ہٕشرِ ہتھکرِ ہیتھ دٔلہِ نِیے تل آمتی اَسہِ لیٚیہِ ژھلراونے

وولہٕ زیرٕ دِمو اَز طوٗفانس
مظلومس بے کس انسانس
اَلہِ قہٕ درتھ چھلہِ چھلہِ گرِژھ عالم ییٚلہِ وُزملہٕ ہِن شیٚچھ باوِنے
نوٚو سونتھ جمہوٗرک دِتھ تاجاہ
دژ امُت دِنہٕ چمنَس نوٚو داجاہ
أندرِم دَزٕ دَزٕ ہتھ اَز نادؔم آمُت پرزرس وُزناونے



دینا ناتھ نادؔم

## مےٚ چھَم آش پگہچ

(۱) مےٚ چھَم آش پگہچ
پگاہ شولہِ دُنیاہ

دوہس گاش ہُرِ گُل تہٕ گُلزار پرٛزلن
زمینس ہسَر لگہِ تہٕ سبزار پرٛزلن
وَچھس منز ہمس لولہٕ پھموار پرٛزلن

پگاہ شولہِ دُنیاہ

کرٛٗل لاگنے مےٚ گرژھن أچھ کنز آلی
وَسم دودتہٕ بَبہٕ ٹینڈی گرژھن مےٚ ووزآلی
تہٕ وَسہٕ ...

پگاہ شولہِ دُنی یاہ

کنن گرِژھ مےٚ چاں میاں ژٕلسم وہے تہٕ وایے
وچھس تَل مے ژٕہ ژٕہ کرہم آیہِ گرٛایے
لبن لوسہٕ گُٹھی ہے گھسہم موٗلہٕ مایے

پگاہ شولہِ دُنی یاہ

''ہُہ'' برژٕرنہِ تَل کن تھوٗتھ بوزِ لوٚت لوٚت
تہٕ تھٔز کأرتھأوِتھ سُہ ہیٚہِ نیرِ پوٚت پوٚت
تہٕ وَنہٕ وُن ہمس پوٚترٕ مأِلس بہٕ سوٚت سوٚت

پگاہ شولہِ دُنی یاہ

تِہنٛز سُندرٕ پننے ودٕ وچھے مبارک
بہٕ چھس پوٚترٕ مأج چھٔترِ بوٗنی فکرِ تارک
ہمکھ کو چھِ ہوٗنی ازٕ بہٕ ما کینٛہہ تہِ بارک

پگاہ شولہِ دُنی یاہ

دپان جنٛگ چھُ ووتھ وُن
پگاہ گوٚ ژھنہٕ سپدُن
پگاہ شولہِ دُنی یاہ
پگاہ گوٚ ژھنہٕ سپدُن

(۲) مےٚ چھم آش پٔنٕنۍ

یِگاہ وادِ چھُم تَس

بوٗد وہ لوٗستھِن ہیوٗ تھٔرن ژھایہِ پژ ارس
تہٕ ہی مال زن لولہٕ تَے مایہِ پژ ارس
گرٕ چھس ژٕ ریٚم غم گیاہ چھُ بےٚ وایہِ پژ ارس

یِگاہ وادِ چھُم تَس

ژٕ یِیہٕ مایہِ موٚت ژھایہِ ہوٚل گرٕ ایہِ ماران
بہٕ آسےٚ تمس مالہِ کتی پوش ژاران
کریم کتھ بہٕ روشس تہٕ چھولگہِ اشارن

یِگاہ وادِ چھُم تَس

سبٕٹھاہ ہونگنہِ رٔٹی تَن بہٕ تھٔوٕ کاربون کُن
تہٕ یِیلہِ ڈٕلی رَٹم تیٚلی وُچھس اَدٕ اَچھن کُن
رَٹم نالہٕ اَدِ اوٚش دَرُن ماچھُ مُمکن

یِگاہ وادِ چھُم تَس

تھٔوتھ کارکو چھِ منز دِلکی دآدی باوَس
تہٕ روپہٕ سینکی داغ نذرانہٕ تھاوَس
[illegible]

پگاہ واد چھُم تَس

وَتھم دوہ پچھ تر دیک ژھوہ مارِیاوُن
چھُ تُر پاٹھی اَسہِ لول ہاوُن تہٕ یاوُن
پٔتم پتھ پچھ تراوُن تہٕ توٚ وتچھِ ناوُن

پگاہ واد چھُم تَس

دپان جنگ پچھ ووتھوُن
پگاہ گوٚ ژھنہٕ سپدُن
پگاہ واد چھُم تَس
پگاہ گوٚ ژھنہٕ سپدُن

(۳) مےٚ چھُم آش پگہچ
شُربن مول واتہٕم

تتھے بوزٕ آلو تتھے برونٹھہٕ نیرس
رٔٹن نالہٕ متہٕ زورٕ أندی أندی بوچھیرس
نٕوس تازٕ گاسس پٹھے جاے شیرس

شُربن مول واتہٕم

تھٔکِتھ آسہِ آمت گوڑٕ نی پادناوس
تہٕ ۔۔۔ ٹھوٚ گ ۔۔۔

تہٕ نگھہٕ چیٚ گٕٹھر بڑٕ ہی کرٕ نظرِ تھاوس

شُرہن مول واتہٕم

گٕٹھری منٛز نٔوی گُل تہٕ گُلزار آسن

مےٚ چھِٹھِ جامہٕ کرنہٕ واجہِ طٔمار آسن

ہُبیس ختن ہٲج کرِ دیٛار آسن

شُرہن مول واتہٕم

یِوٕنہِ عیز کرِ اٚسی پَلونٔوی بناوَو

تہٕ کچہٕ پٔوتی جوراہ تہٕ قوربان تھاوَو

حبَس ژاٹہٕ باجن شُرہن بٲگراوَو

شُرہن مول واتہٕم

دیان جنگ چھُ ووتھ وُن

یگاہ گوٚ ژھ نہٕ سپدُن

شُرہن مول واتہٕم

یگاہ گوٚ ژھ نہٕ سپدُن



دینا ناتھ نادمؔ

# غزل

کھسہٕ وُن ہرِ یہِ تہٕ رامُن راج
وَسہٕ وُن ہرِ یہِ تہٕ راوُن دۄد
پاں ژادَرِ گٔیہِ أسی أسی نیل
تس نہٕ خبر گٔمی کوتاہ دۄد
أچھ نٕے تَل چھَم نَپہٕ نَپہٕ یاد
شینہٕ کوہو پیٹھی چون وَتہٕ پۄد
تَس پھۄر یاوُن آس نہٕ دڑیٹھ
مٕے گو بُجرس پۄت میۄنڈ ہۄد
نظرن میٔل، وُزملہِ گَس پےَ
کٔمی لوے تیرِ تہٕ گَس آو سیوٗد
نتھہِ نَنہِ اَنہِ گٹہِ گٔے گُمہٕ سژان
صُبحچہِ دَمدرِ نِش اوس گۄد
پنہٕ نٕے کاشرا نادِمؔ صأب
توٗہی دِیو زأنیوٗن مے چھُنہٕ ویوٗد

فاضلؔ کاشمیری (۱۹۱۶-۲۰۰۴ء)

# زوٗنہِ منٛز ڈل

بالہٕ پٲتھ کھژ زوٗن وٲژھ بے اختیار آبس اندر
یِی ڈَلس منٛز عام گو لٔگو اشتہار آبس اندر
ڈُنگ دِواں وٗلی وٗلی کھسان یتھہٕ پاٹھی کالے آمژن
مہرِنبن آسان چھےٚ سحرن لارِ لار آبس اندر
بٔندرِ وٲژھ راتچ جوانی گٔہہ ہُریوٗ و راتٕل چھونیوو
زوٗنہٕ وٗلی مہراز شوٚنگمت کوٚر بیدار آبس اندر
زوٗنہٕ گاشُک ساز بے آواز آبُک جل ترنگ
یِی کنو بوٗز بٔندرِ ہوٚت وٚوتھ شالمار آبس اندر
دوٗرِ دٔری گٔنڈی وِیر زارو جویارَو ہیوٚت گیوٗن
بالہٕ دامنٛز نژنہِ لٔگی پھرٕ ہس تےَ چنار آبس اندر
آنہٕ خانَس منٛز سجوو وٗلی حُسنچ پٔری یے محل
وٲژھ لِیو کٔنٛز وُزملو چھکٔو موٚختہٕ ہار آبس اندر
بالہٕ پیٚٹھی ہر جایہِ استقبالہٕ باپتھ لالہٕ دژاے
ووٚنٹھہٕ أتھی باغِ نشاطکو آبشار آبس اندر

کہکشان ہتھ راتھ ہتھ تارک تہٕ صبح و شام ہتھ
حُسنِ قودرت ہتھ وُچھان پروردگار آبس اندر

کوہ چھِ خاموش آب مدہوش دور ونزدیک زن بیہوش
سرِد گرٕملی نیاے گأتی ہمکنار آبس اندر

زوٗنہِ کُن پمپوش زأوِلی سادٕہ نیلأنی ڈُپٹہٕ دِتھ
مُنتظر روٗدی زاگ ہتھ روٗدی بے قرار آبس اندر

آے تارکھ چاندِ منز گژھتھ دِتھ دَوان بُرایہِ کُتھی
زوٗنہِ وُچھ وُچھ ژأنگی زألِکھ بے شمار آبس اندر

دوٗن نسیمن لونچہٕ تھپھ دِتھ زُونہِ وَس از ہے گنِدَو
روٗف کرو درگاہ ترَو از دی مے تار آبس اندر



فاضلؔ کاشمیری

# غزل

برم دِتھ ساقیہٕ نشہِ رأوتھ گوم چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خأکی یے

ہَے اَتھ وِبسہٕ ریوٗم وٕسی ماسنہٕ پیوم چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خأکی یے

لولُک سودا دژوگہِ کھوِتہٕ دژوگ پیوم سرٕوگ پیوم زأنِن پنہٕ نے پان

زیوٗٹھ زندگی ہُند دوہ ژُکرِ یوٗٹھ پیوم چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خأکی یے

شوقہٕ سان زانٛنی ہُندمس بأ گراوێوم — بے زانٛنی چھیتھ گٔے دِل ہُشیار

لُکھ چاوٕ ناوِم تہٕ پانٛس پرٕ پیوم — چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

وَدٕ نا وێسی یے تٔھی لایق گوم — مے گوو پڑٕ پأٹھی مندنین شام

ماشوق یِونے واپس سکھریوم — چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

پیاران پیاران سورٕے دوہ گوم — راتَس روزٕم تمٕی سنٛز آش

اَڈٕ پھلہِ گاشن ہٕشراوِتھ گوم — چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

توشہِ وُن یاوُن پوشہِ وُن گنزریوم — اَسہٕ وُن، لَسہٕ وُن، سفرُک یار

غأر زان لأگتھ اَڈٕ وَتہِ ژھنہٕ گوم — چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

لنجہِ لنجہ باغس منٛز لی باوێوم — سارِنے وِزِ وِزِ بٔنی آو

وَنہٕ کِس پانٛس کیاہ گُدریوم — چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

ہوٚسس پنِنس کُشتہٕ کرناوێوم — ییمہِ ستی ذرٕ ذرٕ کوٚر مے کیمیا

مأری مأری نفسُک پارُد سَر گوم — چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

مَنہٕ کِس سوٚدرس دِل غوطہٕ دیاوێوم — اَدٕ کرناوێوم سنٛزرُک سأر

تھزرُک ذرٕ ؤسی سنٛزرس منٛز پیوم — چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

شِلہٕ کِس سوٚدرس ہوٗ کھنہٕ ناوێوم — رُوح پرناوێوم اللہ ہوٗ

فاضلہٕ اَتھی حالَس اکھ سنہٕ گوم — چنہٕ روٗس پیالہٕ گوم خالی یے

پی، این پشپ (۱۹۱۷ء)

# غزل

أچھ تُلتَم سپدُس بے حال

پیالا برتَم تالا تال

وُٹھ گُمجارن وبگلوُس

پھرٕ ٹہٕ پھرٕ ٹھ چھُم پۆز یتہِ ما چال

سمیکِ وَتہٕ پۮی بَد تیٚمی کۮی

نِو وَتہٕ پکہٕ نَس تَس کیٚاہ گال

وولہٕ چھُ بورا پَتھ کالُک

ڈوکھ چھُے ژامُت کلہٕ پیٹھہٕ وال

اکھ سوربو اکھ وُنہِ چھُ ینے

گۆژھ نا اَدِ شِگنُن ازکال



پی، این پُشپ

# غزل

پڑارارن پڑاران پڑاران روٗدی

اسمانن اَتھہٕ داران روٗدی

وأنسن ہُند. وَسہِ اَسہِ اَنہِ گوٚٹ

ٹارہٕ ٹارہٕ ساران روٗدی

اَز نتہٕ از مَد وَسہِ سَمیَس

ئرِ گری گری ژھوہ ماران روٗدی

ہیوٚک نَے پرانی تارٕ ترِتھ

نوِ رَس أندی ئکہِ تھاران روٗدی

دِل پھُٹ توژھ گَج سوٗر بتُر

کتھ تام پتہٕ پتہٕ لاران روٗدی

وِزِ وِزِ پھَش لد گیہِ گوو کیٛاہ

ییٚتہِ یور رِژرا گاران روٗدی

گوٚژھ نا رأسی گرژھُن مَنہٕ سَر

سیکِہ لِس أسی سرٕہہ تاران روٗدی



پِتامبر ناتھ درفانیؔ (۱۹۱۹ء)

# وُزمَل

کُرِتھ پرٕدٕ اوبُرک چھےٚ مستوٗر کوس تام
کھٔژِتھ نوٗرٕ بٔرٕژےٕ ہِتھ کوٗر کوس تام
أتی پان ہاوان أتی ژوٗرِ روزان
چھےٚ مُژران دِوان سورگہٕ دأر حوٗر کوس تام
أتی نظرِ ستہِن گٹن منز انن گاش
أتی نظرِ ستہِن کران سوٗر کوس تام
چھےٚ پُری یا تُلِتھ وُپھ گژھان غأب جل جل
چھےٚ انسانہٕ نظرے ژلان دوٗر کوس تام
چھُ کُس جأدی گارس اثر یوٚت جأدِس
تیٚنچ بیقرأری چھےٚ ہتھ پوٗر کوس تام
تسُند گاہ پٔتھےٚ توفہٕ گگرایہٕ ترٛاوان
چھےٚ پٔتھ عاپٕچ تُمہِ پیٛژ مشہوٗر کوس تام
چھےٚ کوس فأنیو یِژھ یہٕ اَسمأنی مسوَل
وَنان تَس چھ وُزمَل، وَنان تِس چھ وُزمَل

غلام رسول حزین (۱۹۲۱-۱۹۸۴ء)

# غزل

سوختہٕ کوٚرنَم موختہٕ ہارس نوکتہٕ دارس نوکتہٕ خاص
نوکتہٕ بوُم پوٚختہٕ کارس نوکتہٕ دارس نوکتہٕ خاص

عشقہٕ منکلہِ نار زوُلم سون مےٚ گوُلم جوشہِ ستی
رٕشکہٕ گَہوچہِ پرکھوُم منز دُوچارس نوکتہٕ خاص

جایہِ خلوت مایہِ پَننے آیہِ لوٕلکی چھُس پران
ژھایہِ پننے ژھایہِ روٗزس ژھایہِ دارس نوکتہٕ خاص

زالہٕ زألتھ نیالہٕ زوُلم زالہٕ زأولہِ وَلنہٕ آس
زالہٕ أندرے حال روُوم حالدارس نوکتہٕ خاص

ہیٚرِ بون وُچھ چھےٚ محیطس شین ألفس میم جیم
زیرِ ظون ظاؔہر ذخیرس سینہٕ بارس نوکتہٕ خاص

شامہٕ رنگس دژایہِ جنگس یامہٕ چنگس لۄگ یہِ دیرٕ
جامہٕ رنگ بے جامہٕ یارس جامہٕ دارس نوکتہٕ خاص

پرٕدِ تھۄد تُل نرٕدِ بأزی برٕدِ بأزی روز ہُشار
گرٕدِ سأزی صنمہٕ رازی درٕدِ نارس نوکتہٕ خاص

گوٚو وجوٗدس تیز آتش نو سجودس ہیتھ چھُے پےَ
پوٚ سکوٗلتس دو سروٗدس زیو بہارس نوکتہٕ خاص

چھُس بہٕ کینٛہہ نےَ کیٛاہ بوٚ وَنے کینٛہہ نہٕ چی کیٛاہ کان چھےٚ
وُچھ حُزینو لا نشانےَ کینٛہہ نہٕ ژارس نوکتہٕ خاص



غلام نبی فراقؔ (۱۹۲۲ء)

# پشمرزل

ہُتھ مُبارک چھُے پھوٚجکھ یاوُن لوٚبُتھ

بختہٕ بڈٕ اَسکھ ژٕ آیکھ یور گُن

آسہٕ ہگھ نَے تیز ما ژلہِ ہے یہِ وَق

وونی ژٕ آیکھ روزِ ما ژے نِش بہتھ

اکھ صبح اکھ شام ماٗنو وأنس چأنی

وأنس چھےَ اکھ صبح چھُے اکھ شام چھُے

O

وُنی کنٕس دوہ چھُے تہٕ أندریُم نار چھُے

دِل جگر بیدار چھُے سمسار چھُے

یُتھنہٕ مُشراوَکھ یہِ وُنی کنٕہ چھُے پنُن

O

زوٗنہٕ گاشس یا کپٹرٕ چأنی تن

یا چھُےٚ گرمژ تورکہ جھانٕن تارکس

سورگہٕ منٛزِ چ نوٗرٕ رٲہہ گاٗمژ رٕٲہتھ
یا چھُ کوچھِ منٛز ماٗری مندیٗت وق رٕٲٹتھ
بۆمبرٕ گنگراین اگر چونٕے تلاش

O

یُتھنٕہ کانٛہہ ارمان أچھ پھِری پھِری وُچھی
شاد تھاوُن یاد ہاوسناک دِل
رٲہہ دِ پَنٕہ نِس لولہٕ نارس ہول کڈ
شولہٕ ناوُن لولہٕ ہوٚت اوٚند پوٚک پنُٛن

O

اکھ صبح اکھ شام مانَو وأنس چأنٕز
وأنس چھے اکھ صبح چھےٚ اکھ شام چھےٚ

☆

غلام نبی فراؔق

# اَنہٕ گٹہِ اندر

بجلی ژھبتہٕ گیہ ہنگہٕ منگہٕ شامس
ونہٕ جامس اَنہ گوٚٹ گوو

گوٚٹ زن گاشی دوِن چشمن گوو

بدنس ہیٚرِ بوِن گیہِ کُنڈی موٗر

نلکس ۂگٹھ گیہِ ہف ژھٹھ پھیرٕم

ۂکر دارِ سپُد وَہ واٗنجہِ وٗژھ

وَگوٚبن پیٹھ زن سیٚکہِ موٗٹھ لاٗیکھ

تھوٚد ووتھہِ ہا ژٕلہِ ہا ترٛاوٕہم ما

یَتھ لونچہِ مےٚ پھبرنس دَرٕ ہیوٚ گوو

دروازس پیٚتہٕ کنٕز تہِ چھُ کُستاں

کھٕر کھٕر ہےَ گوو نَنہِ وانہٕ أتی

یَتھ مٔشدِ اندر محرابس نِش

یٕم کٕم چھِ یمن رَتہٕ ژاٗنگی أچھن

مےٚ کُن چھِ پکان گرٕ کیاہ بہ یمن

یَتھ سرانہٕ گُٹھِس اَڈٕ وٗژھ گیہِ ئلی

یہِ چھُ پاٗسکھِ در وُنی آب کرٕم

ہُمہِ کوٗنہٕ یہِ کرٕژھ ہشِ ژھاے گَیم

مسوِن بیٚاٗرٕ اگر کوٚر آو کیاٗرٕ

تن سردے یَم شہہ چھُنہٕ ٹھہران

یوٚت اَژِ نا کاںٛژھا سَتھ گژھ ہمم

گَتھ گَرِ ہے کانٛہہ ہمدم بنہٕ ہمم

سُتہِ پرٛژِھ ہمم وَن از کیاہ سپدیٚو

بُتہِ وَنہٕ ہَس کانٛہہ افسانا وَن

O

ہُمہِ تھَمبہٕ تلہٕ ووتلیو دندانا

مےٚ کُن چھُ وُچھان مےٚ پتھ چھُ اَسان

ژَم ترٛامہٕ پٹیک رنگ تی باسان

چھُس گیتن آویزان واویلا

چھُس بُتھِس ووتھان بدلے وحشَتھ

أچھ ژانٛگج رہہ توبہ توبہ

وُٹھ شور زمینٛج چھَل انٛدٕ وَند

پرٛتھ چاک اوٚرزماں رتہٕ قطرن

O

بَہہ زن ژوٚل نظرن ہُند شبنم

بندٕ بندٕ ہیٚرِ بون گوٚو سوٗرٕ پان

داہ داہ گز وآنج وُپھ چھےٚ تُلان

تھَرِ تھَرِ گیہِ غالِب رُمس رُمس

زگ زَگ ٹھاسان زُو جان پٹُن

زبو ژھوٚٹ گیہِ آلو أندری شرٛوٚپے

O

گرِ آسن سارٕی مے پژاران

یم جِن یم موکل پاٚسکی در

انسانن ساوان گوپھَن اندر

O

''ژٕلی وو ژٕلی وو میانہِ خدایا ہے ماجی

یم جِن یم موکل پاٚسکی در''

ٹھَس ٹھَس گوو ٹھَس گوو دروازس



غلام نبی فراق

# کتھ

ناگہاں ربہٕ لٲج مےٚ شوقس گل وُزے یَم کینٛہہ مہٕ پرٕژھ
مصلحت پرٕ واَج لوٕلکی شولہٕ وٕنی رٕنی آرن
وُری یہٕ وادن سارٕنے یکجا سپٕد اکھ ژٕیہہ سپٕد
شکوٕ شرٕپی أندری شکایژ زَن نہٕ زانٛہہ آسے وِلس

O

تاپہٕ مندیُن موٚنڈ قدمَو پوٚت دِگر وٚتھ سٕڑکہِ پیٹھ
لوسہٕ وُن افتابہٕ زربف وَلنہِ لوٚگ خاَلی گُلن
داں ڈلن منز دوٗرِ ووپدے یہٕ تہٕ پھاَلے یہٕ وُنل
سونتہٕ شامن اوس منٛزی سڑکہِ تران سوٚنٛہلی ہوا

O

اَز تِتھے پیٚتھ وٕہری نظرِ وُچھن نظرن کُن
عاَنِ ممکن چھُ خبر کیٛاہ سَپدِ کیٛاہ سپدِ خبر
اَز تِتھے پیٚتھ وٕہری یاد وُچھن یادن کُن
ہےُ سہٕ ما وولہِ تِتھے کُنی چھا یوان یی چھا کران

O

سونچہِ ییٚہہ پانس ژٕرےٚ چھےٚ بروٚنہہ تہِ یہِ گانگل کٔرِمژ

اَنہٕ چھا ژوٚر تھاوان ڈیشہِ وٕنِن ہُند انہار

لَس کھسَن اَفتابہٕ ییٚلہِ وُنی کنِن مےٚ ییمہِ حالہٕ وُچھم

میانہِ باپتھ چھُ وفا ساز تَسُند اکھ اکھ رُم

O

ییٚلہِ مےٚ آلو دیُت صدا کوٚر تہٕ صدا ییٚلہِ دژاونوٚن

ہیرِ ٹھس گوو تہٕ مےٚ درواز دِلکی مژرنہٕ آے

آنگنٕج بٔترِ دٕز تہٕ دُنیا زن ووٚلُکھ گاشس اندر

تور مُژروٗکھ برس ارماں سپدے انتظار

O

اجنبی اکھ پرٛژھنہِ لوٚگ تہٕ کم تہٕ اَسہِ نِش کأم کیٛاہ؟

کُس چھُو ون ژھاران شاید توہہِ چھُ گوٗمت کوچہِ پھیرٕ

کتھ تہِ تھےٚ بوٗزِن دوٚپن ''اچھا مگر توہہِ بوٗزنا''

جشن موکلِتھ پٔترِمہِ رہتہٕ تم دژاے ییٚتہِ خأل کٔرِتھ

O

بند گوو درواز بجلی گاش گوو کیٛاہ کیٛاہ نہٕ گوو!

بنگلہٕ شوٚنگ پرٛتھ شورشوٚنگ مےٚ دیدمان آنگن تہِ شوٚنگ

خوف موٗلوی تہٕ راوَن تہٕول تِتھےٚ بکھار پوٚی

ناگہان مڑِ ہندرِ منز بیدار سپدُس کرٕکھ دِژٕم
پھوٚر وُپھان اوسُم سمندر گُن وُزان کانٛہہ آبشار



غلام نبی فراقؔ

# گیت

وولہٕ وُزناوَ ولولُک چھَم چھَم
أندریُم ہَم ہَم

ہے دلدارا میانہِ قرارا
ہے لوکچارا أندر مہِ نارا
زخمس زخمس میأنِس مرہم
وولہٕ وُزناوَ ولولُک چھَم چھَم
أندریُم ہَم ہَم

O

اوٚبرن وَچہِ شِنہٕ مانہِ نبس پٹھ
زُنہٕ گاہ شولان سوٚدرٕ وَچھس پٹھ
وُگُک خابہٕ لوٚرے عالم

وولہٕ وُز ناوَ ولولُک چھَم چھَم

أندریُم ہَم ہَم

O

چانِہِن زُلفن ہُند چھُم سایا

وَچھِ وۄ گنیارس پوشن پایا

میانِہِن ارمانن ہُند دم خم

وولہٕ وُز ناوَ ولولُک چھَم چھَم

أندریُم ہَم ہَم

☆

غلام نبی فراقؔ

# غزل

شکل بناوِ بُتھس رِکژھ سنا کٔرِو ارشاد

انا خوٗشی مےٚ ۄزنو غم بَنا کٔرِو ارشاد

نہ خوف کانْہہ چھُ دِلس نَے تحفظُک کانْہہ غم

مےٚ شادمان چھُ رُم رُم نژنا کٔرِو ارشاد

یہِ تِہی وٕنو مےٚ چھُ تُتھی منٛز نجات زانان چھُس
مےٚ کتھ رَچھُن چھُ پنُن کانٛہہ طماہ گرِو ارشاد

تُہند یہِ سونتہٕ ہوا چھُم رُمس رُمس تیلان
یہِ باس کُس چھُ مےٚ دیتُمت اما گرِو ارشاد

اگر نہٕ گاش چھُ تارَکھ چھِ یَتھ گٹِس اندر
یہٕ زالہٕ پان پنُن زن شمع گرِو ارشاد

سُہ شک تہِ گژھ نہٕ زبوٗن یُس نظرتہٕ توٚہہِ کُن دی
زہر تہِ ترٛوو مےٚ پیالَس چما گرِو ارشاد

وٕنو مےٚ کیاہ چھُ لکھُن کُس لفظ تھوٗن کتہِ نس
کرن قلم تہِ توٚہی پیٹھ فدا گرِو ارشاد

نہ کھور ناوِ نہ ہمہٕ تُل دڑٕہل لمبکھ شولان
یہٕ واوِ گژایہِ کرِتھ تھٕھ لَما گرِو ارشاد

غزل بنیاو پسند چھا وٕنو امیک آہنگ
ونان فراؔق یوہے رنگ سرا گرِو ارشاد



لالہ آرِ گامی (۱۹۲۳-۱۹۸۸ء)

# بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

تن دأرِتھ کُفرس کوٚرمے اقرار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

چھُنہٕ ہأرِتھ غأفِلس نِش اغیار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

نہہ گٹہِ نیر دیہہ منزٕ پان بدلاو سپر آدنک کیاہ چھُے تی یاد پاو

تیہہ توٚندرس پأدِ کر زوراوار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

اَژ مسجدِ پٹنے کر سرخم گرٕھنہٕ گرٕھتھ سپدَکھ پوٗرٕ محرم

وٕژھ دأرترا ورَژھ رَژھ زال یکبار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

جامہٕ پأرِتھ کُفرِکی گوم دِلدار دامہٕ لوگنس موکلُن گوم دُشوار

نامہٕ پرٕی پرٕی مو بن بے اعتبار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

ظوٗنہٕ ستی سأل کر اسمانس کُن سَرتَن وٚن دِیوٗپأنی پانَس

دوٚن کُن بنہٕ بیوٚن بیلہِ پیٖہِ دوٚگنیار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

زینہٕ بروٗنٹھے چوٗنس میخانے پینہٕ جبریل زانی تی زانے

پینہٕ میأنے روشن گوو سمسار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

مَس دِیُتنَم نیوٗنَم مے رفتار تَس تَس کر روٗدس در انتظار

حبس دِیُتنَم منہٕ منزٕ گوم آشکار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

موٚے معرفت چیتھ آو لالہٕ آرِ گامی کھے کاسنی آنس چھنہٕ ہأنی مأنی

پے بوٗزِتھ اَہِ تھاوٕ لے بایار بَن موٗمن پأرِتھ ٹیٚوک تہٕ زُنار

ارجن دیو مجبور (۱۹۲۳ء)

# لفظ پُھٹرٲوِم گُرِم

پڑانہِ گرٕتکی لفظ کینٛہہ بازرٕ کڈِم
وانہٕ والسو وۆن لگن کتھ یِم بکار
معنہِ بدلسو، مول وۆتھکھ
مال کینٛہہ بدلے ژٕ اَن

وقتہٕ چھن یمر آزی سڑکن پیٹھ
اَسان خوشوٕنی صلیب
"بارٕ مندور بن" وُچھم
چشمے پھِرتھ
کاغذی کأنٹن گُمتیٕ دانا الوند
یوان دِتھم دأرِتھ پھکوٕ پیٹھٕ

کتہٕ شورٕ یمتی وتال

وُلٹہٕ بتھ ہتھ یم نژان پھلوأے آسی
شوقہٕ ڈبہِ پٔٹھ دَم دِتُم
سَمیہِ کس سۆ درس وُچھِم
اکھ ہوٗل ہائے أدرٕ کھل
أتھی اندر کنوان ہٕش أندری گیم
آس یوسہٕ بخشان فرحت یَتھ دِلس

جانٕرکی وُلی دار دامن
شوٗبہِ ہندی مَنٕہ ہأری رٕ پھ
انسأنی سبزٕ رکی بوستان
أنی مَس یَمے سأری سوأ لی

گُلی گنڈِتھ ووٗنَمس دِتَم تَتھی شبد کینٛہہ
پُراثر آسن، کراماتھا کرن
مایہِ ہندی کوترشِہلی
ڈالہٕ ہتھ تۆ برُک نووُے

گاشہِ ہتی ناپدی سحر

کھیلہٕ کرٕنی زوٗنہٕ پچھ

مُشکہٕ ہتی سور مالٕی شام

پوشہِ نوٗلنی وُپھ تُلِتھ

دھرتی ہندِس زخمی بُتھِس

لاگن ''ابوس''

نوٗر آ گرحرفہٕ چھرن

اُلفتکی دفتر وَلن

ذٕ دی متنِن ذہنن کرن میچھر عطا

گاشہِ ناوَن

قدرٕ پڑانے بے بہا

لفظ پھُٹرٕ اُومِ گرٕم

کھہرٕنی کٔڈِم

دوٗ پمکھ رٔٹو نقدِ حیات

قأدِمنزٕ نیرِ ونہٕر

اکھ کُٹ تامٕ ...

یُتھ نہٕ وُکرِس شبدٕ ترِس
پتھٕ کرِ ووونی اعتبار



ارجن دیو مجبور

# کول

ییلہِ تہٕ وُچھمکھ
شوخ رفتارٕچ ژٕباوتھ
سحرکالی
وَچھ یلے ترٲوِتھ پکان
راتھ یِژھ ٲسکھ ترٕ ژھے آسکھ پگاہ
چون یاوُن شاہرُن
دامہٕ تیمی رٲٹھ ژھےٚ وتھ
شینہٕ گُٹھرن زاگہِ روٗزِتھ
کوٚت ژلاں چھکھ نٲری دٕز
چھکھ پھراں پوٚت کالہٕکی کاغذ ورق
یاوٕنکی ریشمی ہوَس وُزوان چھکھ

بالہٕ داءمنٛز سورمہٕ سُم باسان چھکھ

پۆری کنٛز اوٗشا زھٹاں چھے سیند رِٹا کر

O

تپلہٕ سٹرکو چانہِ پزٛی خأرات گری

چانہِ بُٹھی شرانا گرِتھ کھرِ واوِ مال

سوندرا ازکالہٕ چی ہکہِ ہیتھ مِلر

کیٛاہ تام أسس آپرِتھ

زخم نوٗی کینٛہہ چھلنہِ وٗزھ

یادِ وٗ ترِس دیل ٹلن

آیس برٕتھ أش ڈل أ چھن

بُتھ چھوٗلن صُجس تہٕ۔

شامس زندگی ہُند شام آس

O

چانٛز ءگتھ وُچھ ویرِ وارو

تراس کھیوٗ کھ

سینہ زٕڈ زٕڈی پوش پھوٗلی

چانیٛن بُٹھن

ژایہِ مرگن شامہٕ پٔتۍ تھکۍ متۍ امار

تارٕ کوٲچھ گاش زاٲلِتھ

چانہِ باپَتھ شال ووٚنۍ

سمیہ سہلابن دِتُھ آلَو

تہٕ ترٛ ہرووُتھ زگھ

شینہٕ مانٛبن زٔدی گٔرِتھ

وولُتھ اماس

روٚدٕ شرٛ انٛبن داموٚنگُتھ

حکمِ سلطأنی دِتُھ جوین ژوپأری

چاٲوی تھگھ زہرابہٕ کمِ کمِ شیرِنز

O

چون روے یێلہِ ہردِ ہوہَن دُونٛشہ روو

چون مأئصم بُتھ پہاڑن ٹوٗٹھ گوو

آسہٕ ہٕکی دریودھنن[1] گٔرنگہٕ

دروٗپدی[2] حانٛچ

گاشہِ کٔتۍ جَوٗمیٹھر دِتۍ چاٲنِس بُتھِس

O

ہولہٕ ڈُکرہن چانہِ جوہدٕ ژ

ہوشہِ مُژی ؤ زِلولہٕ آب

رآوی ہٕتی تمہِ پڑ اُنی آگر

زِندہٕ سپدَن مان مأنی

زہرٕ ساگر ییٚلی مندن

ییے کھسن امرہت کلش[۲] پانے بُٹھس

O

چانہِ بُٹھی ہٕکی ہٕکی وَنے کیٚاہ

کتہٕ ژِہہ کھأرِم وَٹھ

چانہِ نوزُک گرٛایہِ دِتی اُ وِلی خیال

روشہِ مُژی کوٚت چھے گرٛشُن

کس پتھ گُمرٛ فلوآے چھکھ

چھِم زمانٕکی نارٕ تیتی

رَٹھ نالہٕ متہِ میونُے بدن



ارجن دیو مجبورؔ

# ژِیُہہ

اکھ ژِیُہا اکھ
پھاسہٕ کھارِتھ
وأنٛس یتھ سأرے الوند
ابدٕ بدٕی زبونے زگھ
سمیہٕ رفتارٕکی غولام

O

پھاسہ کوٚنٛچ رزٕ پرٛژھاں
أخری خأہش دو ہے
حأدی ثاتن رٔج
کینٛہہ نہٕ پانس اختیار
باسہٕ وِنی مایا جہاں
دِتھ نواں مورتھ اَتھے

O

حُسنہٕ سوٗنتس

بجر کُے یُپ چھُے مےٚ

ژٕتھ اژٕتھ

سوٗرے وساں یِتھ ہیرِ

أسِتھ نوٗن اماژوری مگر

وأے تن مَدِ کھوٚری کتیٚ

O

پیرِ وَسہٕ وٕنی ناو

أخر بابہٕ بُزی

تاپہٕ لبن ۂندی تن وجوٗد

شاپھ کرُی تن نالہٕ بُزی

واوِ رِنگی شن لول بُری تن

سالہٕ أنی تن ناگہٕ حور

ساز وانن شادمرگی

شیشہِ داربن وأنس کم

گاسہٕ تُج چھاتار سہلابَس دِوان

O

قأدِ منزٕ نیرُن

تہٕ قأدس منز ژُمن

وُڈھی وُڈھی پرٛ ژھا

کرِ یتھ پراوٕنی چھے سوودولتھ

یتھ بقاچھےٚ راحتھ

O

اکھ ژِیہُا

ژِیہٕ ہتھ ژِیہا

رأژ چھدر یوٚدنوٚن نہٕ کأنہہ

ہأرژھ چھس کوستام کھأرِتھ

زندگی ہُند ہأرنأکی

پرٛتھ ژِہس چھی مارنأکی

اکھ ژیوٚہا اکھ پھاسہِ کھأرِتھ

وأنس یتھ سأرے الوند

☆

اَمین کامِل (۱۹۲۴ء)

# عِتھۍ نٔی معنے

زُلفَن چانِین ہُند گوٚن سایہِ
یَتھ صحراوس میٔانی مایہِ
پٔچھ یا ریٚتہٕ چھَم چانٔی یاد
دِلہٕ کِس دروازس دُبرایہِ
وٲنسن پیٹھ کٲمی دوٗر برٕ یوٚژھ
تَمہِ پُژ ما سمسارس زایہِ

O

واون کوٚر شمہس ئلی گیُند
نبہٕ کہن ژانگین وژھ تھترایہِ
جگرس تھاوِیوو دادِین ٹھان
گرِ کیاہ دِل چھُس بر ہمسایہِ

O

سونچکھ پیمانٔے گٔے تنگ
ییٚہِ ماسَنہٕ کینہہ قالب دژایہِ؟

ہَتہٕ سَہ بُتہٕ کِنہٕ لولُک سۭرٕ ہہ

ہَتہٕ سَہ بُتہِ چھُس تٔہنزی ترٛایہِ

کٔمی دۄپ ییتہِ چھَنہٕ آدٕمی بوے

یِمہٕ کیاہ اِدِ چھا سارے ژھایہِ

اَچھرن ہُند زربف نایاب

ہٕتھہِ تٔرِ معنے گاٹٕتیٚ ضایہِ

ہوٚنس گردنہِ سونہٕ سُند کوٚر

رَتہٕ چھَپہِ لگیو اَتھ ووپھرایہِ

O

یَتھ ہٕندرِس شہرس منٛز میون

بَڈٕ کِبل دِل تہِ چھُ بوٚڈ سرمایہِ



امین کامل

# نیلہٕ ناگ

راتھ بیٚیہِ میأنِس جنونس ڈٲل ہوا

وٚوت بیٚیہِ تتھی دردٕ وَن، کس دامنس تل ژھال دِتھ

یَتھ اندر قرنہٕ بدٕن ہُند نیلہٕ ناگ

یارِ گنزرِس منٛز چھُ گٔتہِ تامَتھ وُزان

ترٛیشہِ ہُتی دژاے بے سوکھ یأگی خیالن ہندی ہرن

وُڈھ پھیشان، پیٖہم کھمان، نارن وَسان، سنگرن کھسان

نیلہ ناگک پے کڈان دوران دوان

پھیری پھیرِ تھ پے ژھیٚنتھ سپدے وُداسی

تام پوٚت گنہٕ واں گیٖم پتھ کال کُن ترٛاوِم نظر

عُمرِ ہُند کھیوٚل بالہٕ تینتألِس وُچھُم لٲمی کھسان

بالہٕ تینتألِس، تتی ییٚتہٕ نتھ چھُ اکھ آفتاب۔

رأژُسمہِ شفقچ سِند رِترٛ اوان تہٕ سپدان بالہٕ بُزی

أتھی اندر ... گَنہِ مٚ کھرِشِ ہیوٚ گو وقدم ٹھکہ رآوم

کٔنڑی دۄ پھَس اندرٕ ژھم اَوِج تہٕ زاَوِج اَلی ہَن

ھُولہٕ جۆر یاہ نیج نیج

بے صدا پیچِ پیچ کران آلو دِوان وُشنس پھَھس

اکھ رژھا اُکنے دُکلہِ گاٹہٕ حسین وَن ژٕر رٕہتھ

مٔنزی ہوان زاگے امارن اَلی آشن گن وُچھان

مٔنزی دِوان فضہس اندر کس تام بے تابانہٕ وٕنی

بیش کاژ کل، بدس کالکی ستم

زندگی ہنٛز ترٛ لیش، نِلہٕ ناگُک امار

ماری مٔنز دیوانگی

دۄرِ کتہِ تامتھ گِجری ڈوکس اندر اکھ ژانگی رٕہہ

بڈ کہٕ ماران مٔنزی ژھوان، مٔنزی شولان

حاَدثن ہاپتھ پنجن کٔمی کاسیٕ متی ازتاں چھِ نَم

سویتہِ اَتھ ژانگس اگرشری پاَٹھی کانٛہہ مُژ راوِ ر

تیلہٕ پھِری ،اۄش قطرٕ ہی گرژ تام پیڑن زۄرِ پیٹھ

ژونگ ژھیِو ،راوِ گجر ڈوکُک وجوٗد

گُل چھِنتھ پیہ روز بَس کٔنڑی دار شاخ

دَردِ وَن ،کس آسمانس پێیہٕ نہٕ کانٛہہ کرٛ یٚہنٛیارٕ داغ
تارکاگنہٕ اَندٕ کانٛہہ ہےَ پھُٹ تہٕ پھُٹ
نیلہٕ ناگچہٕ ترٛیشہِ کانٛہہ ہےَ پوٚ تہٕ پوٚ

نیلہٕ ناگ؟
چانٛہٕ اُچھ چانٛہنٕ اُچھروالن ہندِس سایَس تَل
اوٚبرٕ لنکس منٛز چھُ زوتان شامہٕ تارُکھ لوٚبہٕ وُن
نیلہٕ ناگ؟
زاویێتہِ اوٚلم صبح ،ظُلمات ڈٚول
شارگوڈنیک آدمس سپدٕ بوعطا
عیسٰہس دزٕ ایہِ صلیبچ ،باجہِ کنٛڈی تاجٕچ براتھ
نُجدٕ وَن اکہٕ رمزٕ گو وگُلنار ،وٕسِ پوٚ بے ستون
نیلہٕ ناگے کاینا تکہِ دأیرٕک مرکزٕ تہٕ گوڈ
نیلہٕ ناگے زندگی ہندٕ بن دوٚکھن ابدی سرٕوٗر
ہاوَسن ہُند انتہا
نیلہٕ ناگس تام واتُن بڈٕ کتھا......



امین کامل

# گیت

سورنہِ ہونٛج راتھ

وَندِیوگاش وولو

وِزِوزِ کوٗر تھَم وعدٕ ژےٚ میونُے

پد پد روزی ساتھ

اَدِ گوژوٗ لہَم منز وَتہِ ترأ وِتھ

کتھِ لَسہِ، کوسہِ چھَم باتھ

سورنہِ ہونٛج راتھ

وَندِیوگاش وولو

لولچہِ وَتہِ اندوند از تامَتھ

کٔمی کس دیُتمت ساتھ

گلہِ زبوٗ کرتھَم بادٕمی چشمن

لٔجمژ چھَم وہراتھ

سورنہِ ہونٛج راتھ

وَندِیوگاش وولو

اکہ اِکہ گگنچہِ وبسہٕ گرِ سکھرے

کُنزِٕ ئی روٗزٕ س پاتھ

اَز چھنہٕ کُنہِ اَندٕ کانٛہہ وَتہٕ زاگے

سیٚدِ بَرٕ وولہٕ اَزوات

سورنہِ ہوئٛج راتھ

وَندٕ یوگاش وولو

جَلہٕ ہندِ پکھہٕ واشہِ وأنجہِ ژس گوم

کرٛ یکھ مادِیہِ بدذاتھ

وُنہِ تہِ چھُ آدن، رَچھ کھےٚ ژٕ وعدن

یِکھ نتہٕ سوے چھَم ماتھ

سورنہِ ہوئٛج راتھ

وَندٕ یوگاش وولو

پاتھ = پَتھ



شمبھوناتھ بھٹ حلیمؔ (۱۹۲۴ء)

# گرِٛیشم

ہِری یَس ژٕج شونگ مُژراوِہن أچھ

اکھ کاڈ کوٚڈُن بُتھ نأوِتھ دژاو

رَتھ جوٗرُن زٕژٕ گٔیہِ ہکہٕ ہیرِتھ

نَبہٕ منڈُل گوہے بنگہٕ وُچھان

سَتہٕ وَے گُری بُتھی پھِری روگردان

لاکم ما آہرٛ چارنہٕ سنٛخ

کُمچس ما کوٚ ڈُمت وشفن کش

أچھ ژٹہٕ واہرس منٛزٕ ے تتھ والاو

گٔے نارو نار طرف شَنہٕ وَے

اوٚبرن دِژ ژھیپھ رہہ زانڈ وُپھِتھ

داوس لٔج چھکھ پٔدی تال دٔزٕس

نیجر ہوٚکھتاوِتہٕ زَزرِتھ پیو

زٕو ذأنٛ ژن پھِٹرٛ پھِٹرٛ زبو تام دژاے

مٕیوٚنہٕ بَرُنٛی بُنہٕ تَژِتاوان

پھٔٹ لاے کنِن شیٖلن گے چاکھ

سیٖکہِ جوشس ستھ کوٚرُو پھنگ سٕز

اکھا اکھ شہہ گرٕ یکہِ ستی پھرٕ یکہٕ وَنہٕ آو

سٕز ہیٚہ خبر کیاُری کنٛز ٹکھ نتھ ژوٚل

دٕری یاون ژہ لوٚگ نارتہِ ہوٚکھی

بُترٲژ ڈیٚکس گوو گیٚنہِ انبار

مہاریٚنز گیہِ وٲنسٹھ رٲژ منٛزی

کھاہ کھیتن گے پرکالی وَچھس

گیہِ ہالس کمٕرِلس اَچھ پتنے

وَژھٕ اَچھ یَس تمی ژیوٚن نارمگر

اَنہِ کُس سَتھ کلہٕ پرٕ ژِھ افتابس

اَگوٕ یوٚت خشم کمہِ جُرمک ڈنڈ

اَن کتھ وٕتھی اتھہٕ لگی منگنہِ دُعا

یابار خدایا معاف خطا

ووٚنی ہاوسٕ یہل روے ترٕ او خشم

اَن روٚدٕچ جری کَر نظر رحم



## سروانند کول پریمی (۱۹۲۴-۱۹۹۰ء)

# غزل

پوشہِ ہے یاوُن جوانی روزِ ہے ولولن میٹھ نوجوانی روزِ ہے
پوشہِ ہے لوٗسں مٔژر حُسنس شباب ستی دوشوٚنی آن مأنی روزِ ہے
باوِ ہو یوٚد دأدی أندرِم اکھ أکِس کیٛازِ اَدِ ٹلی بد گمانی روزِ ہے
حوٗرِ نیوٗ دِل ژوٗر یوٚدوَے سنگدلن محفلن مژ تان سأنی روزِ ہے
زوٗن کھیٚنہِ کھوٚت یُس تٔمس لاریوٗ وکیٛاہ کیٛازِ آدم آسمانی روزِ ہے
آسہِ ہے یوٚد باغوانس صاف دِل بُلبلن لول پانہِ وأنی روزِ ہے
کانٛچھ پریمی آے لوٗسں وایہِ روٚس حوٗرِ پٔری یَن شادمانی روزِ ہے



رحمان راہی (۱۹۲۵ء)

# بہٕ چھُس راوان!

ژٕ ے آسی ووٚنی مُشِتھ گومُت سُہ عالم
خبر ژھٕرن سُہ دوہ گتہِ اوس لۆبمُت
ہیوٚتُن صُبحٕ تھکُن وُشنیر تاپُک
ہواوس اوس زن لوٚنچن لمان کأنہہ
بےٚ سوٚکھ پنجرس سوٚمُرٕ ہانکل مےٚ مُژرأو
پَشن پیٹھ اوس بہہ بیدار گومُت
گوٚوان بجلی تھَمس نگھہٕ اأس گُتی جاہ

ژٕ ے أتھی کل کڈٕ ونس فِضہس تُجتھ رہہ
کھُرٕ کھ ڈالأنی کٕنی چھٕلی مَتی پلو ہتھ
ووزُل چھٕٹہِ ہُند پھٕرن ننہِ تاپہٕ ووٚشلوٚ
اغأفِل پأڑھی نوٚو دیُت األی چن مے
أچھن چانبن اندر میانوٚ أچھو پوٚر
غزل بَتہ معنہِ کرنس ونس کم چھُم

سمیٖوے سینٛس اندر انہور ووگنیار
مَلکھ ژٔڈ ژٔڈ ترٕکھ زن أنزِنۍ وولرس
ٹینڈٕہن ژٕہ ژٕہ دِوان ترٛ ووٗتھ بُمن خم
اشارو تأر الھامٕچ حرارتھ
وُڈھن پیٹھ سونتھ کُملأوِتھ دِژٕتھ ڈال
مےٚ أندی پٔکھی خابہٕ ہَر نو ژھایہِ گتۍ گری

ژےٚ آسی ووٚنۍ مُشِتھ گومُت سُہ عالم
چھُ ذٔری یاوَس برٛزِس منٛز آب بدلان
ژٕ چھکھ ووٚنۍ سوٚدرٕ سٕنۍ اکھ خانہٕ دارینٛۍ
گوٚبر چانِہن خیالن ہُند پھران لُکھ
چھُ آنگن چانہِ رنگ روٚٹمت گُلالو
زمانہ گوو وٕل بتہِ شُری بأژ سوٚمبرِتھ
کڈان چھُس زندگیہِ ریشمی پنَس کُھر
وٕل گوو گُنہِ ساعتہٕ ییلہِ دِلہٕ کِس کُٹھس منٛز
کراں شُری لأزیاہ کانٛہہ واوِ گژایاہ
تہٕ گُنہِ پنجرس ترٕنۍ ہانکل پیوان وٕسی

بۄ چھُس راواں ژۍ مآ آسی پیوٲن زانۍ

سُہ ژِتھرُن تاپۍ دوہ چھِٹِہ ہُند پھیرن یاد



رحمان راہیؔ

# اِلہام

دندس ؤ ژھے دَگہ لِہر

ژٔ لکھ کوٚت؟

پھرٕ یکہٕ وُن پأز

وُنل ؤلِتھ ہہٕ اُچھ تینتائی

تَچھِ تچھ منٛز منٛز اژوُن پہن

بڑ ژھ بڑ ژھ کرٕوُن وَچھِ ووتھ کاکد

پَل پڑ اٹِتھ پھوٚ جمر شمشیر

کیٚمی کوٚ رتُلہٕ پنہٕ ڈیرس چرپھ چرپھ

چرپھ

یِتھ گٔنز سونٛتس لَرؤ شنۍ یہٕ تہٕ

پَرُسپچ گتی جِبہٕ حُکمن شاہیں

اوٚری
خلوکھ کوٗٹھرِ منٛز
ٹِڑی ہِڑی ٹٹٖ، ہِڑی ہِڑی ٹٹٖ
بوز
کرکھ کیٛاہ؟



رحمان راہی

# غزل

زِندٕ روزنہٕ باپتھ چھِ مران لُکھ، ژٕ مرکھنا
لوتہِ پاٹھی چکھا پیالہٕ کیٛوٚ ہو اُف تہِ کرکھنا

تھرچانہِ اسن ترٛ ایہِ گرٛ ھان ضایہٕ، وُچھان چھُس
مَنہِ کھنٛزِ رِہلی غونچہٕ پھوٚلِتھ آے سرَکھنا

نہ چھُ دارِالان پرٛدٕ تہٕ نہ چھُ برٛ اندٕ دزان ژونگ
واوس چھُ دیان کاو ژٕ مولُوم کرَکھنا

تَتہِ لَوِ چھِ کھسان نارِ بُر پرٕیُوِ چھُ وسان شین
ہَیِیَ برٕگہٕ چھٕژی! میون کرِہُن گام ترٕکھنا

نہ چھےٚ پرٕی یہِ نہ بحرین نہ عجب ملک نہ راسخ
تٔژِ تاپرِ وَتہِ ہے مَتہِ! گُلریز پرٕکھنا

ہَرِ سونتہٕ تیوٕنگٕلی پوش تہٕ دَرِ ہرٕدِ ہوٚندُر کوٚنڈ
ہَسہٕ دامنس ہرگاہ نہٕ تہٕ ہنگس تہِ جَرکھنا

اَدِ ساتہٕ رجز چانہِ رَتُک گیوٚ و نہٕ زمانن
اَشہِ وانہِ مےٚ یوسہٕ لیچھ سو مرثی ژٕ پرکھنا



رحمان راہی

# غزل

تارکھ وُسی پیٚے لِژھ گۓ لال    دِلہٕ! یتھ گٹہِ منز ژےٚ کینٛہہ زال

بالس تھر دِتھ تھیوٚکمس لول    دوٚپنَم ''ژِنہٕ پھٕر کیٚہ، کوتاہ کال؟''

راتھ آس ژانٛگ زہو گلریز    از ٲج تاپس کٔج کوہہٕ تال

مٔنزی بازٕری پوٚکھ ژھوٚپ صحراو    کس باگُدریوو کٔمی سُند حال

نی پہوٕ مےٚ تہٕ میانِن سوخنن    کُن روزُن چھا کم جنجال

مے وُپھلوو دِل، مے تٕھج پکھ    بےٚ ووتھ اَسمان بےٚ بند زال

مَتہِ ما شوقٕچ پیٹھ بُتراتھ    ہمسوسو روٚٹ تل پاتال

انگ انگ وُچھمَس سیٖمنہِ چٕھھ    کتھ کتھ وٕنی نَم لوٚہ تےٚ شال

وق، خابو ژٕہی انٛہری وُچھ    وق، وٲلنجہِ ہانٛٹھے اِشکال

شہرچہِ ملہِ ژٕھٹ صُبحاے باکھ    ژٕھ یندرس ین وَٹھ پھم مال

رٲہی ووتھ دفتر گوٚے ژٕری    وَتہِ شیرکھ ووٚنی کتھہِ خطہِ خال

غلام نبی جانباز (۱۹۲۵–۱۹۹۰ء)

# غزل

چون روخ پوشہِ وُن گولاب چھُنا؟ گلشنس منز سہ انتخاب چھُنا؟

میأنِز دڑٕ ے چھےٚ ڈٕلکس ژٕ دڑٕہ مُژ راو یوٚت چشمن اندر ژٕ ے آب چھُنا؟

چأنِز دڑٕ ے زأنِز تھےٚ بہٕ چھُس خاموش نتہٕ کیاہ زَن مےٚ نِش جُواب چھُنا؟

دِل رَچھُن فطرتن مےٚ عادت چھُم دِل بجأیِی وَنُم ثواب چھُنا؟

ماہتابا نقاب اوٚبرُک ہیتھ وَنتہٕ اَتھ منز تہِ بے نقاب چھُنا؟

جانبازس اثر نوٚ وُ ے سازس نتہٕ پرٕتھ کأنسہِ نِش رباب چھُنا؟



غلام نبی جانباز

# غزل

مےٚ ہیوٚ یہِ محمود آسہِ ہے کأنہہ ژےٚ ہیوٚ تہِ گوٚژھ کأنہہ ایاز آسُن
مےٚ گوٚژھ مقابل سُہ یار پننُے پتو یہِ لولُک تہِ ساز آسُن
چھُ کیٛاہ ہشر زاہدس تہٕ رِندس ژےٚ نِش عبادت مےٚ نِش ندامت
مےٚ کُن وُچھِتھ گژھ مہٕ حأرتن منٛز یہِ گوو تسُند بے نیاز آسُن
نہ روزِ قأیِم شباب چونُے نہ روز دأیِم رباب میونُے
چھُ ییٚتہِ شہُل تہِ چھُ تاپھ آسُن یہِ گوو نشیب و فراز آسُن
دِلے چھُ مُشکل رٹچھُن دِلن منز روٚچھُم مےٚ دِل چون مشکلن منٛز
مےٚ نِش عبادت چھےٚ دِلنوأزی چھِ اَتھ ونان دِلنواز آسُن
مےٚ توٚر نہٕ فکرِ یہِ وعظ خانا برابری وَن ژٕ کتھ ونان چھُکھ
ییٚتہِن مساوات اوس لأزِم تتی نِشن اِمتیاز آسُن
مےٚ چھُم تمنا یہِ نار عشقُن یہِ گوٚژھ لگُن دون دِلن برابر
یہِ جانبأزی ژےٚ فکرِ ترِ ہی چھِ کتھ ونان جانباز آسُن



غلام حسن شاہبازؔ (۱۹۲۵ء-۱۹۹۸ء)

# غزل

آے دِلن چھُ ہوٚل گرٛھان دوٗرِ کنن مہٕ گرٛاے پھِر
روٗسی کچن چھُ بُل گرٛھان دولہٕ اٚچھن مہٕ ترٛاے پھِر

چوٗنہِ تہٕ بندرِ جٲری اٲری چرخ مہٕ مار کوتری
نٲزِ تہٕ ناز کٲری کٲری سروِ قدس مہٕ آے پھِر

گرٛھ مہٕ بے معنہِ یوٗت رَش کڈ مہٕ کمانہِ یوٗت کش
روپہٕ نرٛن مہٕ وال پھَش سونہٕ گُلبن مہٕ ہاے پھِر

اَس مہٕ بےٚ وایہِ در چمن ڈیرٕ گرٛھان چھِ کوسمن
وَد مہٕ ہران چھِ یوسَمن ڈوڑھٕ پھلبن مہٕ لاے پھِر

قہوٕ چنبس ژٕرے ہٲل چھَے ٹاٹھ یہِ سبز ٲل چھے
نٲجِد وَنٕچ یہِ لاٚل چھے سرد ہوا چھُ چاے پھِر

تازٕ بتازٕ یہِ شاہبازؔ واے موٚدُر یہِ لولہٕ ساز
مارٕ مٔتس ژٕ کر اَواز مٲری مندٕچھن ژٕ ماے پھِر



سید محی الدین نوآز (۱۹۲۶ء)

# ربأعیہ

شُمارس گوو یێلے حد کیٚاہ چھُ تتھ ناو
ارب موٗکلِتھ پدم پتہٕ کیٚاہ اَتھے آو
أکِس گوو اَڈ نصف نفس نصف ژوٚل
کِہیں ییتہِ روٗد نہٕ آسُن تتے دژاو

O

مرن وقتن وُچھُم خوشرو جواناہ
ضعیفاہ ناتواناہ نیم جاناناہ
خدایس یِی ونان ''تھٲوی زبم مےٚ منت''
مےٚ بے عقلس وُنی کٔبن گری زبم نہٕ داناہ''

O

خدا آسُن نہٕ بڑ کتھ، چھُس بہٕ حأران
غرق در بحرِ حیرت چھُس بہٕ پھیران
نہٕ وُچھنے پژھ یِمو گرناوی ذاتس
بہٕ چھُس راوان کأژاہ بڑ تِہنز شان

O

خطا کرۍ ہتۍ سبٹھاہ أکی اوس بدکار


[illegible] نی مغفرت [illegible] گوٚت خار

خدایس کھوٚ ریہِ اوٚش تراوُن دِژِن کرٕکھ
سبھٹھاہ چھُم ٹوٹھ غاٗرت مند گوناہ گار

O

نہ گرٕی مَس کار رِتی جنتس نیَم مےٚ
نہ تِتھی یُتھ جہنمس داٗرِتھ دیَم مےٚ
چھُسَس اکہِ براٗنٹھ توقع سان روٗشتھ
قسم ہاٗوِتھ وَنےٚ نادَس تیَم مےٚ

O

تارِ گو منٛز مارکن پھو میون گاہ
رات کیٛو دوہ میانہِ گاشچ ہش کتھاہ
تارکن میانِن چھےٚ لفظن ہِنٛز شکل
روشنی چھکھ معنیَس منٛز غاٗرتھا

O

چھُ یارس انتظارٕے یار آسان
تٕمِس مُلکِ دِلس سےٚ کار آسان
اٗچھن ہِندٕر تٕمِس آہن نہٕ ٹھہراو
قرار زن تٕمِس شہمار باسان

مکھن لال محو (۱۹۲۶ء)

# غزل

کُس تِمس دِیہِ دِل مےٚ وَنتم چیٚڑ چھےٚ پیمژ کُس متیو
شوگہٕ نَس یَس کرٕیشمہِ گاساہ ہیو، تیمِس زن مَس متیو
چھُکھ پیاپےَ نار ژاپان تالہِ پیٹھ چھےَ نَس متیو
عاشقن ہنٛز دال ہرگز کھسہِ نہٕ ووٚنی سپُکس متیو
عشقہٕ دادیک ییٚلہِ دواہ یُو موٚنگ مےٚ اسمانس متیو
تورٕ ؤژھ موٚٹ گانٹہٕ ریکھ پیٚیہِ تالہِ پیٹھ شوٚھس متیو
نالہٕ دی دی راتھ دوہ شُشہِ نور سَخ کمزور گوم
چھِنہٕ ساووں داہے ہرکا دِتھ چِلہٕ مہِ یائلی چس متیو
میانْی پاٚٹھِن یوٚدوہے کھکھ واٹھ تےٚ سوٚت چاپے چکھ
یوٚد سبٛٹھاہ گگرایہِ گرٕھنےَ سبٛٹھ گرٕھی میادِس متیو
اَز حرامک ہٕرٕی سہِ یوٚد چھیو رِکابو سان کھکھ
اَتھ لگی چونےُ مرُن بس اوڈٕ مِنٛتھ شرٕپہٕ نَس متیو
بُتھ پِیُن چمکوتھِن تِتھہٕ پاٹھی اَز پوڈر مُتِھتھ
زن قلاپاہ چھےَ ژےٚ گرٕمژ ترٕامہٕ بُشکا بس متیو
ٹِھلہٕ دِلس میانِس کڈاں بےواپہِ چھُکھ ووٚنی تِتھہٕ کِنتھ
زن گندُن آسان چھُےَ فُٹہٕ بالہٕ پاگفس متیو

واسدیو ریہہ (۱۹۲۷-۲۰۰۱ء)

# پتہٕ وَتھ چھُ سپدیوٗمُت

یێلہِ کالہٕ اوٚبرٕ نَب نالہٕ رٹِتھ

بر مندنٕ سرِیَس ژوٗرِ تھوان

وێتھہِ رنٛبہٕ وِنی تن سپدان کرٕہنز

بارَو چھِ لگان دِنہِ جاناوار

دَم پھُٹِ چھُ ہوا سپدان تتھُے

طوٗفان چھُ اوٚبرس چھکرأوِتھ

یێہِ سوٚم تہٕ سوٚتُر سمسار کران

پَتہٕ وَتھ چھُ تتھے گنٛز سپدیوٗمُت

یێلہِ ماگُن کھٕ کوٚش ہٕندرأوِتھ

زن پرٕتھ آرس زولانہٕ کران

گرٕ مُشرِتھ لاگان لوٗکہٕ کتھن

بلی بچرس بوٚمبرس دِوِ کاوَس

کرٕیشان چھِ ہَن ہَن تاپہٕ زِژن

تَتھ ستی چھُ سونٛتُک شوہرٕ گرشھان

پَتہٕ وَتھ چھُ تتھے گنٛز سپدیوٗمُت

بِلکُل چھےٚ یِہےٚ کتھ ییمہِ ساتن
انسانس موٚڈھ انسان بنُن
رتہٕ راکھسس آیہِ بوٚزُن دامَن
سُم ژٔڈ ژٔڈ سَتھ مِسمار کوٚرُن
تَمہِ ساتہٕ اَسی منٛز وٚتھ کانٛژھا
وَتھ پرٛزلأوِتھ پرٛاگاش گرِتھ
پوٚک نارس زن شیٚہجار کران
پَتہٕ وَتھ چھُ تِتھےٚ گنٛز سپد یوٗمُت

وٚتھ از تہِ چھُ تِتھُے اکھ انسانا
انسانس وُزِ نأوِتھ بوٗن
لولُک ہِر امنس ہانہِ کوٚرُن
نم ناوِ روٚشُن اندھیر وُچھتھ
مُتی آیہِ وٚنُن پرٛتھ کانٛسہِ أکِس
یم رأچھ کرَن یَتھ گُلزارس
تھرِ تَل چھِ تِمے شیٚہجار کران
پَتہٕ وَتھ چھُ تِتھےٚ گنٛز سپد یوٗمُت

فولاٗدی یِراٗدٕچ ماٗنتھر دِتھ
وق زیوٗنُن وٕقتس وَتھ ہاٗوِن
کل پُتھرِ وٗنُن پرِوار پیٚتُن
مےٚ چھُ باسان اکھ اوتارا بوٚو
زن شاپٲہِ زمانس منٛز آمُت
تاٗثیر کتھن منٛز اوس تٔمس
تٔمی دوٚپ یہِ چھُ لولے کار کران
پَتہٕ وَتھ چھُ تِتھے گٔنی سپد یوٗمُت

یوٚد پرٛیِنہِ کھوتہٕ پروٚن دامانہٕ تسٕند
رَٹہِ عالم اَدٕ ما نیرِہس وبہ
یِم چھکرِتھ زِتنہِ بنن بُڈ ریٚہہ
یِیہِ درٛاینٛٹھی منوشَس سوٚن تہٕ وٕگن
بیٚیہِ روزِ کتھا پوزا چھِ گونن
أتھی کُن چھُ نظر سمسار کران
پَتہٕ وَتھ چھُ تِتھے گٔنی سپد یوٗمُت



واسدیو ریہہ

# ہرگاہ نہٕ اِنسان آسہِ ہے

میانی کرٕ بکھ پھالیہِ میانِس عالمس
جان گو ونتہٕ میون عالم اکھ بیابان آسہِ ہے
چانی درٕ ہے گس ہاوِہے گس باسہِ ہے
مول یمن لفظن تہٕ پھِری پھری بوزناوان آسہِ ہے

میانہِ یتھ بُتراٗژ پھولہِ ہے سوٗرہیوٗ
ہورِ دَزِہس تاپہٕ تن ییٚتہِ آسہِ ہس کھٕ کوٚش تہٕ بَس
وَن تہٕ وَن مُہنوی بہ کثرت آسہٕ ہَن
بس اَمی انمانہٕ پرٕتھ کینہہ ورگہٕ واٗران آسہٕ ہَن
شبنمس وَہراٗژ نالن گُلشنس
بولبوشس سونتہٕ سبزارس مزارن مسولن
راوِہے آسُن نہ آسُن تیُتھ زِپرٕتھ کانہہ کرٕ یشہِ ہے

ہے نہ کانٛہہ افسانہٕ بنہِ ہے یا نہ عُنوان آسہِ ہے

مانٛژِ گُلو ہٕری ہٕری پھہَن کُس مازِ ہسکھ
دِیشہِ ہَن کم شرٕ اوٚنچ ہی تھٕرتہٕ اَتھ کُس چھاوِ ہے
نارٕ دزنس پوشِپرس کُس وَنِو ہے
وولہٕ سَنس یِیہ ہے نہٕ کانٛہہ نے کانٛہہ پشیمان آسہِ ہے
کھوٚت گلالک داغ عرشَش میانہٕ ستی
شُری کتھن مے کھول مول مےَ تل خیالن نقاب
مے یہٕ دوٚپ شیٚہجار نارس آلہٕ وِتھ
بےٕ اگر نےَ آسہٕ ہاسورُ ے پریشان آسہِ ہے
کوٚنچھمُت یُس شرٕ یہہ تہٕ سَتھ سرمایہِ میون
گوٚ ژھنہٕ مے چھکر اوناوُن کَل گڈِتھ سرمایہِ دار
گوٚ ژھنہٕ میانی ستی راوُن ناومیٚون
کیاہ سناپرٕتھ کانٛہہ اَمی انمانہٕ سونچان آسہِ ہے

لولہٕ باغس غارتک دیوار دِتھ
پرٕژھ کٔرن شبنم تہٕ سَتھ شیٚہلے یہِ آشن اٮ۪ج پھُلے
ہوٚل گٔنڈِتھ شوٚنٛڈِ ہٕمی ستین ناچمن

دَپھ یہِ سوٗرے راوِ ہے ہرگانہٕ انسان آسہِ ہے
یوٗت عالم تیمٚی اوٚتامَتھ پان دِتھ
روٚچھ تہٕ سے اُنسان از یوٚدکاینا تس وٕکرِ گوو
یِی پھِرُن کوہِ قاف اُخر پھوٚر رہوَس
تَس نہِ نے گرِڑھ ہے تہٕ ایمانس تہِ احسان آسہِ ہے

میأنی کرٚ بکھ پھائیہِ میأنس عالمس
جان گووَنتہٕ میون عالم اکھ بیابان آسہِ ہے
ریٚہہ ترٚن سمسارنےٕ وُشناوِ ہے
لولہٕ وتھ لگہِ ہے شِٹھتھ من زَنتہٕ شمشان آسہِ ہے



غلام رسول سنتوش (۱۹۲۹-۱۹۹۷ء)

# ترٛشنا

دُپو نبہٕ کیٚن یِمن روشن ستارن
سُلی سَرِ شامہٕ اَز پانس وٹن وان
گرٛھان ٹھوٚر چھُم یوان ٹھرِ چھم مےٚ نظرن
ڈلان میز ان مےٚ چھُم بے اَنت خیالن

O

خبر دُیشُن یہِ کیٛاہ چھُم اَز مےٚ پانو
وُنگن سَرِ شامہٕ ہونوٕ ہیوٚت خبر چھا!
چھُ مأندی پٔکھی یہِ مےٚ اَزموت ژرژان
صبح پیٹھہٕ ووت کھوورٕ أچھ مےٚ پھوران
أکیٛاہ وُچھتو یہِ گٔمی تاں دارِ کوٚرٹھَس
یہِ زن گُس تام بوٚنی کنزِ شی گٔرِتھ ژوٚل
مےٚ زن لوٚگ کارِ تھٔم توہی دارِ مژرِو
یہٕ رَٹہٕ ہَن کوٕم گٔرِتھ اَز زوٚنہِ ہُند گاش

O

نبس پٮ۪ٹھ کارتیکچہِ زوٗنہٕ وٕنی تَو
یہِ مٔشران گوٚ سنا تأریک رأژن
لگان ییٚلہِ پھیش چھُس روشن نصیبس
گندان ژھیٚپہٕ ژوٗرِ پانس تارکن ستۍ
مےٚ گیہِ اکھ وأنس موکلِتھ دوٗنی زالان

O

وٕنو نا سرٕ کہِ پٮ۪ٹھہٕ کس وانہٕ رأچھس
یہِ بیعقل کمی ہندِس وانس کران رأچھ
أمِس دیوأنی زَدٕ گوو وُمرِ ہُند وان
دِوان بے غم چھُ ییٚنجہِ پٮ۪ٹھ چلہِ مہِ داماہ
بہتھ تختس چھُ زَن کانٛہہ بختہٕ واراہ
صبح دَم نیرِ پرٛتھ کانٛہہ کامہِ کارس
یہِ دِیہِ کھونکھُن زمینس ہونہٕ ہندی پأٹھی
گرِو نا دارِ بر بند وارٕ پأٹھن
أکیاہ کمی تانی چھک دِژ جانہٕ وارن
پٔشس پٮ۪ٹھ راتہٕ موغلن زورِ کوٚر ہوٗ
شہس میأنس یہِ زَن لوٚگ وولہٕ گتُن ہیوٗ



O

تلا پڑِ ژھی تَو یَمن میانِبن رفیقن

سُمِتھ توٗ ہی کیٛاہ کران چھو شانڈٕ ہے پٹھ

مےٚ وٕنی تو کیٛاہ مےٚ پزِ پاٗ ٹھِبن مرُن چھا

بہٕ ہےَ وُنہِ تازٕ تازٕے ماجہِ تھَنہٕ پیوس

O

وُچھادُنی یا مےٚ سورٕ پیٚتھی ژِہس منز

وٕنِس چھی ناژٕے موجی نِبٹھ ژہُن میون

بنِ یوٚدٕ ژہ دِمےَ دودٕ مَشکہٕ پھیرن

مےٚ أچھ پیٹھ أچھ گیٖم بس گووِتے کال

ژٕے تھوٚو تھَس أتھی ژِہس منزٕ شانہٕ پھِری تھے

O

مےٚ ساوِ نا ہُتتِھ ہُتھ زوٚنہِ ڈبہٕ پیٹھ

مےٚ چھُم باسان شہہ زَن روژٕ گوٗمت

یِہے گاٹمتی شِشٹھتھ زَن آرٕ پَل چھو

تلا دُہ ہا سپُنِ تہٕ دان ژھیٚورِ

کنِوی زن بُت گمِتی چھو کیٛازِ وٕنی تو

اوٚتاں کھونہ کھونہٕ بہٕ آسِو تہی مےٚ لِلہٕ وان

ووں لَرِژھ کوٚ روَس تہٕ بێیہِ میٚژِ مانڈٕ کرٕوَم

مُتھِتھ فرشس پہٕ چھُس ووتھرٕنۍ پلوَ ہیوٚ

وٕنِو نا ہُتھ گرٕس یِم دارِ ترٛوٚپرٕن

چھُ اَتہِ کُس تام ترٛاوان تیل ژٕانِگس

گرٛھکھ یِتھٕ پاٛٹھۍ وٕنۍ توکھ فاش سیرٕس

ہیا ژٕانِگس یہِ ہا چھوٕ تیل پرٛیڈان

کُسوٚ چھُو پھوکھ دِوان اَتھ ژوٚرِ روٗزِتھ

سوٕیَتھ ہا نِیہِ ژٕانِگس آنہٕ گگرن

تلاکُس چھُکھ کھورن تل زاگہِ روٗزِتھ

ہیا کُس تام ہا چھُم ہوٚٹ یہِ چیرٕان

مےٚ باسان چھُم نِگَس گٔیہِ نیل ظُہرا

تلاکُس ژھایہِ چھُکھ اَتھ تارِ کوٗٹِس

ہَتے گَتھ چھکھ ژٕوٕنۍ کبس ہاے والان

شِشُرٕ ہے لوٚگ مےٚ پانِس وُرنہِ روٚستے

O

تلامَتہٕ ترٛآوی توم بُتھہِ پێٹھۍ. یہِ ژادر

مےٚ چھُم کُس تام بوٚنۍ کنۍ ناد لایان

تَلا وُچھتون چھُہ ما کانْہہ نارِ موکَل
ہَیا گُس تام ہا پیو ہیرِ ڈُلہٕ گوو
کوٚتُو گوٚو توٚہۍ تَلا کانْہہ یوٚزِ یِی تو
مےٚ ہوٚکھ ہیُرِ مےٚ گوٚژھ ترٛیشہِ داماہ
ڈُلِیاہ موکلہِ نَے یوسہٕ تا قیامتھ



غلام رسول سنتوٗش

# غزل

شہہ چھِ گنزرِتھ حسابہٕ خرچاوَو
نخقہٕ دفتر وون کیٛازِ وَہراوَو
تھوتہٕ دوٚب دِتھ پلَو ژٕ پانس نِش
أسۍ وول خاکا مَلو تہٕ تَن ناوَو
بہہ تہٕ تھزرس حکم غولامس کر
ینہٕ ژٕ وتھرِتھ ہبکھ تہِ وتراوَو
کورِ کاکُد کران چھُہ کتھہٕ بلکُل
یِی چھُہ گُدران مگر بہِ کس یاوَو

لَس تہٕ پانَس اَکُے مےٚ گُنزروۄم

توتہِ دۄٚپنَم دُبارٕ گُنزراوَو

گُرٕ چھُ ابلق مگر کران چھُم ہوٗ

وَتھ چھےٚ مُنزٕچ پکان صحراوَو

لَس مےٚ یتھِن چھُ میٚژِ تہٕ آبس رَل

قُضیہِ کانٛہہ چھا سُمتھ تہِ اُنزراوَو



غلام رسول سنتوش

# غزل

پانہٕ صحرا چھِ سایہِ کیٛاہ سا کرَو — گُل تہِ گرٛزہِ وۄنی چھِ ضایہِ کیٛاہ سا کرَو

آیہِ دُنیا تہٕ دڑایہِ اَزٕلکی شر — بیٚیہِ تہِ شرٛہتھ وونی دڑایہِ کیٛاہ سا کرَو

گوڈٕ تہِ راوی چھِ وُنہٕ تہِ راوٲنی — یَس وِ تَس لگی بلایہِ کیٛاہ سا کرَو

قبرِ تنہا وتٕن تہِ گوو مُشکل — وٲنسہِ سۄمبرتھ کمایہِ کیٛاہ سا کرَو

اکھ شبا چھا تہٕ گُذرِ صُبحس تانٛ — زندگٲنی چھےٚ بایہِ کیٛاہ سا کرَو

قد مےٚ بوٚزتھ روٗٹھُم حدس اندر — تالہِ کنٛی ہے تہِ آیہِ کیٛاہ سا کرَو



## نشاؔط انصاری (۱۹۳۰-۲۰۰۰ء)

# غزل

یَتھ آبہٕ شہرس منٛز دوہَے اختابہٕ ژہان روٗدی
شیٖہجار، گُل، سبزار، شُہل دوٗر ژلان روٗدی

تیٖمی سونتہٕ واوَن جامہٕ زألِتھ ترأوی کٔرِن داغ
پرٛتھ صبح ژاپِل شام نارٕے نار دِنان روٗدی

کٔہی تام واژوو واو سونتُک پوشہِ پھُلے ہیٚتھ
ہی پوش پھوٚلِتھ آے، اما نار وُہان روٗدی

کٔتی کٔتی اکوٚت گووٚن نہٕ کأنسے کیاہ یہِ کران چھُکھ
فرزانگی وُچھ پوٚنی کرٕنجلٕبن یارٕ بران روٗدی

انجان گُس تامَتھ چھُ پکان آنہٕ پٕتُن ہیٚتھ
نہَہٕ کیاہ ہاوِ پرٕتھے ییٚیہِ یارٕ شُمان روٗدی

پوٚد پوٚد چھُ ییٚتیک کربلا، مَقتل تہٕ سنگستان
شمشیر بدس دزاو حُسینؑ، لُوکھ دپان روٗدی

کُہی تام دِزأکھ تاپہٕ ٹیٚکی کینٛہہ تَم تہٕ شُٹھے مِتی
سِر سأوی پأٹھِن سِر یہٕ دوہے لونچہٕ گنڈان روٗدی

اکھ اکھ حرف چھُ شاپھٕ لَد بے معنہٕ پد نشاؔط
وُچھ سادگی ییٚہ میون سِہز شعر لِکھان روٗدی



نشاؔط انصاری

# اَرپن

پَتھ وَن
ترٛوومُت تاپَن زألِتھ
کرٛیشان! کرٛیشان!
قطرس قطرس
پرٛتھ زُوذأ تھاہ
گُأکُٹ زنگتگہٕ تارٕ اِلواہ

نب گۆ بروُن

ڈ بکہٕ مُژ رأ وِتھ
گتکس گیُند ناہ

وژِھ وأنجہِ کۆر
شیتل شیتل اوٚبرن واہ واہ

سیکہِ صحراوس
نبضس نبضس
شہلتھ پھیرٕ س

آنن فانَن
ارپن گریٔنس

چارو پاسے
ؤہہٕ وِنی تیٚونگل
پھٔلیاہ پوش



شمیما حمد شمیم (۱۹۳۰-۱۹۸۲ء)

# غزل

تَس مدن وارس نگارس اُچھ وَتن ووتھراوِ دِل

گٹہِ گہس ، ہردس تہٕ ہارس لولہِ اندر للناوِ دِل

ہول اوسُم لولہٕ سان کَرِ ہا بہٕ پوشن کُن نظر

خوف اوسُم ژھایہِ کانٛہہ نوٚو فتنہٕ ما وُزناوِ دِل

ساز کُری کری نازٕ سان ییٚلہِ رازٕ ہوٚنز ییہِ درچمن

رشکہٕ تمی سندِ گُل گلن ییٚلہِ بُلبلن تشٕبلاوِ دِل

یَس بٕنتھ آو تَس پٔنٕز گیلان پردٕن کیاہ خطا

ییٚلہِ پٔنٕز گیلن تہٕ ژٔنی تو دود اَدِ کس باوِ دِل

اَتھ چھونہٕ زانیا کہِ وِیُٹ وَنہِ گاٹلہٕن ہُند گاٹہِ جار

لال لولُک یام کانٛہہ لَبہِ تَس راوِ دِل



رشید نازکی (۱۹۳۱ء)

# غزل

وُچھتھا چشمن ہنز وہراتھ　　تارکھ نب ہتھ بون وُزھ راتھ

لَبہٕ پڑا آٹتھ وُتھی موٗنی ژِہری　　دوہلی از راتکی حالاتھ

نارٕ سوٚ دُر پوٚک منٛزی بازٕری　　لُوکن ہندی پارٕدی عاداتھ

پوشس منز پھوٚلی سوہنکی گنج　　شبنم قطرس منز عرصاتھ

نازِک گرٕز یا تارکھ ساز　　دِل چھُنہٕ بدلان ماموٗلاتھ

سحرٕچ دودٕ کول نگھہٕ واتتھ　　منز وَتہِ پٔٹھ گیہِ روٗزِتھ راتھ

ہندرِ وُتھِتھ گو مَدٕ مُتی خاب　　پھیران شِہن طرفن ننہِ واتھ

سَتھ گز اَسمان ہیٚہِ وَسہِ بون　　بوزِو کیاہ روزن حالاتھ



رشید نازکی

# صدا

پوشس ہے تو مُشکِچ دأنیاہ

سورٕ ملی شامس نہ رنگ پھولہ لا

نازلہٕ ؤنی توشیرِ کلابوت

چھاوِ امارن

زن محبوبس کیٛاہ تام ژٕنٛتھ

وایُن ہیٚیہٕ سنطور شہن ہُند

جاناوارن ؤنی تو کانٛژھا

گرٕ زہیوٚ تُلہٕ ہَن شاہری ژھاین

شامہٕ شِہُل کانٛہہ مَنہٕ وِتھ أنی تون

شراوِنی اوٚبرس نارادی تو

یاداوأری گری تو کانٛژھا بادام پھلٕن

پھرٕ کہٕ وُن ژٕلہٕ وُن چھِٹہٕ پوٚنٛپو راہ

رقصہٕ روٚہا گندِ ناوِتھ وُچھتون

پھرٕ کہٕ وِنی کوتر جوٗریٛاہ ڈٔیشتھ

تلہٕ سا کانٛژھا گٔلی موٗرِ ونا

آدم زاداہ آگر پُچھنٔن پتہٕ بروٗنٛہہ وُچھ وُچھ

چشمن گووواناکھ سمندر

یَتھ کشکولس ترٕ آوِ وکینٛژھا

☆

خضر مغربی (۱۹۳۱-۱۹۹۹ء)

# ترانہ خاتون

بقاہس گرِ گرِ سگ دِنہٕ وژایس
فناہَس برٛم دِتھ آیَس بہٕ
وزِ وزِ وأژٕس بہٕ انٛدٕ نیالیس
فناہَس برٛم دِتھ آیَس بہٕ

☆

ییٚتہِ یِکس آدمَس مےٚ دِژ تسلی
تتہِ یِکس عالمَس وَتھ شیرٕم
پتہٕ پہن حُسن آو گوڈٕ بہٕ زایَس
فناہَس برٛم دِتھ آیَس بہٕ

☆

عٔشقکی دفتر لولہٕ سمندر
بٔری بٔری إٓمتی میانی ستی
زٕح شیٚہلووٕم حق ہمسایَس
فناہَس برٛم دِتھ آیَس بہٕ

☆

ستمہٕ سمندر وزِ وزِ شرٛ پرم
گٔنز رِتھ مٔشرِم ظُلمکی ساعت
توژھ پھُٹراٖوم مرگِ بے وایَس
فناہَس برٛم دِتھ آیَس بے

☆

لل دید، رابعہ بصریؒ، میرا
جون آف آرک، نایٹ انگیل
فرشس پٮ۪ٹھ تےٚ عرشس ژایَس
فناہَس برٛم دِتھ آیَس بے

☆

حبہٕ خوتُون تےَ ملکہ رضیہ
بی بی چاند تہٕ نور جہان
گاہ پیٚو وقتس یام بہٕ آیَس
فناہَس برٛم دِتھ آیَس بے

☆

صبر و حلیمی میأنی خصلتھ
میأنی فطرت شرم و حیا
بحثک موضوع اندٕ وند آیس
فناہَس برٛم دِتھ آیَس بے

لولُک سازا کأری گرن گوٚر
عقلہِ ہُند سرگم تتھ تمٕی بوٚر
بےٚ تتھ وایَس بےٚ تتھ گایَس
فناہَس بزٕم دِتھ آیَس بےٚ

☆

حُسنَس تھاوٕی تھَکھ بُت خانہٕ گُری گُری
جُری جُری تھاوٕی تھکھ عٕشقٕنٕی دوٗر
دوہ گرِتھ سوٗرِتھ اَدٕ پیکھ پایَس
فناہَس بزٕم دِتھ آیَس بےٚ

☆

ہَنہِ ہَنہِ اَنہِ گوٚٹ دوٗر بوٗ دوٗربوٗ
مغرِبٓ ین دوٚپ نوٚو دوہ آو
جنٛگ چمہٕ خم چھُ میأنس سایَس
فناہَس بزٕم دِتھ آیَس بےٚ

☆

حامدیؔ کاشمیری (۱۹۳۲ء)

# غزل

پوّت زوٗنہِ گِہے مرگہٕ بلن منز سُہ شونگان اوس
گاہے سُہ گژہان شینہٕ شُنبن ہِندرِ ٹلان اوس
کس اُس خبر کیاہ چھُ گژھان شہرٕ وتن پیٹھ
تاٗرِ اٗسی برن، شامہٕ پیٹھے شین پیوان اوس
منزٕ منزٕ چھُ پلن ژھایہِ گژھان پٕرٕ یہِ گوٗن ہیوٚ
ییٚتھی جایہِ گُلبن منز سُہ پٕری خانہٕ دپان اوس
پرٛیڈان تِمس اٗس وٕژھن سکھ تہٕ وُہان اٗچھ
چیٚنہِ ہے تہٕ اَکی دامہٕ سمندر سُہ چیوان اوس
رُکہِ ہے تہٕ پکُن اوس مشان زوٗنہِ نبس پیٹھ
پکہِ ہے تہٕ تِمس ستی گُلستان پکان اوس
گریشان گِہے پرٛ ہزلہے اکھ رٕژ تہٕ اَکے زٕژ
ژھاین تہِ گِہے ہولہٕ پنٚن پان وندان اوس



حامدیؔ کاشمیری

# راوَن تیوٚل

کھوورِ پاسہٕ
پھٹہٕم
قد نازس گاشس واش کوٚٹُن
بونہِ شِہُل پیوٚ سمسارس

O

توہہِ ماوِ چھِ وون مائنٛز اتھن چھس
سورمہٕ اَچھن چھس خاب ہران

O

چھَلہِ چھَلہِ کھوُر پاس ؤستھ پیوٚ
سوٚن ژھایُت چھہ ؤہرِتھ آس
کوہ تہٕ وَن
گتہِ رۆدی
گتہِ روزِ تارَ کھنب؟



حامدؔی کاشمیری

# غزل

أسی تم کھٕنزِ رایہِ سڑکن پیٹھ
گے رٕہتھ جایہِ جایہِ سڑکن پیٹھ

لٕکھ گرن منز چھِ دارِ برترٕ وپرِتھ
دوہلہِ پھیران بلایہِ سڑکن پیٹھ

لٕے تہِ ہأوکھ نہٕ زوٗنہِ اَفتابس
اَز چھےٚ پھیران ہوایہِ سڑکن پیٹھ

آفتابس چھُ کیٛاہ ہٕنٛتھ آمُت
خوٗن ہاران چھےٚ ژھایہِ سڑکن پیٹھ

گردِ طوٗفان ہَرٕ واوَن تُل
پان ناوِتھ وَژھایہِ سڑکن پیٹھ

پَل تہٕ کُلۍ کٕڑ مکانہٕ ہوٚہَن نی
کیٛاہ چھُ ووٚنۍ سون پایہِ سڑکن پیٹھ

☆

حامدؔی کاشمیری

# راتُک ساتھ

پوٚت بر باغس مُژ ژتھ لوٚت لوٚت
سور گہ ہواہِچ رٲشمی گژ اایاہ
سو کھ سنٛبالم پھژ یکہٕ ہتی ارمان

O

پوشہِ وَنازنہٕ گاشس پھوٚلُمت
نصف شیچ ژھو پہٕ خانچ ژھایا
نَبہٕ زوٗن ؤ ژھمژ یاوَن مُژہش
سبز ارس پیٹھ ڈاپھاتژ آوِتھ
سوٚت سوٚت ہَوہَس میچھر خاٹک
گُلی گنٛزرس منز برٛگس برٛگس
موصُم شُری ہنٛز زوٗنہٕ ہندِ رہش

O

چانِن نظرن شبنٕمی شیہلتھ
شفقتی

میٹھی دِوان زُمہ زُمہ زٕژِ مستس
وِٹھ قند پھلِی مُد راوان رۄحس
گتھ بأڈی پوشن ہُند ورشُن
ہی تَن ژھٹہٕ وٕنی مُشکِنی ادفر
تھَر تھَرِ کرنَم کوچھُم کمہِ دِلہٕ
ہُرِ نا آے وون یتھ پوٚت زۄنے
لولہِ منز پوشِم پھولہٕ وٕنی زۄنا
سورمہٕ اُچھو اوٚش ہورتھ جویَو
چکھ دِژ انجنن نارِ کرِ کھاوٕ ژھ
خابن تھَر تھَرِ شب گووآدا
پوشن ہَسھ ژَھٹھ پھیر وٕ ستھ پے
اوٚش جوین وونی ٹھری گُس تھاوی

O

زانہِ خود اچانس شہرس منز
شامَس تامَتھ کیاہ کیاہ گُدرِہم
بیٚیہٕ زانہہ پرٛ زلیا ساتھا راتگ
روپہ سُند شہرانپہ نپہ کرُون

سونہٕ ہِندگ دِل شوبان سینَن مَنٛز

سرٛکن جلاوافولاَدی آنَس

شی گٲری گٲری ژَلہٕ وٕنی کم موٹٕر

مِلہٕ پھرِکہٕ وِنہٕ کلہٕ شستٕر ژاپان

بازرشولان مینا بازر

ہیوٚن وُین کرٛ بِکھ، تمہُک وبو ہار

حُسن ژٔٹتھ لَچھ پردٕ چھُ درٛ امُت

گُس اَنہِ جگروون نارٕ ترٛٹن سُنٛب

پرٛتھ کانٛہہ پھرِکہٕ ہوٚت دوران لاران

کیٚا ہتاں گاران، ہلکاَری ہوٚنا

چوکس اندر ہارٕنہِ تاپےَ

گرٛ بِکہٕ وُن لُکہٕ ذٔری یا ومتیومُت

گاسہٕ کرٛتِھچَن تھَھ دِتھ یٖرٕ گومُت

بُتہِ چھُس نارٕ پَلن تَن چھاوان



نازٕکؔ ناجی منوّر (۱۹۳۳ء)

# غزل

چھَم چھما چھَم چھٕنَن پکان آسکھ    پٔری یہِ وَنہٕ وُن مۆ دُرگو ان آسکھ

واجہِ، گٕنہٕ واجہِ، ہٕنزٕ رٕ، وانکن ژٕرٛٹ    کھاُلی مالن ڈِنن دِوان آسکھ

شامہٕ پٔتٕر زوٗنہِ توٚملہٕ کنز مُنز مُنز    ہِندرِ ساوان ژٕ آسمان آسکھ

شیٚخ صنعان بکچہِ یوٗسوٗفس    ناد محموٗدٕنی دِوان آسکھ

گاہ بنان نوش لب تہٕ گاہ شیرین    گاہ خیاٗلی پٔری بنان آسکھ

سُجد دِیاوان وَچھَن اندر روزٕ ان    بڑانٛدٕ گٕنہِ بدلہٕ آستان آسکھ

ہی بٕنتھ گوٚندکٕ کران ہی پوشن    "نٲ گرٲیوِ یتو" ونان آسکھ

ڈٕ ڈھیٚس آسہے سُہ تُند بَنہِ ہے    موٚصمن وَچھ ژٕ آپران آسکھ



ناجؔی منور

# غزل

راتھ کیٚاہتام سپٕز کرامَتھ ہِش — ژوٚرِ ڈ ٹھم دِلس اندر سَتھ ہِش

یَتھ زمانَس ونان قیامَتھ چھکھ — بیقلی پانہٕ چھکھ قیامَتھ ہِش

یوٚت ژھورُم دِلُک سکوٗن پانَس — تیوٚت سپد ییہٕ غمن مےٚ برکتھ ہِش

چھُس بہٕ پاگل پکان ژےٚ زن وُچھتھس — ناحقس پیٹھ کھرٕ ے شرارتھ ہِش

برونٹھ گُن چھُس قدم قدم ترٛاوان — چاٲنۍ دَگ چھُس رچھان امانتھ ہِش

کتھ أچھو ستۍ یوسہٕ ژےٚ باوِیَتھ — کاثہہ کتھاو چھنہٕ مےٚ زہٕنے تتھ ہِش

مٔژرٕ لے ییٚلہِ نہٕ زانہہ وٕ چھان یٔکۍ پکھ — دِل یہِ بیقل کران بغاوَتھ ہِش

وارٕ پُرۍ زٕہن غزل أچھن مُتھۍ زٕہن — میانہِ جگرٕچ پزۍ یہِ چھےٚ رَتھ ہِش



## ٹاک زینہ گیری (۱۹۳۴-۱۹۸۹ء)

### ربأعیہِ

گداگر وۆن مےٚ ییٚلہِ پنہٕ نِس ضمیرس
لُجس ہسرا ے زن ژِ کھلۆگ حریرس
وۆنُن کوتاہ چھُ بدلیوٗمت یہِ انسان
غرض پنہٕ نُے لدان برسر مُشیرس



گلاباہ برونٹھہِ گنہِ تھأوِتھ مےٚ وۆنمس
مےٚ وَنتم کیٛازِ چھُکھ یوتاہ ژِ سرمس
وۆنُم تمےٚ زندگأنی میأنۍ کینٛہہ دوہ
توے چھُم یَتھ حُبابس منٛز لگِتھ رَس



چھُ حد سپدان تِمس تیٚمی حد نہٕ موئے
حدس اندر چھُ حد کیُتھ نۭدٕ بوئے
حدس کھس ہیوٚ رتہٕ وُچھ حدٕ روٚس چھُ کیُتھ ہیوٗ
حدس نیر کھ تہٕ پچھکھ میوئے نہٕ چوئے



پرٕ ژھُم مےٚ پوشِرس گوٚ پان موٗرتھ
بہتھ اوسکھ تہٕ دزوُن نار ژھورتھ
دوٚپُن بہتر مرُن چھو کھ کریوٗ ٹھ للہٕ وُن
مےٚ وُنمس ہیتہٕ پانس فاٗض توٗرتھ



مظفر عازم (۱۹۳۴ء)

# لغزش

یُژ کاژِ گیو میون مدنوار ہرن سِوی
یُژ کاژِ ذرِتھ وُچھنہٕ دِژونَم مےٚ بُتھِس کُن
یُژ کاژِ مےٚ دوٚپ شوقچہِ گلمرگہِ کوٚٹھِش پھُٹ
باسیوم زِ دوونی لولچہِ بستی تُلکھ کرفیو
ہُتھ پہرِ پشس آسہٕ شِشر گانٹہٕ تہٕ ماچھس
یَتھ کوچہِ گُلِس آسی بوٚندوٚقی تہٕ دپان گےٚ
آسان چھُ پزرکم تہٕ زبوان کتی چھِ تتھ خاب

O

یُژ کاژِ گیو میون مدنوار ہرن سِوی
یَتھ گرٕایہِ بُچھان آسہٕ دِلک میون سُہ ڈل جھیل
تَتھ نظرِ چھُ تاثیر زِ پمپوشہِ چمن پھوٚل
سوٚمبراوی دِلکی داغ، گُلالن مےٚ کرم مال

وٕنہِ توپھہِ دَبر دَنی مےٚ گرٛزان اوس کنن منٛز
کینٛہہ میٹھی سوٗخن بأوِی نِگارن تہٕ زوٗلم ہول
کتہ روٗز سوٚ یَخہِ لاے یمن اُڈی جہِ پھلنن منٛز
نو ریٚہہ چھ ملاقات، مدنوار چھُ افتاب
افسوس، مگر روز اکھ افسانہٕ وَنےٚ مُنزی
اکھ شوٗخ طمع اوس کٔمس تانی سہ تنٛبلیٚو
تنبلیٚو تہٕ دیوانہٕ دپان واو بٔنتھ دژاو
یٚیلہِ واو بٔنتھ دژاو أکس وارِ اندر ژاو
اَتھ وارِ اندر ووت أکس پوٚشہِ گُلس نش
وٕتھ ما چھِ گُلن، پوٚشہِ گُلس ٹوٗری ہنا آس
موٚت واو، قریب آو، قریب آو، لوٚگ اَتھ ستی
اَتھ پوٚشہِ نزاکژ یہِ بےٚ ادبی تہٕ سپز بار
زن کانسہِ زوٗل مالہِ کوٚرأکی شوٗخ گنٛدن بأج
مستانہٕ مخولا زِ تٔمس ٹأری سپدی تَر
یتہِ ہیکہِ نہٕ وٕنتھ کانٛہہ زِ تٔمس رأو سو مالےٚ
یاوٗن چھُ مگر مس تہٕ بےٚ قوبوٗ تہٕ بےٚ پرواے
ژھکہ سالن دُتُن شایہ ہواوس تہٕ ووٗتُن تَس

''گژھ چون یہِ دامانہٕ گرٕژھن گیر کنڈٕ ہن منز''

تٔس زانہِ گٔنڈ شوخ طمع اوس یہِ موٚت واو

کر آسہِ نصیبس زِ أمس موکلہِ یہِ دامَن

فِلحال کھوٚتٔس راہ تہٕ یہِ موصوٗم سپُد گیر

O

افسانہٕ چھُ افسانہٕ ...... تہٕ افسانہٕ أتی تراو

افسانہٕ أتی تراو ...... کنو بوز حقیقتھ

یٔژ کاٗلی گیو میون مدنوار ہرن سوی

یٔژ کاٗلی دٔرِتھ وُچھنہٕ دِژونَم مےٚ بتھِس کُن

اکھ ساتھ بنیو ...... وائے مگر وائے حقیقتھ

باوِنی تہِ سبٹھاہ کرٕتھ تہٕ بوزٕنی تہِ سبٹھاہ کرٕتھ

تلواس تہٕ ارمان تہٕ وَتہٕ کون تہٕ پٔدی راہ

افسانہٕ وٕنتھ گوس تہٕ افسانہٕ چھُ کاٗفی



مظفر عازم

# کۄل کۄستوٗر

نہ چھُ تاپھ پیوان

نہ چھُ واوڈلان

گتھ کیرس منز کۄستوٗرس کۄرہَم اول عطا

کرشِہ کوہہشہِ قاتِل لبہٕ أندی أندی

تاپس پھےٚ نوان زِژ ہیر گڈِتھ

واوس چھےٚ ژہنان پَش پرُشنأوِتھ

یێلہِ دوٗر چھُ کانہہ افتابہٕ وُہان

چھِہ اندر چھُ موٚٹ اَنہِ گوٚٹ ہٕندراں

یِمہٕ زأج چھےٚ ژاپان صُبحُک پےٚ

کھسہِ گوشن نغمہ تہٕ ووگہٕ ژاپس

پھسہِ بوٚلی وَچھس منز وَٹھ سپدِ بس



مظفر عازمؔ

# غزل

وُٹھ کُمجارس روٗد نہٕ معنے دِلہِ وُسجاۍِچ روٗز نہٕ باتھ
یَس یَس لولُک مَس تھوو آیُت تَس تَس یێتہِ گوڑٕ باوٕنی ذاتھ

کھسہٕ وُن رَو کھوٚت گاہ وہراوان، وَسہٕ وُن روٕتلی ژھایہ ژوپ
مد ہوٚت دوہ دیُت غاٲرن چھاوُن گُنزٕ سے پێپہٕ وبتراوٕنی راتھ

یێمہِ ظُلماتہِ چھُ امرِتہٕ ارمان ژانگین زالان خونِ جگر
مَتہِ مجلُونو یێتہِ نو پاتھی آمین کھاسِن منز خاٲراتھ

پَنہٕ گنز بوٗنیا مَنہٕ مَس چاوان آیُت تھاوان موٚت شیچار
رنگہٕ وٕنی شوقس پھوٚرمُت پرٕمَس تھَرِ تھَرِ پیٹھ بنزراں اوقاتھ

یاہوٗمن ہوٗ کنِن لفظن منز اَن اللہ ما گرِژھ نوٚن
اَنہِ گٹہِ مَنہِ کامن وبتراٲوِم گنہِ گنہِ ما گرِ لُکہٕ ارساتھ

اَچھرن گچھ گُٹھِ پرٕنگ ووتھراٲوِم معنے برتل دمہٕ پھٹِ گوم
اَڈٕ وَتہِ راوٕر اَڈٕ کلی شوقن میانِن چشمن ہنز وہراتھ

نغمن وَنہٕ وِگنِن ہُند یاوُن لفظن للہِ زَن دِژہٕ مژ بَب
مَتہِ یِتہٕ ہاوَے دِلہٕ دُبراین اَز تہِ چھُ مازان اکھ گونماتھ

عازِم اوُسس لاٲزِم زونُم پَدِ پَدِ ژھاٲرن سوٚدرس تار
گوڈٕ رَب گیہ تیہ کانچھان کانچھان کھورِ تلہٕ نیرتھ ژٕج ژُتراتھ

عبدالرحمان آزاد (۱۹۳۴-۱۹۹۶ء)

# غزل

تتھے کَجر ژےٚ کلامس تتھے مےٚ حال پنُن

وَچھس وَچھس چھُ اتھس کنتھ تتھے خیال پنُن

مےٚ تگُو نہٕ زانہہ تہِ وُٹھن پیٹھ اَنٛز مُرِھلی مُتی خاب

ژےٚ چھے تہِ پےَ زِ أچھن ہُند چھُ کیاہ سوال پنُن

طرف طرف چھُ دَزان دون دِلن الاو جگر

اَسُن گِندُن چھُ بہانا گُلن ملال پنُن

مَہ پرٛژھ مےٚ حال، مَہ کر کینہہ اَنکھ نہٕ تابِ سوخن

گہے مےٚ قبلہٕ ہلان، گاہ مےٚ تھوٚد جلال پنُن

ژےٚ چھُے تہٕ ناز روخن پیٹھ ووزٕلی ووزٕلی اَدِ چھی

مےٚ مُتی خیال، خیالن چھُ بیوٚن کمال پنُن

مےٚ ژٕٹ نہٕ گتھ سو، اما پوٚز چھِ ہتہٕ بُدی دشمن

ژےٚ اوٚنک طرف مےٚ ازل کھوٚٹ نہٕ دوٚل تہٕ نال پنُن

یہ شامِ غم چھُ عجب دِلنواز آزادس

بدٕلی بدٕلی چھُ وُچھان حسن بے مثال پنُن

## مشتاق کاشمیری (۱۹۳۴ء)

# غزل

مشکلن ازمائیشن ہُند سوٗن سمندر زندگی صُبحنس محشرتہٕ شامَس شورِ محشر زندگی

زوٗنہِ پادن بوسہٕ چھی دِتیٕ متیٕ پزی یہِ چھُناپزر کانہہ ناٗوتھن ژے زمینس پیٹھ چھےٚ ابتر زندگی

عقلہِ وولُکھ ناوِژھوٗرتھ رنگہٕ محلن منٛز اَرام عشق کھوٗ پرٛن منٛز گُزاران میٹھ بہتر زندگی

سُلہِ کوٗرُتھ دعوا دوٚپُتھ چھُم ابنِ آزر رہنما شامہٕ پٔتی لیوٚ کھُتھ جبینس نقشِ آزر زندگی

نارٕدیوٚ شہرس متیوٗمُت ژھٔٹھ گُڈٕن ژوشوٕنی اندن چھُنہٕ خبر بیٚیہِ کر سنا مٔژراوِ دفتر زندگی

زِندٕ تتھٕہِ کٔنی روزٕ یُتھ سپد کھٕژٕ زندن منٛز شمار لاگنے عرٕشکی ملکھ جبریل ہٕسندی پرٕ زندگی

سوٚرنہٕ ہرگز پوٚرتہٕ بیٚیہِ پرٕنوٕو درس الکتاب اَمرِ بالمعروف نہی عن المنکر زندگی

چھُوٕ خبر مُشتاق سُند کتھ پیٹھ رشک ملکنٛگوٗمُت اَمی چھُ عنوان تھووٗمُت اللہ اکبر زندگی

# غزل

چھُکھ ژٕ مُفسرِ حیات حسنِ متاع کایناتھ عکس جمالِ زلف ورو ے نقش ونگاہ دوہ تہٕ راتھ

تس کیا حسر چھُ یُس چھُ بوٚڈ جاہ و حشم تہٕ چم تہٕ خم یَس نہٕ پگاہ چھُ قسمتس چأنی نگاہِ اِلتفاتھ

شانِ خداتہِ لاشریک، چون مقام تہِ لاشریک تانتہٕ تمس ژٕ چھُکھ پران ٹاٹھ تمس چھےٚ چأنی ذاتھ

میوٗٹھ موٚدُر کلامہٕ چون گرٛشھنہٕ گرِٛشھتھ مقام چون چھُکھ ژٕ تمن عفو کران یم ژےٚ انان چھِ مشکلاتھ

علم وادب تہٕ گاٹہٕ جار اَز چھُ اسیر زُلفِ یار رقص وشراب ورشٕو سوٚدیم چھِ اَمکی لوٗاز ماتھ

نقشہِ چھِ واریاہ بنان یام بنان چھِ تام مٹان یتھ چھِ پران چون رنگ یُس موٚ چھُم لبان ثباتھ

غلام نبی ناظرؔ (۱۹۳۴ء)

# ہے بہٕ کیٛاہ اوٗسس لیکھان

واوا آٮ۪گنِس ژاو پوشن لُج ڈٕنن
وا ے بُل چُک گو وقرارس کیٛا وونو
آدُمژِ رنہٕ رووژول ہُمہِ بالہٕ پٮ۪تر
تاپہٕ ژھایو کمِ شہلِ ننگلاوِ
روٕتلِ تر ووپھر بکھ
گاش وأجن ژاو ساراں چشمہٕ
یا وُچھکھ وَ ژھ تیٛنبرِ ارمانن تہٕ گاہ پُژنو وگمِ

O

شوقہٕ چِن بالا درٕبن مٔژ شامہٕ ژھاین ہُند جلوٗس
کرونیٛو مے اچھِر کجہِ تل یُتھنہٕ لفظن پھیُر کرکھ
پیٛیہِ مُدا اچھینِ چھینِ
تہٕ تتہِ کیٛاہ روزِ باقے بوٗزتھاہ؟

O

قافہٕ چِن پرٕ ی ین گرِ وآلو
زِونہٕ وَن ڈٕری گرِتھ
أندِ م صدتھا

ترٛ وومُت صُبحن بُتھس اندٕ وند نقاب
تارٕ کن لۆگمُت چھُے وونی پتہٕ وَتھ حساب
گاشہِ ذٕرٕ تلوارِ ستی مینان پان
روٗدٕ پھیۆر پھیۆر نارٕ سٕری گولِبن اندر
روتلِس بیٚپہِ منٛز دُہُل روٗٹے گومُت
خوٗنہٕ سٕری میٚژِ دیُت
تھرٕ بن نَوِ آیہ زُوز ہتہٕ پھانٛپھجار
شرٛ پیٚہٕ اٰ کِس جہتس اندر سأری جہت
دَپھ ہتہٕ شرٛ کنبن ژاودوٗ رٕ بر
نیب یندرازُن چھُ روومُت
دوٗنٛژ ھ دِژستھ زمینہِ نَو اسمان پھِری
ساتھ، برٛ نٛزی، رُم، ژِہر تس پیٹھ ستھ رچھان

O

اٰنہٕ وُچھ وقتُک تہٕ اَدٕ وَن کیاہ وُچھتھ؟
نیٚج چھا گٹہِ رتھ چوٚان؟
تاپھ چھا چھوکھ باٛ گران؟
گاش چھا آلبن اژان؟
تھَر چھا پھولنے بَرگرٕ ھان؟

پوش چھا چھٕنِز چھٕنِز پیوان؟
بوش چھا ہن ہن وسان؟
ہوش چھا زُوی زُوی سوتان؟
جوش چھا ررٕ کران؟
دوسہٕ تہٕ چھا وتھران پان؟
شیشہٕ مانٛن تل تہٕ چھا تھنگل وُہان؟

O

پرلبن ہندی اشتہار

ماز بوچھ رَتہٕ بوچھ یہٕ وقتک جانہٕ وار
رتھ لبوان طرفن تہٕ میٖژ کھیٚیے کھیٚیے زُوان
واو مالن کلہٕ ژٔٹتھ لأ گتھ تھوان
مسجدن ہنزٕ مندرن ہنزٕ لَبہٕ چھِ لاشن پیٹھ لدان
مِل کٔرِتھ خونس اچھر گلی مکی لکھان
کرٛ بکہٕ ودنچہٕ واظ خانس زہو دِوان
زندگأنی پأنی پانٔے پان قومس آکہٕ وان
نعرٕ لچھہٕ بٔدی ژھوپہٕ چھِ بیہٕ منز گرٛز تلان
رأوی متی ہوی زن چھِ جنتکی ڈیڈی وان

O

واتہِ اند کرداستان

واوچھُنہٕ پتھرٕ ے بہان

ناوچھُنہٕ گُنہِ کانٛہہ کران

پۆزچھُ اچھرن تل اژان

دگ چھےٚ مپچھر آپران

طوطہٕ خاموشی گوان

ہَے بہٕ کیاہ اوُسس لکھان؟



غلام نبی ناظر

## غزل

گَمہٕ گَمہٕ ڈٲلِیہٕ لکھنہٕ چھےٚ آمژٕ سمیہٕ صَفس
روٗتِل وُچھتہٕ چھُ لاگان لِچھہِ بۭزٕ چشمہٕ نبس

پوشن گمی تاں صحراوس منز ناد کریٛو
ییتھہٕ ماٹھک اوس گرژھان تمہِ ساتہٕ برس

O

پکھ پکھ تتھ وَتہِ آسی بُتھہِ برجستہٕ پھُلے
پتہٕ چھِنہٕ تَم کتھہٕ ٹُل تامتھ کٔنڈی ژار دودس

کوچو مٔژی اوس آلو آلو اُدی گرٕہان
ووٗنی گس وَنو زِ چھُنہٕ ظاہر کانٛہہ ناوٕے تَس

O

پرٛتھ اندِ مُشکٕنی ادفر گُس وَنہِ چاۍنی خبر
ووٗنی چھُنہٕ شاید کانٛسہِ تہِ چوٗنے ناو زٕتس
اَدِ کتھی سرٕ شِہلی چھِم تھۄیٕتی بوچھس مژ
واوِ مدُن اوس حالٕے آمُت سون شبس!

O

روزِ اگر نَے ژانٛگس ژھایہ یہِ پوٗنپُر چون
گفہٕ کتھ چھا ووٗڈھ لاتِنِ دزٕنچِ شیہِ نارس
ہتھ دب لگی تتہِ ہوٚسَس تامتھ پَل پھری پھری
تتہِ اَس تھَدِ تھَدِ بولان اکھ ژھوپہٕ میانی تہٕ بس

O

واوِ پکھن پیٹھ ناظر لیکھُن چھِے سُے نار
تیمی تھوٚو قایم سرٛیہُل ترٛشر چانٛس قلمس

موہن لال آش (۱۹۳۴ء)

# یاد

گۓ شرٛ پتھ بُرأژ سونٛہری خاب میأنۍ
زوٗن باسان زَن درس اُلجمژ بیمار
برأنتی چأنی چھِم گرٛھان خابو أندرۍ
پھوٚروچھس تل چھُم گرٛھان مےٚ نیٛری نیٛری
اختتامَس ووت از راتُک نشاط

O

ہِری یہِ کھسہِ بیٚیہِ بالہٕ تھنگبن میٹھی دِتھ
سونتہٕ کالس دامہٕ نَس کوسَم پھولِن
کامہٕ دیٛوس نیرِ سونزل ڈألی ہیٛتھ
میانہِ سینٛکی نارٕ تٔتۍ پھولہٕ وٕنۍ گولاب
بیٚیہِ تہٕ شولِن بیٚیہِ ہنا سپدِ بکھ تناو

O

چھِم خیالن نال وٕلی وٕلی راتہٕ پیٹھہٕ کی حأری ثاتھ
حأری ثاتو دیُت گُلالن داغ دِل سأرِکھ مزار

چھُھم طماہ اکہِ ساعتہٕ وُچھ ہَس مأژِ نَم
پیچ و تابس دِیو ہنا ییِہ ہم قرار
ہے! مگر وُچھ میون بیقل آرِزوے
چھُس دپان سیٚکِ لِس اندر پزٕ زلن سراب

O

دوٗر گرٕ ھی تھے شامہٕ ژِھمبرٕن میُل گرٕ ھتھ
یارِ گس گس تارٕ کن ییٚلہِ کھارِ بوش
یاد آسم چأنٕ مے پھرِ پھرِ یِوان
میأنٕ سینکی نارِ تتٕ پھولِن گولاب
بیٚیہِ تہِ شولن بیٚیہِ ہنا سپدِ کھ تناو

☆

## غلام نبی گوہر (۱۹۳۵ء)

# نظم

سنگرو ووٚتھمُت

چھندریومُت ، ہندریومُت کاو

اوس پاتھرٕ ستھ لَرِلور

چھاوان مژھیُل تاپھ

آنہٕ ڈبہِ مُژرِم دأر

گرٹال شیپشُک وُپھ وُن تاپہٕ ٹیوٚک

گووکٹہٕ کال گردنہِ ہنزٕ رنٲلی

وسہٕ وٕنی کاوَن نوچتھ وِلیہِ وُڈٕو

روپہ ہنزٕ ہیتھ ژوٚل پتھ وَن

وائے رووس مژھیُل تاپھ



غلام نبی گوہرؔ

# غزل

سَروِ شِہلِس چھُ گرٕیشمہٕ تاو تہٕ ویوٚد

بوٚنہٕ وٕتھرن چھُ موٚت الاو تہٕ ویوٚد

شٕہری شہرس چھےٚ ہوٗل ہاۓ سَخ

گأمی گامَس چھُ اکھ بےٚ ناو تہٕ ویوٚد

پَتھ پوٚہَس منٛز تٕمِس موژیوٗمت کرٛنٛز

رٕنٛی آرس پنٕن بہاو تہٕ ویوٚد

سوٚدرٕ لہرن اندر أژِتھ سپدان

روٗخ ہواوُک تہٕ ویوٚد ہوا تہٕ ویوٚد

وٕتھرٕ وَردن تہُند تہٕ پٕتھرٕ سوٚمبرُ

شبنمس سونزلہٕ پأراو تہٕ ویوٚد

ژھاے میٛنتھ پٕنٛنی وِسان عفریت

شامہٕ ژِھمبرٕن چھُ ژھایہِ کھاو تہٕ ویوٚد

ناو ہٕتھ گوہرسؔ تٔمی دیُت ناد

یَس نہٕ اَزتام پنٕن چھُ ناو تہٕ ویوٚد

## غلام نبی گوہرؔ

# غزل

دوہ یِنہٕ ڈَلہِ یِنہٕ بێیہِ یِیہِ راتھ گٹہٕ زۆول وُچھنس چھنہٕ میانی باتھ

زٕہنس گیہِ تمہٕ ہانکلہٕ نألی ہِجر چہِ وُمرِ تہِ وصلُک ساتھ

چیتھ پِلنووُم تَس کُن جام حسبہٕ آس سُتہِ أس میانی ذاتھ

کاکھو ٹِکہٕ نأوی دوسہٕ ہٕٹۍ تام سبزرن کۆر میون ابلق ماتھ

یێلہِ آس تێلہِ أس سُل یا ژیر شێچھ أس خألی ''کُنہِ وِزِ واتھ''

ووتھ کُنہِ شُنیاہ دبو لگہِ دِل یێتہِ چھی شہرن منز جنیاتھ

ژٕھر گَتھ کرہکھ وَچھ لوتہِ ہا قارونہٕ زَن چھے دِیُن خأراتھ

جگرٕ کہِ رَتہٕ لکھہٕ غزلا جان بێیہِ کیٛاہ گوہرؔ انہِ سوغاتھ



غلام نبی گوہؔر

# غزل

کیٛاہ کیٛاہ وَنے اے دوس ژے گَم گَم سِتم مُشراوی مے
گُس زہرِ غم کوٚر نوش مے گَم نیزٕ چھوکھ وہراوی مے

زانِہہ ما کَنَن چانِہن اندر اَز تام ووت اے داد گر
سُے نالہٕ ییمہِ ستی سر بسَر عرشکی ستوٚن وبسراوی مے

زانِہہ گرٕ وُچھُم راحت تہٕ سوکھ للہٕ وِم دوہے گَم رنج تہٕ دوکھ
افسوٚس پھولہٕ وٕنی لالہٕ روخ کمی ہَر دَنے زَزٕراوی مے

گُس ناش آشن گوو متیٛو طمہا مے وژاوا دردِلو
یَتھ لولہٕ سینَس منز گُلو کم آرزوٗ دوٚبراوی مے

گوہؔر موٗلُل خوٗنے جگر سگ دِتھ دِتُم سازس اَثر
شمعہس اوٚنُم سبزرس مَژر پوٗنپری نژُن ہیچھناوی مے



بشیرؔ بھدرواہی (۱۹۳۵ء)

# غزل

ہَر یوٗمُت گُل پتھر پتھ کأنٛسہِ مولنووا تہِ ما چھُم پےَ

مےٛ پتہٕ میأنٛس غمس منٛز کأنٛسہِ اوٚش ترووا تہِ ما چھُم پےَ

مےٛ سوزٕ یأیس پننی کینٛہہ خاب بۄری بۄری واوِ کھاسبن منٛز

اَما تمی عطرِ ہندی مُشکن سۄ وُزنووا تہِ ما چھُم پےَ

سۄ تارٕک رأتی راتس روٗد ناپان کوچھِ اندر ژندرِ چ

صبح تاں گٔژھ پچھس منٛز کأنٛسہِ پژزنووا تہِ ما چھُم پےَ

سماں روزاں بہٕ اوُسس مثلِ شبنم پوشہِ وٕتھرن پیٹھ

ژھٹو میانے وجوٗدُک موختہٕ چھوٚکرووا تہِ ما چھُم پےَ

شبابُک ساز ہتھ درٕ امُت خراماں سونتہٕ پوشن کُن

ربابُک زیرو بم تمی وارِ بوٚمبرووا تہِ ما چھُم پےَ

زُوَن ہُند زار گنِدی گنِدی خارِ زارن ترٛیشہِ وُٹھ سُوی سُوی

کزِلی وارَے گُلالو زوٗل کرنووا تہِ ما چھُم پےَ

چھُ فردوسِ بَرین کتھ گنی بشیرؔا اَز گوٚمُت رَتہٕ سُری

یہِ ہا ہا کار وطنُک کأنٛسہِ غزلووا تہِ ما چھُم پےَ

☆

منظوؔر ہاشمی (۱۹۳۵-۱۹۹۷ء)

# غزل

یُس وِ سُے ییتہٕ ہسأ گنڈان دیوار
خال کانژھا بنِتھ ہربکان دیوار

اوس ٹھوٚر گیتہِ سُہ شُر بہٕ ییلہِ اوُسس
قد تھدان گوم گو تھدان دیوار

راز سأنی چھِ بازرَن پھیران
گتھ سَہ کیُتھ آنگنَن گنڈان دیوار

پڑھ تھوَکھ یُتھنہٕ زیادٕ تکٕ یَس پٹھ
کالہٕ صُبحن الان ڈلان دیوار

عأب غأب کأنسہِ ہٕندی بہٕ کرٕ گنزران
توتہِ آسان چھُ گن دِوان دیوار

ہتھ خمل، ٹھُٹھی چھوکل ڈوکل در و بام
یَتھ سماجس چھِ ما ہٕسان دیوار

دَگ تہٕ تلخی ژہان أندرٕی ماحول
باشہِ کرُون نیٚبرٕی اسان دیوار

## سلطان الحق شہیدؔی (۱۹۳۵ء)

# غزل

وولہٕ وُچھ یارو موٚت سمسار نہ چھُ اسنس نہ چھُ ودنس وار
پھولہٕ ہَن نَے یم رنگہٕ رنگہٕ گُل بلبل ما وَنہِ ہے وِلہٕ زار
وقتس آسان پژتھ کُنہِ مول وقتس چھُے پژتھ کانْہہ لاچار
یمہٕ وہٕ ییٚلہِ ترٲو شوقٕچ ناو تم وہٕ لوٚب سٔدرس منز تار
ییٚتہِ چھُنہٕ مُطلق آدم بوے ییٚتہِ زَن جنگلی جاناوار
سُے گوو خوش بخ سُے جنتی یَس بَنہِ دون دیدن دیدار
دردِ بازارُک سودا کر ہٲرِتھ زین تہٕ زیٚنتھ ہار
سیوٚد وُچھنَس دِمہٕ ہاتس کوٚژھ کوٗبُل کشمیر ییٚتہِ قندہار
ژٔمی ہے پژتھ کانْہہ چھُے گوان تیٚمی ہے تیٚمی ہے نیران دیٚار
ڈٲلی شہیدؔی صاٮ۪نہٕ وٲژ اکھ اکھ دفتر چھُے اکھ اکھ شار

## موتی لال ساقؔی (۱۹۳۶-۱۹۹۹ء)

# رُباعیہِ

گزل وقتن برس گو کرٕچ مےٚ دوٚپ آو
امارن شولہِ دِزٕ سمسار پڑزلیاو
أندرٕی أندری مےٚ سَتھ سمسار ؤندیٚ مَس
پتو زوٗنُم یہِ پوٚک دارِ تٔلی واو

O

تُلکھ یوٚد أچھ قیامت واتہِ کھور تَل
ژٕ مُشرَکھ پرٕدٕ سوٗنتس سپدِ گانگل
مشن گس ہردٕ ژھالن بدلہٕ وٕنی وٕہ
یہِ چھا یاوُن یہِ ئنی شمشیر کرتل

O

یہِ گتہٕ رێنی مُش نہ چھےَ چأنی نہ میأنی
یِوان ئُژی گرٕھان زَن آسمأنی
پیٚوان تیزاب زَن پشمینہٕ پَلوَن
ژلان ییٚلہِ ژٕنڈ اَتھس دِتھ نوجوأنی



O

یہِ وتھ گأرِ وانِجن أس توشان
ئکنم ژھوٗژی گأرِ ژوبوٗتھے کنڈیو سان
خریدارو تہِ نی پڑژھ گارِ روٗستے
ؤتھِکھ رَتہٕ چھوٗلِ کھِہٕ روٗستُے چھِ ووزلان

O

عٔلِم مُژراوِ بر بند روبہٕ خانن
عقل گرِ تار ہیوٗر ہیوٗر آسمانن
دیان سرحد دِلکی بَدِ کڈی گمو تام
رُحس چھَم تریش تھَرِ چھَم وُستخانن

O

وٗنتھ گتھ ہکھ زگتھ چھُ پارِ دی ڈل
وُنی چھُ تاپِل تہٕ وُنی چھُ تارکھ گھل
کینژہہ نہٕ منزِ کھتی تہٕ رأوی کینژہہ نس منز
ساس عالم مے أسی نظرن تل

O

گُلبن بُتھ ہوو ہردن گوکھ زردیار
کولن پھُٹی کوٹھی تہٕ آرن روو رفتار

ہوا رِنگ اکھ، لبنجن وَچھ کأنۍ گۍ ژنۍ

پھوچن پٹھ مرژٕوانگن ترونگو ووزٕلی نار

O

سیاست کار بن سروگہِ سرٛوگ چھُ باپار

ضرورت چھےٚ نہٕ خرچاوٕنی چندٕچ ہار

وُچھکھ ییٚتہِ یُتھ تَتھن تیُتھ پأتھرا لاگ

أتی گینٛزٕلد أتی کر طوطہٕ گفتار



موتی لال ساقؔی

# غزل

وق چھُ ابلق واو، اسمأنی وُڈان

بس یو ہےٚ ہوٚ ہوٚ تہٕ شی شی چھُس پچھان

کانہہ نہٕ کتھ کرنس شٕیچھ گتھ آش ژھوٚر

أتھی وُجارس منز بہٕ لُمی لُمی چھُس زوان

شیشہِ کھنجہٕ، اہریزٕ، کھورٕ نَنہٕ وور دژاس

یِنہ وتُس بایہِ پننۍ یتھ جوان

شہر والیو چھُم نہٕ ہیوٚن دِیُن ترأوِ توم
نگرٕ نیرِتھ چھُس بہٕ پاندرٕ ٹھن بسان
کاوٕ ییٚنہِ وأنِس سوکتھ پییِہ وأرِ ووٕنی
اَز چھِ آکاشس فقط راکھٕبس نِشان
پوشہِ پتھرٕ بن سوسنو بوٚرمُت ہلم
لُکھ سبٕٹھاہ نوزُک یِمن خوشبوے کھران



موتی لال ساقیؔ

# منٛدورٕ

گگر لگیٚمتی چھِ ہُتھ منٛدورِ ہیٚرِ بوٚن
یِمن گیہِ وأنِس اَتھ پرٕاٹان أندری
وَسان چھُس بورتھٕرٕسہِ پَش چھُس اویزان
کُنِس کُنی کٕڈِس یُس شیرٕ تلی پوٚک
گرٕنڈٕ بن چھُس ناس گأمٕژ رٕہم وِرامن
جُرِتھ چھُس ہایہِ رَزٕ طاقن تہٕ دارٕ بن
برٕن ٹنگ چھوٚنی تہٕ ہنگ آمتی چھِ نیرتھ

وُچھن والین چھُ تأجب سوچ روؤکھ
دٔرِتھ ہِکتھ پھےٚ، کر کس فکرِ توٚر زانٔہہ
پھِیمٕژ نوٗلہٕ ذاتھا پھےَ مکانس
نیےٚ سنگاہ أچھ نِوان کوٗرِتھ مکینن
اَکی دَگہِ رَتھ چھُلِتھ والان مکانس
یٔمو ہیوٚک دژاے تَم مندورٕ ترٛاوِتھ
سبٕٹھاہ گے بالہٕ بُزی چھیٚپہٕ لگو زمانس
اَڈو سیکہِ شاٹھ رٕٹی أڈی سٔدرٕ پتھ گے
بےٚ گرِ سپدِتھ زُوس لبس رأچھ تھاوٕکھ
وٚونے روٗدُکھ نہٕ اسی کَم أسی وأتی کوٚت
چھِ وونی مندورِ منز بٔسی کین گرٛتام
ودان وٗدی وٗدی کران تَم شام صُبحس
خبر چھکھ وُنی نہٕ وُنی پیہِ شیر لب پیٹھ
خبر چھکھ أسی چھِ بے دسگاہ کرن کیاہ؟
کران سٕرٛ کُن چھُ یتھ مندورِ وُسوار
یہِ پٔچ وأنسن تہٕ دیو دوہ سأنی نیرن
أچھن تل رازٕ بَل چھُکھ آس وٗہرتھ

قاضی غلام محمد (۱۹۳۶-۱۹۹۹ء)

## غزل

چانہِ انہارٕ میون شار وَنُن — ٹوپہ تَل تاپہ ٹیۆک رٕٹتھ تھاوُن

ہیرِ گو ٹھَس تہٕ دِل ہیۆتُن راوُن — ژھاے ہِش گیہ تہٕ ژانگی ہیوت کھوژُن

دوہلہِ تَس ژھاے اَس گنی تہٕ برٕژ — راتھ کیُتھ از سُہ شخص گو ژھ نہٕ مرُن

اَنتھہٕ رۆستُے چھ سوٗن تہِ دھیا نک سر — بۆٹھ تہِ وَسہٕ وُن چھ کھور گو ژھ نہٕ ڈلُن

اَچھ گیَے پُتنہٕ ہۆل گوٗوے نَرِ ہۆر — پژون زۆل اوس چون گو ژھ نہٕ کھنُن

کونہٕ اَمہِ پیٹھی وُپھان چھِ جاناوار — تَتھ قلایَس اندر اَژُن تہٕ وُچھُن

راتھ مٕژرووتھس بہٕ خابس منز — کۆت گیا یکھ ژٕ کوچہِ کنز توکن

## غزل

اَچھ چانہِ چھے زَن لُکہِ باٗتچ لے — نَنہِ وانہٕ دِوان پَتھ کالُک پے

مٕشہِ رووتھسا اَدٕ پاٗری لگَے — ہِنہٕ آنہٕ لبن منز نظرِ گژھے

نکھہٕ واٗتتھ واوَن ژھیۆرووٗس — ژانگج رہہ لاٗگتھ آیاسے

یۆدوَے ژٕ نبک تارُک لاگکھ — شُری پاٹھی ہلم داٗرِتھ روزَے

پھیرتھ آیاکھا زانہہ وُچھہَکھ — ماٗنتھر دِتھ تھووتھَس جودگرَے

فِضہس منز مُشمتی خاب وُڈان — بوٗنبن تل کُس وایان سورنَے

تیُتھ صورت خانہ چھُ یاد وۆتُر — شاٗعر اَستھ ما سورمِ کھیَے

مشعلؔ سلطان پوری (۱۹۳۶ء)

نظم

# پیش کال

بےٚ یقینی پریشانی منز
ژھس بہٕ کُنہِ کُنہِ تمن سمکھنہِ گرٕ ھان
ہوٚکھی متس دزی یاوِٕندِس پیٹھ
لوسہٕ وُنہِ ہری یہ چہٕ ووزلہِ پزٕ وِمنز وٕلتھ
سیکہِ شاٹھس پیٹھ چھِ تمِ لرتزٕ آوِتھ

تمِ چھِ وُنہِ مولجہِ ریشم ہندِ پوشاکہٕ ستی
تہٕ لال جٕرِتھ گھنہٕ ستی پأر آوِتھ
زَن چھُ دولٕتہٕ ہندِس شُشرِ شٹھے متس حالتس

حسبہٕ ہوشہِ کفنہٕ وٚلمُت
کھُلہِ سیکہِ شاٹھس منز چھِ کھوڑٕونی ووش ہٹھے گونجان

بہٕ ژھس ژھوپہٕ کٕرِتھ پھیران
پننہٕ نبن زُربن کن
تہٕ تمو منز نیک ھیوٚ اَتھس منز چیرٕ ٹتھ
بیکس کھلہٕ نبس کُن نظر گنڈان

مشعلؔ سلطان پوری

# غزل

ژٕ یتہٕ چھُے پھِرنُے ہَندِ کورِ ہُند درأژن ہُنٛد
میٚتہٕ زن پھوٚرگنہٕ کانٛہہ وَنہٕ وُن مُزی راأژن ہُنٛد

کیٚنژن روٗنہٕ داماَنٛک شرٛونی دیوانہٕ کران
کیٚنژن تسرُف لأژن ہُند تہٕ مناأژن ہُنٛد

دوہلہٕ تہٕ سپدِ یہٕ تتہٕ چھُنہٕ اخبارن آسان
اَدِ گتہٕ نَنہٕ اوحال ووں تتہٕ چھِن راأژن ہُنٛد

روٗدس رَلہٕ تیزاب تہٕ ہوہَس شورٕ بڑیہان
بس خودہے حأفظ چھُ یمن زُوٕ ذاأژن ہُنٛد

کأنسے اوسنہٕ پَے یمراز چھُ کیٛاہ ژھاران
ناو بیانہٕ پرٛژھان أسکھ گر بأژن ہُنٛد

خوٗنر وارِلی أس ووں کوتر بوٚلی کران
ظوٗن ما اوسُکھ پنہٕنِن پنجن پرٛاأژن ہُنٛد

لیکھو کوتاہ سُر بنہٕ چھا گُنہٕ کاو ووتھان
بوزٕو کوتاہ قلمن میلہِ دوأژن ہُند

پھو سرہے ڈوٗٹھ مگر تم ہی تھرِ کینْہہ
جگرس اَے چھُم داغ تہٕ تمہٕ یأژن ہُند

پڑتھ کانْہہ تُھر تَس روزِ ہیتھے رتہٕ دأوی کران
پھیر تے مشعل دأدی تہٕ دوکھ پھرِ کأژن ہُند



<u>مشعلؔ سلطان پوری</u>

# غزل

روزان چھُکھا تٔتھی جایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت
بوٗزُم ژٕے چھے ہمسایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت

یَس اَز چھِ دِوان شوقہٕ پدٕہن میٹھی تہٕ تٔمی ہے
برنا بگاہ تلہ کرٛایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت

گَر پھیرِ صُبحُک واو نَبہٕ دٕونٛد شولہِ رَو چھکہِ نوٗر
گرِژھ ما جوأنی ضایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت

وُنہِ وٕوتھ نہٕ محشر گُنہِ تہٕ کنَن گُنِہ نہٕ ہٕنٛز کرٛبکھ
چھا نیرنے کِنہٕ دژایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت

ییٚلہِ تاپہٕ ترٛرن زألی تَمہِ کوٚڈ زُلفہٕ خمن واش
ترٛٹھ ما چھےٚ اوٚبرس ژھایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت

گُلی ماسأ تھٔون تھپہٕ أچھن تو بوٗدِ وُچھتھ میون
اوٚش ما وٕتھُس دَدرایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت

یم ہینٛز رٕسلی شار دِٕلکی زار ہٕنٛز نام
بوٗزِتھ سو ما وٕشلیایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت

پرٛرژھمَس تہٕ دٕپنَم مشعلا سو. ہاواتہِ دزان گرٛژھ
راتھٕے اگر موکلیایہِ ہتا بایہِ پرٛژھُن ووت



سجود سیلانی (۱۹۳۶ء)

# گَتہٕ رٚتنز

ہنگہٕ منگہٕ آیہٕ نگارس ژٕنڈ!
پارٕدی تھرٕ تھرٕ ژھوٕو ہارس
ژس گوٚو وٚتس......

پأتھر پٚنجہِ کُن دٕرلجہِ أچھ
پربت سپد بوٗ اکھ اکھ شاہ
پوٚت منظرس منٛز تھٔنہٕ پٚیہِ نَے ہٕش
دٕزٕوٕنی لٔش ہتھ ہنگہٕ منگہٕ نوٚن دژاو
طوٗرٕچ زٕژ ہٕش سوٗتر دھار

O

أزِچ یہِ چھٔنہٕ گتھ
تنہٕ رٕٹی ہَتہٕ بٕڈی رنگ زمانن
ژھبتہٕ گٔے کُریا تارَ کھنب
بدلے الہٕ پلہٕ چھِ بٕڈی وِژ
پأتھر پٚنجہِ یِیلہِ پرٕد ووژھو یوو
تَہٕ آے شھوبَہٕ کأئِناتٕ شأ نگی

تَنہٕ تھگھ دی دی

نِنہٕ آمٕژ گَتہٕ رٕینٛز

پأتھرٕ پیٛنجہِ پیٹھ ژھوہ ماران

میأنٛز یہِ تھأچٕژ، ژھینٛزٕژ، وو شلیمٕژ گَتہٕ رٕینٛز

گُنٛزٕنٛز خلوَکھ وُڈرٕہٕنٛز بوٗنٛز

ہرٕدِکی واوَن پَنہٕ پَنہٕ گأرٕمٕژ

گَتہٕ رٕینہِ روٗنہِ گوڈ چھونٛز چھونٛز رۄستُے

لٕدرٕ پھَلبن چھُس ژھیوٗ نمُت پَن

کھوکھرِس نٕژنس گُس وجدان؟

نٕژکوٗت تامَتھ گُنٛزٕنٛز گَتہٕ رٕینٛز

گُن زوٗن کوتُرٕ کاوَو کھوٗ

پأتھرٕ پیٛنجہِ ہنٛزٕ لنگ لنجہِ غأفل

سٕدرہٕ بٹھِس پیٹھ ترٛأوِتھ ڈاپھ

نَم نَے ناوِرَٹن گنِدن گأری

پَچہِ پَچہِ بیوٗن بیوٗن گرِژھ پچہِ ناو

اَڈٕلیوٗک پأتھرٕ وٕتھ گرِژھ رأسی

[illegible]

گتہٕ رێنہِ أندی پکٕ مُتی سازندر

سوٚتر دھارس نگھہٕ پھیوٚک بانڈ

سٔدرس زیوٚڈھ ہلم یوٚت تامَتھ

گرٛ یزِ توٚت تامَتھ ژلہٕ وِنی ند

سِری یہِ زٕژن منقلہِ وُشنیر اہ

زُنہٕ گاشس شیہلتھ موجوٗد

وارِ چھِ ڈوٚرِس ڈوٚروَ چھس منز

اَدِ پھوٚتھَنہٕ سونہأری نشاط

ژوشوٕے بونہٕ کوٚراَتھہٕ واسَتہٕ

شوٚژڈَلس کو چھِ گُھرٛ روپہٕ لانگ

پإٔتھر منڈِلس نظرٕے لُجمٕژ

اَندٕ بروٗنہہ پإٔتھر چھکرنہٕ آمُت

سوٚتر دھارس گومُت ژس

زندگأنی ہنٛز مٔرِ ژھج یہِ گتہٕ رێنٛز

زگتچہِ پإٔتھر پێنجہِ پٕھٹھ کُنٛزٕ زٕنیٛ

نَرِ ژکوٚت تامَتھ

مکھن لال کنول (۱۹۳۶ء)

# غزل

رَخ چھُ بدلان برٛزرٛبن اندر ارساتھ ۔۔۔ حبس اگر نےَ تھوَکھ تہٕ راوی ذاتھ

یُس وِسے توٚر تہٕ گٲدلہٕ ٹھوٚر پروٗٹن ۔۔۔ یُس وِسے چھُم دپان مےٚ لوٚب درجاتھ

چشمہٕ مُشرٛبتھ تہٕ سٲری کوٚرُتھ عالم ۔۔۔ وونڈٕ بوٗتھ تہٕ مس کٲرِتھ حالاتھ

نظرِ کش ہیوٚ کوٚڑُتھ تہٕ دوہ ووشلوٕ ۔۔۔ شانہٕ زُلفن کوٚرُتھ وٲٹِتھ مُشٕ راتھ

مےٚ تہِ اگر توٚگنہٕ ہسر یہِ موچھِ موٚرُن ۔۔۔ ژٕےٚ تہِ نسأ بندرِ ڈبکہٕ دِتُتھ خأراتھ

نہہ گٲٹس منزٕ سہٕ تل پتالس ووت ۔۔۔ شینہٕ گاشس ژٕ کوہ تھنگِس پیٹھ وات

ناوٕ بدلی گٲرِھتھ توٚگے بوزُن ۔۔۔ جامہٕ بدلی کرٕنۍ چھُ مُشکل باتھ

اَز تہِ کنولسؔ چھےٚ دَگ تتھَے پأٹھن ۔۔۔ اَز تہِ زخمن تٲمِس لگان وٲہراتھ



مرغوبؔ بانہالی (۱۹۳۷ء)

# غزل

نہ زٕگٕچ کینٛہہ شکایت نَے زمانٕچ — یہِ چھُم منت مےٚ چانے آستانٕچ

بہٕ چھُس کُن اَسی تھٕے اکھ کاروانا — گُنہٕ یوٚدوَے حقیقت کاروانٕچ

دِوان چھُکھ یادٕ ترِس جادٕ گھہرن — نٕہِج بدلاو ژٕ تہِ ووٚنی امتحانٕچ

تَسنٕز وَتھ ہیٚکہِ نہٕ کینٛہہ پرٕ بتھ رُکأوِتھ — خوٚدی ورتأو تیٚمہٕ آبِ روانٕچ

ژٕنَے پکہٕ ہٕکھ نہٕ بنہِ ہے راتھ نَے دوہ — چھےٚ ژے آویزٕ گردش زمانٕچ

وُڈے کاغذ تہٕ قلمن میل موکلیے — أڈٕے گوڈٕ کتھ لیٚچھم وُنہِ داستانٕچ

کتھن مرغوبؔ نبن ژٕ تہِ آلوان پان — بمبوٚرو ترٛیش ژےٚ تہِ شاید بیانٕچ

# غزل

أکی مُتی خیالن زندگأنی میأنی مُژ رأوٕمژ — ہٕلی چھُم نہٕ پانَس چال مُتی سنٛزٕ ہش مےٚ بنأومژ

ژھومبہِ اکہِ وُچھایم مَس بران کھاسٕبن سو حقیقتھ — یوٚدوَے سو خابٕے أس نظر چھن مےٚ چھورأمژ

گُل مُشک ژھٹنا یایہِ تیٚمہٕ احساسہٕ کَس باغس — موصوٗم وأنج میأنی تُمی ژھٹہِ چھےٚ وُپھلأومژ

تیزاب ینہٕ چھوٚکنم وَچھس اکھ ورگہ کتھ بأوِتھ — تَنہٕ کأم دُہٕچ تَے شیٚچ ہٕندرٕ مےٚ چھُم رأومژ

کتھ لنجہِ پیٹھ تَس رنگہٕ ژرِ ہُند اول وَنی گُس — تمہِ پأز پنگتھ پوشہِ نوٗلن شانکہٕ نَس تھأومژ

کینٛہہ لوگ نہٕ یَے کٔاہ مانہٕ تتھ شیٚچھِ اوس بوسہ یوٗزتھ — زیٚو پٔننی مرغوبؔن تہٕ دندن تَل چھےٚ دبأومژ

مرغوب بانہالی

# غزل

نژنگ مژرا وہرأژ اوبرن اون پیالس پیمانس تام
ژِ تہِ جانانو ییتہٕ اَز لِلہ آرِ کٔتس مسوانس تام

اکھ نغمأتی سفرا جأری روٚذ پھیرِ پیٹھ دُردانس تام
پننہِ امارِچ لے بوٚمبراوان پکھ ژِتہِ وِگنستانس تام

وپھِچ خوشبو ییتہٕ رنزناوان انزانس بریگانس تام
ژھٹہِ وَنتو ژھوٚر دامن دأرِتھ گرِژھ تتھی سُنبلستانس تام

پرٛتھ کانٛہہ پام زلیخا لأگتھ رٹہِ یوٗسوٗفس پتھ بہٕ مگر
زأہدتَس کلہٕ والَس ڈیشتھ روزِ نہٕ ژیتہِ کینٛہہ پانس تام

تمی سنٛزٕ مرضی چھم پُشرأومٕژ پننہٕ نبن ارمانن ہنٛز ناو
پیرٕونی تھوِ سا کِنہٕ بوٚڈ لاگِس تہِ چھُ تسی کشتی بانس تام

لَبہٕ ہاسو کھیَس آگر پچھنہِ بہٕ پکھِ تل سوے کوٚت تام ژٕجم
اَتہِ برونٛہہ کیاہ کرِ پرٛژھیون اُستھ کھأجم وُپھ اسمانس تام

ییتہِ اَز سأنس شوقس پُستی کیٛرس منٛز پھٹنگ اَسہِ ہیم
تتہِ اُس تمی ہندِ لوچِ مستی بُتھہ لگی اُسی طوفانس تام

اَتھہٕ چھِنہِ رس منز کِتھ رَتھِ کھاجن مرغوبس تامتھ اوس یی
اَتھ مول کھالُن یا مول والُن تہٕ چھُ سورے جانانس تام



مرغوبؔ بانہالی

## گاشواَز موروش (گیت)

رنگ ڈٔول سوندرن، دِل ژٔول گندرن، دِمہٕ ہادِمہٕ کس دوش
وُچھونہٕ اَچھ پھوٚر نچھوُن روتُل، سونہٕ سیرٕ ن ووٚتھ بوش
وَق چھُم ڈلان ہوش
گاشواَز موروش

انہٕری شَرِ کس مہریٚنہِ تأنس لوٚگ پھَلہٕ ژٔندرس گرٕون
ییٚرِ ھ پَرِ ھ ہندِس مہرازس لوٚگ چھیٚپہٕ سیہٕرس ڈکہٕ لون
رَبہِ موٚٹھ سونتُک جوش
گاشواَز موروش

زہنہٕ بروٚنٹھے مےٚ کِنتھ کس تامَتھ گومُت وقتک ووٗنہ
نارس منز دَز یانہِ اما پوٚز زالان چھُم شینہٕ ووٗنہ

روۄمُت سو کھ سنتوش
گاشواَز موروش

ژٕلہٕ ہا ژٕلہٕ کوٚت ژھلہٕ گٔری سمیٚن کوٚرنَم دِل رَتہٕ دأوی
حُسنہٕ ڈٕلکی پمپوش
گاشواَز موروش

چھلہِ چھلہِ کرِپھن دِیہِ ہندی پرِ بتھ کھوور بن گرِ پیٚیہِ تاپھ
ٹُلہٕ گُس دِلہٕ کِس ٔسنجہِ زمیٖنس سَتہٕ گٔزی شینگُ شاپھ
تارِگیٖم رَتہٕ پوش
گاشواَز موروش

نُندن کوٚر عرفانس للہٕ کھوٚل للہِ دِتی لولہٕ وبدا کھ
پرٔ ژھینہِ مرغوبا ژٕتہِ یوٚدسوے رَتہٕ وأنج ہتھ آکھ
شیٖرِ بہٕ لاگے پوش
گاشواَز موروش



حکیم منظورؔ (۱۹۳۷ء)

# غزل

روخ بدلِنس بہارِ اتھن ماسا تارُٔج
کانٛہہ پوش ماچھُ زِندٕ کِنِنہٕ تام سأرُٔج

لیکھی زٕ ہم جواب یوٚدوے ژِ کتھا کانٛہہ زٕ تَس پیٚیی
کأفی مے یی لیکھُن چھُ زِ بادام وأرُٔج

تَس کیاہ چھُ تَس حویلی پنٕنٕز شیشہٕ خانہٕ ہش
تَس کیاہ چھُ أُج تہٕ واوٕ گُلن میأنۍ یأرُٔج

تَس بوزِ کُس فسانہٕ تیمِس داو گوو پھرِتھ
اکھ بزٕ ورا کھ گگر تہٕ گرٕ ٹس نژنہٕ نأرُٔج

اکھ دوہ زِشین اوس پَشو پیٚٹھی تہٕ وَتھ پکان
اکھ دوہ زِ تاپھ اوس گُلن توتہِ مأرُٔج

راتِچ چھےٚ کتھ زِ دأن تھرٕن پیٹھ گوان اَسی
ٲمی سنٕز نظر لُجس تہٕ ژھُپس سأنۍ ہأرُٔج

یا قد ژھوٹیو یا تہٕ زمینے سنان گوو
یَتھ جایہِ ڈیڈی شوٗبہِ تَتھ جایہِ دأرُٔج

ڈُ نگل بِنِتھ ہکن نہٕ زٕ ہنٛز سأنۍ شُری جناب
ڈل از چھ آبہٕ روس تہٕ پدن تل مے مأرُٔج

منظورؔ چانہِ شہرِ عجب تجربا مے گوو
شعرن نہٕ کانٛہہ سنٛیو فقط لفظٕ ژأرُٔج

حکیم منظورؔ

# غزل

اَکھ ناوا تمِس تھاوُن چھُ مُشکل
تیمِس ہَتھ بُتھی سٕ یٕز زٕ ناوُن چھُ مُشکل

مےٚ اوسُم أنہٕ، أندرَے پُھٹ، تہِ کیاہ گوو
یہٕ چھُس عاجز! یہِ وہٕژھناوُن چھُ مُشکل
خبر چھُم نا زِ وولرس ڈاس کُمی کوٚر!
مگر مشکل زِ یِی باوُن چھُ مُشکل
چھُ آسان آسمانن آب کھالُن
سُہ زیٖے تُلی پوش مَنہٕ ناوُن چھُ مُشکل
تھزر پھرٕستن مگر شیہچار ویرٕن
یہِ مانہِم کُس یہِ پھرکاوُن چھُ مُشکل
الگ کتھ دارِ بر ترٛویرِتھ وٕٹھٕ أچھ
مگر افتابہٕ مَنساوُن چھُ مُشکل
مےٚ چھوٕ داروے بیہوشی، یہِ چھُم ہوش
چھُ اکھ خابا زِ یُس ساوُن چھُ مُشکل
مِزاجن أسی مُخالف اکھ أکِس پوٚز
تمِس نِش یِن گرٛھن ترٛاوُن چھُ مُشکل
یہِ گوو منظوٗر صاٲبا خونِ دِل چوٚن
بہ حرفِ شعر سِر باوُن چھُ مُشکل

چمن لال چمنؔ (۱۹۳۷-۱۹۹۶ء)

# آدم

میأنِس رویس کُن گرٛشھی زہنہٕ

ژٕے آسی پانہٕ تہٕ پنہٕ نبن أچھن منٛز

واندرخویہٕ ہُند پےٚ لوٚ بُمت

اتھن پنہٕ نبن آسی

جنٛگلی خوٗ نک نوٗن ژُہُمت

میانہِ انسانہٕ......

بہٕ چھُسَے بن مانس

مےٚ وٗنی زہنہٕ خوٗنُر

میانبن رُمن رُمن چھےٚ نمن کھَھرن دِتھ

بنٛیہِ ہندِ رَتہٕ وُٹھ رنٛگنٕچ کل

میانہِ فطرتژ ہُند آگُر چھُ یوٚ ہے

مےٚ چھُ ماجہِ ہندِس دودس ستیٚ ستی

پاگل چاروابن ہُند رَتھ تہٕ چوٗمت

بہٕ چھُس اَزلی ہلکاری

وأنسن ہنٛز خصلتھ چھُس نکھَس تُلتھ یکناوان

اَزتہِ چھِ لَچھِ بَدٕن ؤری یَن ہندی ژٕپی للوِتھ
پَننہٕ نَم وو پر مازس مٔنز بوڈ ناوان

میانہِ لَذٕژ ہندی پیمانہٕ چھِ تَمے
ییلہِ یہٕ کُلی لنجن گگوٗسہٕ ترٲوِتھ ننگے نژان اوٗسس
تھٕذ یپکی جامہٕ چھِ ہَنہِ ہَنہِ دزان
میون آوارٕ ژٕپل سو باو چھُ سٕرکہِ پیٹھ
ننتھٕ نوٗنے دژ اُمت
ریشم پلوَن ؤلتھ بن مانس چھُ
پَننی جُرٕژ ہُند وردَن ژھاران
تہٕ توٗے روز میانٕہن وَتہٕ پدٕن
آدٕمی خوٗنچ بوے یِوان



چمن لال چمن

# گاش

مےٚ چھُنہٕ تگان بوزنُے بہٕ رووُس
بہٕ گَس کُنتھ وُچھِ بہٕ کورگُن نمہٕ
بُلند مقامن گٔنِے چھِ دژ اعتمی
زمانہٕ بُتھی پھیُر اوارٕ طبیعت
دِوان لَرِ پھیُر تہٕ تاج پھُڑان
کولن سمندٔری جہازٕ بخشان
گرِشھبس تہٕ گردٕے گردتمدن
ویٚژبس نہٕ یوٚدپژ انہٕ وارلاٲ گتھ
کران نالَس تہٕ دامنَس گُن
زمانہٕ بُتھی پھیُر ......!
أز یُک نہٕ ازنوٚو
پگاہ بے پژھ ژِیُہہ
تہٕ راتھ یتھ وَتہٕ پکِتھ گٔمے کرٛ وٕہ
سو ازژھو کیٚمژ پوٚداہ موژمژ
سیرٕ [illegible] ہیچ کڈان واش

یہِ گاشہِ لےٚ ترٛ ےٚ وُچھِتھ دِوان ڈُ نگ

سیاہ کُٹھِن منزٕ لشن گنڈان رہہ

نبس سُمبتھ چھُ چھُ آ گہی ہُند

بہٕ سوٗزٕ پھوٚل اکھ......

بچارٕ آدم

پیٚتی تھوان کھورٕ تی ژلان میٚژ

یہِ یوٗت عالم یہِ یوٗت اوٚندپوٚک

نظامِ شمسی زبوان نٔوی نٔوی

کتابہٕ پرانے......

گَتھ وُٹھودژ ایہِ گیہِ سوبأغی

تصورن ہندی جنازٕ تیٚمر وُچھ

سُہ گَم صنم گرِ......؟

وقت چھُ پارٕدی مزازٕ گوٗمت

بہ تام چھُس نہٕ بہٕ راتھ شامُک

یہِ ژیُہہ تہِ پوٚ ژھوٗنی یہِ نیرِ پانٔس

نٔوےٚ کراماتھ آسہِ رٔژھی کھنڈی

مےٚ چھُنہٕ تگان بوزنُن بہٕ دوٗس

محمد احسن احسنؔ (۱۹۳۷ء)

# غزل

چار سویس لُکو چھُ وۆندمُت پان     راہ مُسافیر پکِھ مہ ٹُل پُرسان

اُچھرِ آذر چھُ مُرژِ ہیتھ دژاءِ متی     بازرس منز یمن نہٕ کانٛہہ مولوان

کاکدن ہٕندی پُزأری منسأوِکھ     تُج پٔری گتھ تہٕ تتھ اۆنکھ ایمان

کٔنڈی تھربونٛکھی یہِ ماسہٕ پۆک ییٚنہِ وول     صافہِ رأوِتھ برأتی کۆت دوران

شیٚنہٕ شہرس چھُ ہری یہِ ٹیوٚک پھوٚرمُت     سٔدرٕ شہمار تاپہ تن ناوان

یُپ دپان کھۆت تہٕ بالہٕ تینتالبن     ترٛیشہِ دامن چھُ پأتھلکی کرٛیشان

قبرِ چھُم نال وۆتھ گوٚمُت کرتام     باکھ ژھٹہٕ ہاتہٕ کُس تُلم پُرسان

پھاسہِ کوٹبن چھُ ''زندگی'' مُری مُرِ     کانٛہہ نہٕ منصور آلوبس زُو جان



محمد احسن احسنؔ

## وۄندٕ مزر

مےٚ چھِ أندی پٔکھی لاشن ڈیرٕ گٔمتی

دیوار بٔنتھ

زن پأسکھی در

کیاہنا کھے متعلق ونیاں

بے معنہِ کتھن ہُند گرٛزووتھمُت

أتھی قأدس منٛز چھُس

بامشقتھ

بس گرٛٹہٕ پھِروان

پوٚز پھَل پھوٚل چھُمنہٕ پہی تھے موکلان

نہَ چھُ مالن تَل اوٚٹے ساران

کیٛاہ کھسمہٕ پانٔس؟

کیٛاہ ہاوِ تِمس

ییٚمی اَتھ قأد خانٔس منٛز بند تھوٚوس

أتھی سونٛچس منٛز گووسونٛچ وٕٹسی

پہو پارٕ یہِ وولا بروٗنہہ گُن پیتھ

تِمی پننی پأٹھِن ووٚن لاشِن

تِمی بدلے بولہِ اندر رٔگھ دِژ

"اَز ہِمی زِہو سأری چوکس منٛز

نِکی بڈی یی زہو.....

تتہِ امر بتھ از تقسیم کرن

"پھِہو...

شاہد بڈگامی (۱۹۳۷ء)

# گُلی

یِم گُلی چھِنہٕ خأ لی گُلی

یِم چھِہ گوسأنی

زنمہٕ پھِرِس پڑاران

پَنہٕ وٕتھرن تپسی کٕری کٕری

پأڈٕ مَسس زَٹھ گأمٕژ

تہٕ أچھ ووزلیمٕژ شب بیدأری سٟتی

موٗل یِمن ہندی تَل پاتالس تام

قبرن منٛز

آدم کرٕنز

لَچھِ وادٕے وٕری یَو پیٹھہٕ

یِمو منٛزی شاہ کھالان

تہٕ یِوان پرٕتھ وٕری یِہ

گوسأنٛز

زَنمس

## شاؔہد بڈگامی

# غزل

مۆش مےٚ نگارٕ پڑتھ صدم مأنزِ اتھن وُچھان
چھوٚ مےٚ شراب چون غمٕ شوق پنُن رَچھان رچھان

زہرِ ہلال ستیٖ ژٕے پیالہٕ بوٚرتھ مےٚ کوٚر قبول
آبِ حیات زون مےٚ چوم توٚے اَسان اَسان

ییٚنہٕ سا ژٕ جلوٕ نوٚن کڈکھ ییٚنہٕ سا ٹلکھ ژٕ برقہٕ تھوٚد
ییٚنہٕ سا کرَکھ ژٕ ییٚتھ دِلس یینہٕ تہٕ سُہ کروٚٹھ امتحان

مرنہٕ پتن تہٕ آسہٕ ہَم نظرِ تلے ژٕ روز و شب
قبرِ پھولَن گُلالہٕ پوٚش میأنی غزل گیوان گیوان

بالہٕ تھونگبن گِہے ووٚنم حال پنُن تمو اوسُم
ناگہٕ جویَو دِلاسہٕ دیُت پانہٕ گِہے وَدان وَدان

چانہٕ خیالہٕ شاؔہدن نالہٕ دوہے سراب رٔٹی
زون وَصل پڑتھ فریب لولہٕ وَتن پکان پکان



موتی لال ناز (۱۹۳۷ء)

# نظم

چون مَنشا اوس تۆ کٔنژ تی بنیو و

یَتھ نہٕ مو کجارٕ بہٕ تی بٔنٛز روو تھَس

بانہٕ خٲلی یُس کوٚ رُتھ، پانَے بوٚ رُتھ

تَتھ اندر مَس زندگی ہُند ہر ہمیش

O

پھیوٗ رمُت نَے ہیتھ زٕ چھُکھ بالَن نَین

چاںٔنی نَے کم نغمہ نوراوان زٕ سلی

یم نہٕ زانہہ لوسن تمے چھی نغمہٕ چاںٔنی

O

وُنہِ تِتھے چھی ہش لُجم چانۍ اَتھو

یِم نہٕ زانۍہ لوَسن مرَن، تموۓ اَتھو

میون موصُم دِل تہِ وُچھتن چھاوژان

حد پنُن ترٛاۓ وِتھ اۓمس چھنہٕ پڑھ بہان

اۓتھی اندر کینۍہ نغمہ اۓی ہے تھنہٕ پوان

O

نیا مژن ہندی ڈیر سوزِتھ بے حساب

تِم مگر موصُم اَتھن منزٛ راۓوی زَن

واۓنسہِ بوڈگوو بَس ژِرۄ دُکھ سوزٕوُن

چھُس رٹان چھنہٕ تو تہِ ترٛفتی کینۍہ یِوان



نراین کول یار باش (۱۹۳۷ء)

# غزل

تالہِ پیٹھی جہنمک عذاب پکان
واو ہیتھ میون اضطراب پکان
چانْی سَتھ پوشی نَم مے پوشہِ متیو
دوزخس منز چھُ اکھ گولاب پکان
ظُلمتَس منز ژِ میون گاشہِ مُنار
میانہِ بستی چھُ آفتاب پکان
وونِدِ وزِ ھزانگی رہہ تہٕ گرز کہ وُن راگ
گاشہِ انبرَ و گُپتھ چھُ خاب پکان
یار باشس تہِ موکلہِ گونہک ڈیر
چانہِ دٕسی میون نوٗو حُباب پکان



غلام محمد شاؔد (۱۹۳۸ء)

# غزل

ژٕول نہٕ زانٛہہ کرٛ یہنٛیار کاوس نأوی نأوی
لی وَنٛیوٗمے نا دوہے کن پأوی پأوی

مایہِ ہیٚنہٕ پأرِم زُوَل مالاہ ژٕلی
ضایہِ ہیٚنہٕ ارمان گرٛشھنَے لأوی لأوی

وأنسہِ وادن رأچھ چھےٚ پزرس کرٕنی
کأنٛسہِ چھُنہٕ اَز تام لوٚبمُت رأوی رأوی

یَتھ مزارس قبرِ کھنہٕ نَس گونہٕ ژھٕبن
آسہٕ یمہٕ زَن نوجوانن ہأوی ہأوی

بِندرِ نِشہِ زانٛہہ کأڈی یوٚدٕ وُزنیوٗ و کانٛہہ
جود گٔری گٔری حأ کمو تھوو سأوی سأوی

گورِ ملہٕ دانا مزارُک گو مٔرِتھ
پان زَن موٗتن لُکَن گو ہأوی ہأوی

یارِ سودا چون اولَے اوس کھوٚٹ
سوٗدرِس اَتھِ موٗل موکلُتھ کھیأوی کھیأوی

پھوٚل یتٛی آدٕمی رَتس پیٚٹھ پھوٚل گولاب
گٔے رَہَن کلہٕ ہیرِ سأری تھأوی تھأوی

دَم دِواں اوس موردٕ زِندٕ کرٕنکی سٕبٹھاہ
بنگہٕ موچ بُسی تیٚن گو چأوی چأوی

شَرچھُ پَنہٕ نٕبن پوشہِ وارٕبن پھیرٕنک
آے گٔے سألأنی پھُلیاہ چھأوی چھأوی

باغہٕ سبزارن نین نیرٕبن ژوپأری
قدمہٕ قدمَس کوٚنڈٕ تھاوکھ تأوی تأوی

شاؔد روٗدُس پگہہ کس پزرس وُچھان
وأنٛس موکہٕ لیٖیم یمے ئٔرٛش پرٛأوی پرٛأوی



غلام محمد شاد

# غزل

گوو جنوٗنس ہُرہ بہارس کیُتھ
کرٚیوٗٹھ عالم چھُ اعتبارس کیُتھ

لولہٕ سوٚدرس چھُ یُپ سیٹھا وأنا کھ
تأری گُنہِ جایہِ کانٛہہ نہٕ تارس کیُتھ

بیٚیہٕ سَجأوِو قبرٕ تہٕ زأنلِو ژأنگی
جان منصوٗر زِندٕ دارس کیُتھ

چھُنہٕ بے مصرف یہِ عشقہٕ کُے ورتاو
روزگاراہ چھُ ناو دارس کیُتھ

باز ہأرنی گرٛھان سیٹھاہ دُشوار
ییٚلہِ نہٕ سرمایہِ آسہِ زارس کیُتھ

لولہٕ درگاہہِ منٛز چھےٚ گردن خم
چھُم نہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ مےٚ جأنی یارس کیُتھ

دأیِرو وو غمی سَنا دِلک عالم
شأعرو پوٚر غزل گُذارس کیُتھ

قو درٕتکی ژھلوُ چھِتھ چھُ راوان شاد
نوٗنہ آخرہ بہٕ نلیوو نارس کیُتھ

ایوب صابر (۱۹۳۸ء)

# سوچ

کَتھِ کَتھ کتھ چھُم باوان سوچ
اَنہِ گٹہِ وَتھ چھُم ہاوان سوچ

عظمت، رحمت، وحدت کیٛاہ
قُدرت چھُم سمجھاوان سوچ

راواں راواں وقتس پیٹھ
جامن چھُم ترٛ دیٛاوان سوچ

لوکچارس چھُم مس چاوان
بُجرس پالیس پاوان سوچ

ارمانن چھُم رٕنزناوان
دِل نا ڈنجہِ چھُم تھاوان سوچ

ووناں ووناں پھمب بِسیار
پن پن چھُم ابساوان سوچ

باغن گُل چھُم پھُلراوان
پانس ئنڈی چھُم چھاوان سوچ

عُقبا ییٚلہِ چھُس پاوان یاد
دُنیا چھُم مُشراوان سوچ

برپا سپدان مُنزی ظُلمات
مُنزی چھُم من پرٚیزلاوان سوچ

پننہٕ نبن نِشہِ چھُم تراوان دوٗر
پردہن چھُم سمکھاوان سوچ

سٕدرس تارس ترٕ ہِکتھہٕ ئنی
واراہ چھُم ہیٚچھناوان سوچ

صابر بھایا لایان ناد
غزلا چھُم پرناوان سوچ



غلام نبی خیالؔ (۱۹۳۹ء)

# کٔشیر

گرٛ ہ چانہٕ میرٕ پٔتھر ہِن سونہٕ انبار بٔنِن

چأنی صبح اختابہِن ہُند انہار بٔنِن

شامن چانہٕ سُلہِ پھولہٕ وٕنی گلزار بٔنِن

میأنی کٔشیرِ ی چونٔے کوچھِ وُشنیر دِوان چھُم آشن پٔے

رُمن رُمن سرٛ ہیہ چأنی لَے

چأنی بُڈِ یمی رٔزھرِن دَے

نَتہٕ وونی یِیتہِ کیاہ باقے تھوٗکھ

چأنس سینس شِستر بوٗٹن ہِندی کلہٕ ژاے

چانہٕ اُچھ ٹار ہِن پیٹھ بورٕ دن رٔٹ جاے

کأنسہِ ہِنزِ یِلہِ پوش ژٔے لأگی

تیلہ تیلہِ گُلہٕ زٕتِمس کترأوِکھ

پرٕ دہِن یِیتہِ پھلہٕ قدمن کوسَم

میأنی کٔشیرِ ی اَمہِ بوٚ ڈ کیاہ غم

چانہٕ تازٕ چھوکن ہنزٕ دَگ چھُم

غم یُس چھُم ...

دَ کھٔنی پچھمی کنٔی یم ٹھگ ژٔے پھٔری تم ییٚتہٕ یورنہٕ ٹھٔگی نے وونی
پنٔنہِ خلوٗصک سِرٔ زک پزٔرک آے تہٕ پاے ژٔے لگی نے وونی
میأنی کٔشیری!

رأژہٕنی ولَرِ کانوٚ منٔزی پھَٹہِ صبح جمال
نوٗرس چھٔپہ دِیُن سوٗرے ازلُک ٹوٹھ خیال
یوٚدوَے کینٛہہ چھُس یوٚدوَے کانٛہہ چھُس
چوٗنے چھُم وُنہِ داش نداش
زٔژادرِ منٛز تھَوہَتھ ژھایہِ تہٕ وندٕ ہے گاش
میأنی کٔشیری میأنی کٔشیری!

گرٔژھ چانٛہن میٚژِ ڈیرن سونہٕ انبار بٔنن
چانوٚ کُترِ پھَلوٚ منٛزٕ نیٚرن لال موٕللی
یم سَمیَس وِزِ وِزِ پٔژ بٔزلاون
أسی ییٚلہِ نیرَو اَسہِ عرفانُک منٛزِل ہاوَن
چانِس مہجورس مولہٕ ناوَن
سوٗرے مشرق سُلہِ وُزناوَن
أتی وُچھَن سِمسارٕ کی لُوکھ تہٕ تم تہِ وَنن ہے مأج کٔشیر

## غلام نبی خیالؔ

# غزل

گٹہٕ بُزی گمتس رُمَس تمُی زُنہٕ موکھہٕ ییٚلہِ مُتی کُری نَم راتھ
سونہٕ ہنزٕ ہندرِتہٕ روپہٕ ہندی تارَ کھ زَن یَتھ بدلس جُری نَم راتھ
معشوقن منٛز معشوقا چھُم سنگدل وَنہ سا کِنہٕ دِلدار
پھولہٕ وِنی بوسہٕ ڈیکس از جُری نَم اوٚش ہُگہٕ ٹارٕ بُری نَم راتھ
محفل اذکار آس طَیس پیٹھ پانہٕ خدا اوس صدر نشین
أتھی منز ہَڈ بوڈ بختاوارا ژاو تہٕ ژھُری چندٕ بُری نَم راتھ
زَنم زَنم امرہتہٕ سٕری کوٚرنَم وقتِ نزع کوتاہ میٹھیو
شاندس پیٹھ ییٚلہِ رَسہٕ رَسہٕ ژُڈ ژُڈ آیہٕ قرانکی پُری نَم راتھ
سیرِ بوٚزت اکھ جوٚگیاہ ژایوو مَنہٕ کِس مندرس منٛز یُژ کألی
ییتھ رُبت نزانس چھاہٕ گوٕ گرِنَم پانہٕ پہتلی تھی گُری نَم راتھ
راتُک شب اوس شمسؔ فقیرُن شامے وونُن خیالؔس پکھ
شُنزٕ یاہ گرٕژھی تھے دُنی یاہ ہأوِتھ سأری شش رنگ پُری نَم راتھ



محمد ایوب بیتاب (۱۹۳۹-۲۰۰۵ء)

# غزل

نظرا گرِن کرتام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ
مَس چھُس بہٕ وُنِس تام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ

بۆزِم مےٚ سرٛچ سازٕ لَیاہ وِگنہِ روٚہا ہیوٚ
باوَتھ کران کیٛاہتام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ

توٚہہِ کیٛاہ چھُ سَنٛن گرمےٚ چۆمُت کوٚت چۆمُت چھُم
وُنی کیٛن چھِ خالی جام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ

ٹھہراو قدم تھاو کتھن گوش لگے پآری
ہَے چھُم وَنُن کیٛاہتام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ

مے کُن وُپھِتھ ووشلیو سُے، تمبلیوٚس تامَتھ سَخ
بۆزِم یہِ کتھ گیہِ عام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ

مَس چیتھ بہٕ گرٛہان مَس، گرٛہان کیٛازِ چھُم فرحت
چآوِ مےٚ گوڈٕ اکھ دام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ

ژُلہِ مےٚ چھوکن کرٛآلی تےٚ ؤہر وآلی ہَم پرکآلی
گرٕ ہے مے ۵ نہہ ہلام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ

یوٚسوٚف ڈیشِتھ میون ڈَجکھ شراکہٕ ژٕتس چھُم
اَمِ ہرٛو ونِتھ وُژہم بام مےٚ چھُنہٕ یاد پٮ۪وان کینٛہہ

علی محمد شاہبازؔ (۱۹۳۹-۱۹۹۶ء)

# غزل

وُنہِ پے نہٕ مگر شکوٕ شکایات بازرس      وقتکۍ سوال میأنۍ جوابات بازرس

دُہلس چھِ پھیٚشنۍ وُٹھ تہٕ کران العطش فقط      ییٚلہِ پییٚہِ سو سبٹھا کرٕ ہٹھ سیاہ راتھ بازرس

لتس پییٚہِ أچھن دِنۍ پٹ تہٕ لیکھٕنۍ خام عبارت      وُنہ آسی یِمے عام قیاسات بازرس

سفرُک سوٗرے آغاز اختتامٕ حأرتن      قلمس چھُ شاپھ ترٕ اوِکم حالات بازرس

یِم میلہٕ پھِری گرٕ تانۍ گےٚ لتس جامہٕ چھُتس ناٹِی      مُبم کتابہِ ترٕ آوی اضافات بازرس

دُنہِ کونہٕ تَس ہِر ساأوی ہمان میون شرارت      واوَن تہٕ کاون ترٕ آوی ملاقات بازرس

مَدٕ ماتۍ واوَن تھأوی کمن آشہِ برنٛن تأرکی      رَتہٕ دأوی سرٕ ہلی پے حالات بازرس

کوٚژھ دی زِ کتھن لوزٕ کرناوان چھِ کتھن لوٗکھ      شہبازؔ پنٛن کیٛاہ چأنۍ خیالات بازرس



مکھن لال بیکسؔ (۱۹۳۹ء)

# وأنِج وور

طاقہٕ پیٹھہٕ ژونگ ژھیٚو صبح چھُ ووٚنی نزدیک
راتھ زَن برنہٕ ژٕرِہن ژایہٕ سیاہ بختی ہیتھ
ٹنگہٕ بردژایے تہٕ قُلفن تہٕ کوٚنزن لُج ٹھسرایے
زال بون تام اویزان گوٚمُت ہُتھ کوٚنجس
أمی زٕلری کتہٕ سنا پھیرِ چھ، گری متہٕ ہیرِ بون
یوٚت بوٚڈ زال تہٕ یوٚت لوکُٹ کیوٚم......ترٛشنا
کاکدس پیٹھ چھی لیکھِتھ پتہٕ مہٕ رہٕتکی اخراجات
جمع تفریق کرِتھ، حاصل تَس ترٛ وڑھے ترٛوڑھ
یُس مے برونٛہہ اوس بُستہ تمی چھُ یہٕ پتھ کُن ترٛوومُت
طاقہٕ پیٹھہٕ بوٚٹہٕ چھتر بیٚیہٕ ہُہ کلینڈرلَبہٕ ہُند
یایہٕ زاٹوٚپہٕ تہٕ دیوارِ پیٹھُک رَبہٕ ہُند کاو
یُس مے برونٛہہ اوس بُستہ تمی ہٕ خود کوٚرُنی یاو

آخرس دزٲوتہٕ دُنی یاہ تہِ سپُد تُسی ستی فان

پوٚ زیمن ٹنگہٕ ہلبن دارِ برن ٲلج کتھ گتھ

وُچھ دیوارک ہُہ کلینڈر چھُ وُچھان وُنہِ کمرس

دارِ داسس پیٹھ چھےٚ زوتان وُنہِ تہِ سیاہ ٲچھ جوراہ

یَتھ بے سوکھ شُنز یہَس اندر وُنہِ تہِ گرٛ ھان شُری ہٕنز کرٛ بکھ

وُنہِ چھےٚ ہُمہِ کُونجہِ گرٛ ھان مایہِ مُرٟ ھج کتھ کتھ ہٕش

یَتھ فضاہس چھےٚ بٲستھ وُنہِ تہِ سبٹھاہ آدٕمی بوے

وانگجس گیہِ نہٕ مُشتھ وُنہِ تہِ مکانٕچ ماے

O

گردِ اَنبر چھِ ژوپٲری ...... مےٚ زن گودَم ہیوٚ

گردزَن ڈُوٕ ہا...... مگر یَتھ آدٕمی بویہِ گرٕ کیٛاہ



جواہر لال سروٗر (۱۹۳۹ء)

# دِیُت

آسمانن میٹھی دِتی چأنس ڈٕکس

کہکشانو رنگ جوٚرُے دامانہٕ ہے

چھکھ ژٕسور گژھ حوٗر ماچھُے جورٕ کانٛہہ

مُژ وتہستا چھےٚ ژےٚ کھونہِ منز گاہ ژھٹان

پأنٛڈٕ مستَس نافہٕ موٚلُمت چھُے ژےٚ کُمی

مُشکہِ ادفرواو چھکران ڈوٚل ژوپأری

شینہٕ سنگر مأری مُندی یم کوہ تہٕ وَن

زوٗنہٕ گاشس ہندٕ پیٚمتی ماہ جبین

ویرِ وارن بُتھی وو شلی انہار پژون

ناگہٕ رادأزبأ گران امرِ بتھ چھُنا

پرٕبتس پژ دِکھبن دِوان لولاہ بران

بس چھُ درگاہ سارِنے ہنز یَژھ تہٕ پژھ

اَسہِ بجر پتہٕ وَتھ چھُ آمُت باگہِ یِی

جنتک جوراہ دوٚیم ریٚش وأرساٗنی

یلہٕ کشیپ ریٚشنی چھُ دیُت یَتھ عالمس

رادھے ناتھ مسرت (۱۹۳۹ء)

# نظم

گامہٕ ژٔلتھ آیوس یتھ شہرس

ژٔلہٕ ہاکوٚت تتہِ دوٚپہَم ڈُو

آنگن، وَتہٕ، ووٚڈی ، ہیرِ تہٕ برٛاند

ییٚلہِ تتہِ ڈُوی ڈُوی یمہٕ نرِلوسم

ییٚلہِ تتہِ چشمن پیٹھَم ژھاپٕھ

شاہ کھارُن ییٚلہِ گوٚب تتہِ باسیوٚ

پتہٕ بوٚزُم یمہِ شہرک نیب

بوٚزُم تتہِ چھنہٕ آسان لَرٕ

وَتہٕ گاہ ترٛ اوان وَتہٕ چھنہٕ خام

پتہٕ مَتہٕ پرٛ ژھی تو یوٚت ییٚلہِ ووٗتُس

سرٛکن پکی پکی پھیوٚرُم مَن

چوک ڈُومِ ہے تیژ اہ لرٕ

جان گٔیہ ووونی صاف کرے یوم شہرتہٕ ہرچ کیاہ اوسُم

اَز نظراہ دِتھ بیٚیہِ یتھ شہرس

اَز اَتھ تمہٕ کھوتہٕ ہتہ گنہٕ لرٕ

قاضی ہلال دلنوی (۱۹۳۹ء)

# پگاہ

ہُمہِ کوہہٕ پَتھ کُن
نارٕ سمندرٕ تٕری تھے
شہمار آرٕ کرٛنڈٕلی گٔری گٔری بُتھہِ وُچھہَکھ
پیٚیہِ کینٛہہ قدمے نیرِ تھ
کرٛ یہنٛن رأژن ہشہِ کٕٹہٕ کال تہٕ ویٚہہ وَل
سور سور کرٕونہِ
گُنسہٕ وُچھکھ ٹوپنَس پژاران
ژھوپہٕ دَم لأگِتھ بس ژٕ ے پراران
پیٚیہِ کینٛہہ قدمے نیرِ تہٕ
پھولہٕ وُن خوشہِ وُن باغاہ بوٗزُم
آشن ہٕنز برجستہٕ پھُلےَ چھَس
أزی کبن زخمن ہُند مہلامہٕ
تہٕ نارٕ تتبن ہٕنز دَگ شہلاوان
رَتہٕ پھٹٕ قدمن لوٗسُن کاسان
مےٚ تہٕ لی بوٗزُم ! زانہٕ خوداہ

محی الدین گوہر (۱۹۴۰-۱۹۹۴ء)

# شام

(اکھ منظر......زِ تصوُر)

گوڈنیک تصوُر......

نبہٕ ڈٕندی لأج مأنز
کوٚہَولوگ سورمہٕ أچھَن
رأژ کوٚڈ زُلفن واش
آسمانن کوٚر تارکھ زُول
کُمِس بختاورس آوے چھےٚ
وٕنی تو؟

دوٚیُم تصوُر......

نَبہٕ دوٚند ہاران خوٗن
کوہَو لأگی سیاہ جامہٕ نألی
رأژتژ أوی زُلف پریشان
آسمانکی تارَکھ چھِدِیان
کَس سَنا زُول مالہِ
لوٚمُکھ لونچہ؟

محی الدین گوٗہر

# ژھایِہ وٕجوٗد

بہٕ چھُس اکھ ژھاے
گاشُک دِیُت
بہٕ گُس چھُس، نیٚہہ گٹٚبن منٛز لبنہٕ آمُت
گہے چھُس آوٕرنہِ بَلہٕ
بَل بہٕ ہاوان
گہے چھُس ملگُزارن منٛز بہٕ راوان
گہے کُنہِ گاشہِ زٕ ژظأہر گرِژھان چھُس
پیوان اٗدرِس زمینس پیٹھ
عکس میون
لوٗان ییٚلہِ شرٛ زچھُ
سرمست زوٗنہِ گوٗہر
ہو کھَے تامَتھ لگان
ژھایِہ وٕجوٗدس



فاروق نازکی (۱۹۴۰ء)

# کوٗب گُل

خبر چھَم یہِ دُنیا چھُ آباد لُوکن
تھوان چشمہِ وَتھرِ تھ
ییٚمِس باگہِ آءمژ وُٹھن آسہِ کوسم
چھےٚ تَس کتھ تہِ بدٕلے
چھُ تَس روے پژ بزلان
چھےٚ آواز تٔمی سٕنز کراں کوم حیاتس
چھُ گُفتار تٔمی سُند ژونباں لال ژھوپہِ ہُند
خبر چھَم یہِ دُنیا چھُ آباد لُوکن
تھوان چشمہِ وَتھرِ تھ
مگر ......آنگنس منز اگر آسہِ کوٗب گُل
تُلان راہ مسأفر تَس کُن تہِ نظراہ
مگر کرِ ژھ نظر

یِژھ کران لُوکھ موز وٕرلۄکن تہٕ مجبور لُوکن
غرض پنٕج نظر

اوّتامَتھ چھُ پَزرٕے
ہِلس چھا نظر کانٛہہ کڈان وَر
تہٕ دالَس أُلف قد سجاواں
مگر آنگنس منزیہِ نادان کوّب گُل

وناں صُبحٕ واوَس
وناں پہرٕ دارن
وناں سحر خانن
ہجرٕ قسمتس چھُم
بجر ہاوِنا کانٛہہ
ہجر کاسہِ نا کانٛہہ

مگر واو صُبحُک
مگر رہ مسأفر

پکاں بروٛنہہ
مگر کتھ نہٕ بوزاں
خبر چھم یہِ دُنیا چھُ آبادلُوکن

تھواں چشمہٕ وَتھرِ تھ

مےٚ دِیُت شاپھ ٹارہن

مےٚ رٕچھ خاب راتکی

مےٚ وُچھ خاب صُبحکی

مےٚ وُچھ زال گاڈن کران رہنمأیی

مےٚ وُچھ زال ہأزن کران جلسأزی

مےٚ وُچھ آبہٕ پیٹھ آبہٕ تٔلی کیاہ چھُ سپدان

مےٚ وُچھ شہر باشن، گمتی دِل رٕہتھ چشمہٕ زوتان

مےٚ وُچھ گامہٕ دژ اہرٕ مَساترٕ ہہ وٕ رِش فاطہٕ اَزلوٗرڈ کھہٕ واں

خبر چھَم یہِ دُنیا چھُ آباد لُوکن

تھواں چشمہٕ وَتھرِ تھ

تہٕ میأنِس نِگارس

وُمرو اٚژپنژاہ

وُہاں سینہٕ تَس زن وُہان نارٕ منقل

وُچھاں پھوٚرتِمس زن گربزاں ہہہ وَنس مژ

بہٕ ییلہِ بأتھ تُلہٕ کانہہ

مےٚ چھُنہٕ لَے سپانی

سیٚد بن ساد لفظن بہٕ کرتَل بناوان
دَ پاں لُکھ سونس چھُس بہٕ سرتل بناواں
مےٚ باساں لَے زَنتہٕ وونگاں مِنہٕ مُر
مےٚ ییٚلہِ سینہٕ پرٛ اُٹھ دِلس دِژ نظر چشمہٕ تھاوِم چندس منٛز
مےٚ باسیٚو وزَن پھُلیہِ برونٛہہ میوٕدرٛ امتی
مےٚ دِل گو پریشان
مےٚ گو روٗح حأران
تِتھے وُچھ مےٚ فأتر کراں عقلہِ گرٛ اوو
تِتھے وُچھ مےٚ عأقل تُل کَم سوالو
مےٚ روٚٹ دوٗج کو چھِ منٛز
قلم ترٛ اشہِ ستۍن ژھٕ ژھُم اوٚنگجہِ ہُند ٹیٚو نڈ
چھٕچھِم خوٗنِ جگرس کڈِتھ چوٗنہِ کاوَن



فاروق نازکی

# غزل

اَز تہِ آنگُن چھُ تَمی آیہِ مگر زنتہٕ بدل
اَز تہِ ژلہٕ لارِ سو ؤژھ دڑایہِ مگر زَنتہٕ بدل

أنہٕ ڈب سوے چھےٚ تمے پنجرٕ تمے چھِس فانوس
دارِ کنِز اَز تہِ سو مُژ درایہِ مگر زنتہٕ بدل

مأنزِ گُلی أسی تِمس پوشہِ پدٕن بار گرشھان
سروِ مُشتاق تِمس ژھایہِ مگر زَنتہٕ بدل

لوکہٕ گرداب ژوٲپأسی سو یاوَن جوے ہِش
وأژ نزدیک مےٚ، ووشلیٲیہِ مگر زَنتہٕ بدل

بالہٕ گوپال چھُ فاروق دَیان اَز تہِ گنِدان
گوپہِ یَن ستی ژھپن ژھایہِ مگر زَنتہٕ بدل



سیدرسول پوٚنپُر (۱۹۴۰ء)

# غزل

چھُ کیاہ تاٲجب کرن پرٕ بتہ تہٕ کتھ باتھ
ہَرُد اٚستھ سَمن سوٚنتکی شہلی ساتھ

گولابس کٔنڈی رٔٹن برسر پھوٚلتھ یِن
یِمبر زل مُدیہ وُچھِ بوٚمبرٕنی کراماتھ

گرٕزُن ہِن آرٕ کولہٕ وَسہِ شین گلٕی گلی
نٔی قو درتھ روٗپلی تَن در حجاباتھ

ہوا سپدِتھ معطر پھیرِ ہر سُو
یمو چشمو وُچھو غبی کمالاتھ

سوال اندر سوالن لچھ سوالاتھ
جواب اندر جوابن لچھ جواباتھ

سپُد زن تی زِ قبرستان وولَن
کُنے محشر تُلن زینن سُہ درجاتھ

منگُن بیٚیہِ کیٚاہ مےٚ، چھُس لولُک مسافر
براتھا لوٚچی اکھ میون اوقاتھ

کسر چھس بُڈ ہوَس غالب گوٗمت چھُس
نوٚوٚے تُھرتَن یہ دُنیا ہیٚتھ جناجاتھ

سکون دِل منگی پوٚنپُرِ ثنا خان
یہِ حاجتھ چھُس رواہ، چھِس جُملہٕ حاجاتھ



سید رسول پونپر

# کُس بُتھ مےٚ پٔنُن

جنگلس
یَتھ انسان جنگلس منز
ہیوٚت دِیُت میونُے مول
پٔنزی تھپہٕ تھپھ مےٚ بوٗلی لگان
دامانس، نالَس رأچھ کران
مےٚ وأنٛس گَیم
شِلہٕ واسَن یِنہٕ وَٹہٕ زدسپدم
زُوجان مےٚ داوس لوگ توٚے
یِنہٕ راوُن ہیتھ لنکایہِ ژٔلم
یِنہٕ شیطان ہوسُک ناگ بٔنتھ جن ہیوٚبرادم
جنت تراوُن مےٚ پیٚیہِ ناحق
لگہِ دَ کہٕ دولن حُسنُک عشقُک پیکر آدم
کُس بُتھ مےٚ
یَتھ جنگلس
انسان جنگلس منز سپدٕ بوسوٗرے
دأنِستے یِنہٕ زاہ سپدُن گوٚژھ

بے مست آٔسس پأنس نہ تتھِن

یاوَن پیکر دَر پرٕدِ تہِ روٗزِتھ پرِدَے روٗس

ژھٹہٕ وُن یاوُن!

مُشکنۍ اَدفر ہوہَن بأگری

بیمار بَلن گۍ لولہٕ تبکِر

بے مرِہاتہٕ آخر کرِہا کیاہ؟

بے کرِہاتہٕ اوُسم مادسگاہ؟

خالقِ کُل کایناتن تھُرنس

میٚرٕ مرٕی ہے زَن عشقے پیچان

یاتھَرِ پھوٚجمرٕ نَتہٕ شرٕ اون ہی

نَتہٕ دوٗروَنن منز آرے وَل

چھُس گأمرٕ بے کل آرے گرٕ

أنۍ نَس بہٕ خداین

جأدی موٚرا، یَتھ دُنیاہس

یاوُن دِیُت نَم

ٹلوہن تیوٚ نگلَن پیٹھ ترٕ اوبہٕ لَر

کُس بُتھ مے

بُتاَم یاسے ہوعارِم

مےٚ تام یِتے
مےٚ مائزِ گلُسوٕ کرحیا ہَس رأچھ
تا شوقس نَم زیٹھنہٕ برونٹھے مےٚ نی کاٗستھ
مےٚ رویس نظر وترٛ وونقاب
تھوٚ دٹاری تُلُنِ باسیوم گوناہ
دستوٗر زمانُک حق پولُم
چھوٚل توتہِ لگو دامانَے میون
کوٚرہَوہَن گیُند گیُند مےٚ ستہن
پردَے تُلنَم
آوارس اٗخروٕنی زے کیاہ؟
لُوکو دوٚپ بےٕ بے پردَے چھَس
بے وَنہٕ ہاتہٕ اٗخروَنہٕ ہا کیاہ؟
دسگاہ ما او سُم چھُم ما کینٛہہ
یَتھ جنگلس، انسان جنگلس منٛز
وٚوتھ ووندٕ میونُے کانٛسی ماوُچھ
مے باگہِ چھےٚ ہاوساک نظر
گرِ ہتہٕ نےٕ میٚتہِ شاہ آسہِ گدا
لیکھتھ
مےٚ لانہٕ چھُ اوریتہٕ یوٚر

کُس بُتھ مےٚ

کرِ وونۍ منز لِس کُس گوٚرۍ تہٕ گوٚر
بےٚ حاُرتھ پیکر چھس ازلے
انسأنی ہِچ ضامِن چھس

بےٚ شوٚب یہِ دُنیا حض مےٚ روٚس
لُکھ تی چھِ وَنان پَتہٕ وَتھ آمتۍ
بےٚ گوٚدَ کہٕ زَد، مے کونہٕ دسگاہ

بُتھ!
کھنجہِ کھنہِ آیینَس وُچھ وُچھ
کس بُتھ مےٚ پَنُن
پیکرِ حأرَتھ
چھس وُنۍ یہِ دِوان
یَتھ شیشہِ وجوٚدس کُنۍ مےٚ ریوان
کُنۍ کُنۍ مےٚ ریوان
چھس توتہِ پکاں

بےٚ ناو وَتن
خوشبوے حیاتچ
توتہِ چھکان!

## شہبازؔ راجوروی (۱۹۴۰ء)

# غزل

گتِ گرٛھن بێیہٕ آسمانَس راتھ دوہ
زِندگی گیلان چھےٚ پانَس راتھ دوہ

بے سوکھا روٗدُس مگر مانُن پێیی
موختہٕ جُری مےٚ لامکانس راتھ دوہ

گوڑٕ پرَوڈبکہٕ ڈبکہٕ چھِ ژھاےتِ ڈیشمان
اَدِ اَسو پنہٕ نِس زمانَس راتھ دوہ

وَسہِ نہٕ یوٚت کانٛہہ نارٕ وُزمَل زالہِ بُتھی
پانہٕ أسی گاراں بہانس راتھ دوہ

لُکھ زُوِس منٛز گئے وَٹسی ییٚلہِ تاپھ اوس
وونی چھِ ووہوان اوٚبرٕ کانس راتھ دوہ

اکھ موٚ تاہ شہبازؔ باواں سیرٕ گتھ
واتہِ ما اَند امتحانس راتھ دوہ



محمد امین شکیبؔ (۱۹۴۰ء)

# غزل

کیٛاہ وَنے کیٛاہ گٔرِو، گٔرِو خاموش     زِندٕ أستھ مٔرِو، گٔرِو خاموش

اکھ بلایا اَوُچھ نژاں ہیٚری کِنہٕ     چارٕ کیٛاہ چھُو ڈٔرِو، گٔرِو خاموش

خوٗنٕہ تحریر مَنشہٕ مُسلَس پیٹھ     سانہٕ بڑا اثرٕ پٔرِو، گٔرِو خاموش

پأنی پانَس بہٕ ؤنی دِواں روٗدُس     سیر پانُک سٔرِو، گٔرِو خاموش

کاژٕ واوس اندر چھےٚ ناوس تھٔھ     ناو بدلٕہ تھٔرِو، گٔرِو خاموش

اوٚرزُمان دِل چھُ آرزویا ہتھ     ووٗنی یہٕ میٚژ منز ڈٔرِو، گٔرِو خاموش

سأنی دیوانگی چھےٚ اَرزتھ سأنی     ہوش ییٚنہٕ اَتھ پھٔرِو، گٔرِو خاموش

موخترٕ کھوتہٕ ژوٚر مولُل اوٚش آسان     دامنَس پیٹھ جٔرِو، گٔرِو خاموش

چھُوٕ شکیبؔ نہٕ رفاقتُک ہاوَس     نارٕ گُدلَس تٔرِو، گٔرِو خاموش



غلام احمد گاشؔ (۱۹۴۰ء)

# غزل

لول آسیا تَس نِگارس میٛون ہیوٗ
سرٕ وِ شِہلس بوٚنہِ نارَس میٛون ہیوٗ

نَے دُہِک شیہلُن نہ شامُک کہرُبا
لانہِ لیوٚ کھمُت چھُن وُجارس میٛون ہیوٗ

خأہشن پے داغ خوٗنکی پرٕتھ صفس
اوس مضموٗن یَتھ شمارس میٛون ہیوٗ

زوٗن کرکھٕژ آفتابس لوٚگ نہٕ پَے
آہِ سر لوٚگ انتظارس میٛون ہیوٗ

سوسنگ وُچھ ہیٚتھ عبارت لاجوٗرٕ
یا چھُ ذاتُک لالہٕ زاس میٛون ہیوٗ

شورِ شُنٛز یاہ لونہٕ وٕچھ مَنٛہی
کھوٚت اگر کانٛہہ بیٛاکھ دارس میٛون ہیوٗ

دوہ بہگارِبن لوٚگ تہٕ روتُل قأد ہیوٗ
اَز چھُ گوٚمُت یَتھ شہارس میٛون ہیوٗ

زٕپے قدم روزَے مےٚ باقٕے منزلس
شام دوہلی گو بہارس میٛون ہیوٗ

شوق گاشُن شوٗبہِ صحراون نذر
اکھ طلاطم ہیٚتھ قرارس میٛون ہیوٗ



غلام احمد گاشؔ

# کٔنی شیٚچھ

اَزلچ شیٚچھ

تھنہٕ پہوٗ آدم

ستارٕ متوشابہٕ کتہٕ آو

لولُک اُچھراہ زہنہٕ گرِ بوٗزُم

تَنہٕ کھونہِ لَلہٕ واں ووتُم دِل

تِومَرِ سیکہِ پیٚٹھی

کھورٕنَنہٕ وورُے

بونہٕ پیٹھ پھیوٗرُس ہِری یَس تام

دِل ییٚلہِ پھوٚر زانُہہ

گنہِ گنہ کوٚر ہَس

خوش باش ہیوٗ مجنون ناو

ہوٚ کھیٕ متی گنڈی تام

ہٕنٛڈ رَتھ چاُوِم

وُنہِ چھَنہٕ ہمٕنے تَس زَن ترٛ لیش

گَتھہِ گتھہِ میٚتہِ گوو

اَتھ شرظاٗہرا

وٕتھ چھُم باسان خوٗنے خوٗن

بیقل دِل میون گٕدلگ ٹھوٚٹھ ہیوٗ

پرٛتھ سٕہلا بس وَندِ ہے پان

☆

غلام نبی شاہینؔ (۱۹۴۲ء)

# غزل

وُچھکھنا سیوۆد گُلالس داغ ژَلہِ ہے	مسیحا بَنتہٕ دِیُو بیمار بَلہِ ہے
مُشکدار آسہِ ہے ما واو صُبحُک	اگر نَے عطر زُلفن یار مَلہِ ہے
مےٚ کیا زاہد کرہم پۆز سُل چھےٚ باسان	بہٕ چھمہٕ ہا زیادٕ یا کم شام ڈَلہِ ہے
ہرٕ ان مندنبن یو ہےَ زن شام سپدُن	اگر نَے پرٕد رویَس وٕلی سہٕ ٹُلہِ ہے
ژےٚ روٚس چھَم رأتی راتَس بےقرأری	دپان چھُس واش کَڈٕ ہا گاش پھولہِ ہے
مےٚ نَے پنہٕ نُے مقدر آسہِ ہے بد	سہٕ ترأوِتھ کیٛا زِ غأرن ستی ژَلہِ ہے
گوٚمُت نَے آسہِ ہے بدنام شاہینؔ	سہٕ أندری شرمہِ شرمے کیٛا زِ گلہِ ہے



عبدالغنی ندیمؔ (۱۹۴۲ء)

# اِستقبال

أز یُک دوہ تھنہٕ چھُ پیومُت سِرۍ یہِ سونتُک

پرٛبا تھا شبنمُک سرتازٕ باغُک

زٕژَن وٕژھ پابندی وو شلیو وہرموکھ

تہٕ نیلیو ونب تہٕ سبز یو وپَن امارُک

ووزٕلی وُڈھ ٹیب دِتھ أسۍ پوشہِ ٹوٗرِس

مُشک بوٚ رَمس تہٕ رَسہٕ پأٹھۍ گنڈ مُژ رَمس

چھِ شولان روٗح پرٛتھ روٗحس مبارک

دِلچ دُبراے آمٕژ وو لسنس اَز

اِرادَ ولوٚب تھز رزیو آیہِ قلمَس

امأرۍ لوے آلو گو ویہِ مسمار

کلایا اوس نظرن دولہٕ روٗزِتھ

سَرا لبس منز لوٚبم زَن ترٛیشہِ آگُر

پھلِم نارس اندر گُل ہیوٚت مےٚ شوٗلُن

لشن درٛ اودَزٕ وِنبن پوشہِ بامُن

مےٚ ہیوٚت تِتھۍ سرو کُلہ پیٹھ یان تولُن

شفیع شیدا (۱۹۴۳ء)

# غزل

أچھن منز راز چھی زوتان وَنتم
لُگن نِش کیاہ بہِ چھس بوزان وَنتم
ژٕ نے وَنہم پیٚیم پپٹھہِ راتھ مُشکل
شمع ہِش کیاز چھکھ شولان وَنتم
أچھن ہندِس سمندرَ کس بٔٹھس پپٹھ
بہِ کس کیٚتھ موٗختہِ چھکھ تولان وَنتم
ژے تھاوِتھ مانزِ گلی میانِس وَچھس پپٹھ
مےٚ کوٚر نا خونِ دِل ارزان وَنتم
کرٕل لأگتھ مےٚ وُچھ پھِری پھِری أمِس کن
چھُ وقتس نال کُس شیران وَنتم
بہِ چھُس پژاران دِلک دنیا سجأوِتھ
کُمن شہرن ژٕ چھکھ پھیران وَنتم
مےٚ وُچھ خابس اندر افتابہِ نیران
ژٕ مأ أسکھ زلف شیران وَنتم
غزل کُمی چأنی گیٚو شیدا چھُ عالم
گرٕ بن بوزان بہِ ہوٚش ہاران وَنتم

بال کرشن سنیاسی (۱۹۴۳ء)

# تہِ وَنے شامنَس

ہے مے کیٛا زِ وٚون یێتہِ سارِنے
زِ بہٕ نیرٕ شامنَس گرِ گُن
ژٚے نَے مے کہٕنز تہِ وٚنُتھ

مے کیٛا زِ وٚون یێتہِ سارِنے
زِ ووٗنی چھِ میأنی شَہہ گنز رِتھ
مے آسہِ نہٕ پتہٕ شَہے ہیوٚن
نہ آسہِ پنہٕ ؤتھرن تھرتھرَے
زِ ہردَس چھُ یِن
نہ شِشر ماسَس سونتہٕ کالچ گل
نہ وہے زِ گرٕ یشمہٕ ژنجن چھُم
پان چھێپہِ دِیُن
مرٕ آکھ نِشِ تقتہٕ گنز

یُتھنہٕ ژٕ کأنسی وُپھُکھ مےٚ ورأے

ژٕ اوسُکھ جوٗ گی رختس منٛز

کلس پیٹھ تھووتھَم اَتھٕ

اَسناہ کوٚ رُتھ تہٕ دژاکھ

نیران نیران کوٚرتھَم کلہٕ ستیٖ

اَو اَو

مےٚ دوٚپمَے کیٛاہ

ژےٚ دوٚپ تھَم تہٕ وَنے شامنَس



ظریف احمد ظریفؔ (۱۹۴۳ء)

# غزل

زوُلُم مےٚ جگرُک گاش متِیو مُلی مےٚ ہیٚژِم راتھ
پمپوش رولیس نظر ترٛژھ غزلہِ گأرِم راتھ

شکلاوِ مےٚ کیٚنہہ ژھایہِ مےٚ دِیُت پانہٕ أچھن برٛم
ہا بایہِ مےٚ کیٛاہ کوٚر تہٕ تمی آیہِ گأرِم راتھ

سوٚچُم زِ خابن گرژھ نہٕ گرٕھنہٕ خانہٕ وُجأری
بے سوکھ تہٕ بے روٗخ راتھ وَچھَس تل مےٚ تھأوِم راتھ

کُس بوزِ کُس تَس ہاوِ مےٚ کیٛاہ سوٚر تہٕ مےٚ کیٛاہ لوٚب
کم لولہٕ ہاوس نالہٕ رٔٹتھ زوٗنہِ جٔرِم راتھ

مائِنو نہٕ ہرگز یٔد بہٕ وَنو ووٚن یہِ ظریفنؔ
اختابہٕ لُوسِتھ گاش لوٚبُم راتھ سٔرِم راتھ

☆

## تنہاؔ نظامی (۱۹۴۳ء)

# لَوٕھ

ڈایھ ترأ وِتھ بڑاندہا چھُس
شاندِ دِتھ
یادٕ ؤتر یک کوٚتی لِیُن چھُم
ٹھوٚنج کھاران أچھ ٹِنڈے
پارٕکن ہٕندی سیمٹی بینچ
تاپہٕ کزٕ ایوَ تأوِ تھی
زَن چھِ وَچھ پھَدر یمتنٕ[1] گلن
زہرٕ ہوی تتی گمتی
روڈٕ پھلی پھٹران وُہوٕنہِ سڑکہِ پیٹھ
ٕکنکھ ژایاٚنی گیوم
نأجن زٕلُن
بس تنے ووتُم
ڈُواں زیٚوِ ستی لَژ ھ



---

[1] ہوٚ کھرٕ متی سینہٕ

غلام محمد غمگینؔ (۱۹۴۳ء)

# غزل

زأج دروازن لگِتھ دارٕن چھےٚ حأرأنی لیکھِتھ
محل خانن تام دیوارن چھےٚ وأرأنی لیکھِتھ

زِندٕ زُوٕ حأصل سپُد زانٕہہ کرٕتمن جانٕک امان
قبرِ وارن پیٹھ نصب پیرٕن چھُ لافأنی لیکھِتھ

اکھ چھوکل دِل اکھ انا اکھ سوٚزی سپد یأمُت وجوٗد
مأری مندٕن تے چھےٚ تقدیرس پشیمأنی لیکھِتھ

شہہ نشینن تے چھُ کُس تاٹ دود أندری وَٹھ کرِتھ
مہ جبینن تے چھےٚ کانٕہہ نتہٕ کانٕہہ پریشأنی لیکھِتھ

چأنٕ سوے شوخی تہٕ سرمستی چھےٚ غمگینؔ چون راز
مُشکلاتن چانہِ باپتھ روزِ آسأنی لیکھِتھ



ایس راضی (۱۹۴۳ء)

# غزل

بوزِ یوٚدوَے تُلِم مےٚ ٹاوس کانْہہ    ہاے پانا لگِن مہٕ داوس کانْہہ

خوف واوُک اگر چھُ ژانان نٔتھ    برونٹھ سوٚتھ ہیٚیوان چھُ واوس کانْہہ

بُلبلس کیازِ مُتی گرٛھان سأری؟    حال پرٛژِھ ہے حرام کاوس کانْہہ

واظ خأنی نسأ گرٛنی چھُم کینْہہ    میون مقصد چھُ راز باوس کانْہہ

دیاوٕ ناوَن نٔوس تہٕ پرٛأنس واٹھ    تام افسانہٕ یاد پاوس کانْہہ

موختہٕ مالا گُمرٛ کٔمس حأصل    داتہٕ تامتھ بہٕ راوٕراوس کانْہہ

نوٗرِ کٔمی وٚون چھِ نوٗرٕ پھوٚتی پرٛزلان    راوٕراوان ہا چھا ناوس کانْہہ

گُلشنس پھیرِ کیاہ خیالَو ستی    آسہِ یوٚدوَے پھیوٗر تاوس کانْہہ

کٔمی یہِ وٚنٛنم چھوٚنے ژلکھ رأضی    توتہِ آسِم مےٚ ستی ہاوس کانْہہ



مظفر اٖیرٕج (۱۹۴۴ء)

# غزل

دَم ہأرِتھ سأری دمساز ‎ ‎ گُس گُس ہمدم گُس ہمراز
شاید مےٚ پوٚت آلَو گوٚو نَتہٕ کُمی بوٗز گنو آواز
گلہِ گلہِ چیٚپہِ نا وأنج رَتھ ‎ ‎ لِتہِ چھتہِ گوٗمُت آدٕمی ماز
کتربن گنِدی گنِدی کیٚاہ نیری ‎ ‎ ژٕیےٚ کرتامَتھ ہوٗرٕتھ باز
پتہٕ سأری اَتھٕ ہاوان گئے ‎ ‎ اَسہِ وُچھ گَم گَم تیر انداز
دِل میٚتہِ نیوٗ کُمی تاٰزٕ تھپھ دِتھ ‎ ‎ رُت گوٚو پأنٕے مَشہِ نَس ناز
اٖیرٕج تاں دَم پھٹِ گوٗمُت ہے ‎ ‎ وقتس کُمی سُند اعجاز



## مرزا محمد زمان آزردہ (۱۹۴۵ء)

# غزل

أندی أندی سأری گربد تَے کاو ژۄے وَن بلبل گَس کرِ گرٛاو

گَتھ پپٕٹھ نچَقَے یُتھ چکہٕ چاو گرٛھ نیر بازر اکہِ پھرِ راو

عأقل دانا یێتہِ أسی کِتیٚ پپٕند دِتھ أسَن تُلہٕ ہکھ ٹاو

بُتھ چھَلنَے یُس پرِ تکبیر سُے کرِ گوٚنگُل کرنَے کرٛاو

ووٚنی ترٛوٚپرِو نا سأری چأنٹھ تیٚمی ہنٛز گَتھ أس سُے برٕ ژاو

مَشہِ ہَم غم دۄو از کالُک بێیہِ از پرأنی شربتھ چاو

حأکمو تٔسی کوٚر یێتہِ گُلِ میوٗٹھ واو وُچھِتھ تیٚمی ترٛأوۄے ناو

آنہٕ پٕتس وۄن اوزُردن

نیکی کر دریاوس ترٛاو



مرزا محمد زمان آزردہ

# غزل

ستم کُری مےٚ پانے پأنی پانَس     پٔنُن آیُت مےٚ دِیُت ییٚلہِ غآرزانَس

چھنے اَتھ کیاہ بہٕ اَژ دیوان خانس     یہِ اوسُم تی مےٚ وٚوند تہِ ڈیڈٕ وانس

پٔنُن بُتھ نہٕ نوٗتھ راوٕ روٗتھ     ژےٚ لأتھ گٔنز وَنے کیاہ أنہٕ خانس

یمو کھوٚٹ پوٚز تہٕ روٗدی ڈانب لآگتھ     ملامت ئٔلی کران چھی تم زمانَس

یمو اخبار کٔڈی دستار وآلِکھ     کران چھی گرٛاوٕ تم ووٗنی پأنی پانَس

پُژان پوشن یمے بییہِ موٗل پرٛاٹان     تَمے الزام دِتھ گٔے باغوانس

وُچھان اوزُردہ بس روٗد لولہٕ چشمو
تٔمی تُج شرٛاکھ دوٚپہٕ نَس وال پانس



غلام محمد آجر (۱۹۴۵ء)

# کرٕ بکہٕ معنہِ روٚس

اکھ کُلاہ بَڈٕ عجیبےٕ وُچھُم بیرِ پیٹھ
دارِ برچھِس وُٹھی پٔش تہٕ چھُس ہیرِ پیٹھ
تُہر یَتھ جایہِ آسان چھُ تتٕس وُچھُم
وٕوٹ سنبھأ لتھ تہٕ شیرِتھ اَکس سیرِ پیٹھ
چونٹھ وُچھِمس کھورن نِش تہٕ کھور تالہِ پیٹھ
چانٹہِ ستی پکان تہٕ کھورٕ گتھِ کران
مےٚ باسیوٚ زِ دونوٕنی چھےٚ آواز اکھ
زن تہٕ ہرٕہر تہٕ شاں شاں چھِ دونوَے کران

O

جوگہِ سانہٕن کتھن معنہِ آسان چھِ کینْہہ
مگر ہرٕہر تہٕ شاں شاں چھِ بے معنے ہِوی
جوگہِ وَنتم ووٚل کُل اوس کیاہ کیاہ ونان
خاب یُتاہ وُچھُم تیوٚت ووٚنمے مےٚ ژےٚ

O

جوٗگ پہرس اَکس سوچ سمجھا کرِتھ
بَڈٕ گوتن منز گرٕشتھ ووٚتھ مےٚ کُن تہٕ ووٚنن
"دُرس انسأنیت چھےٚ دولابن پیٹھٕ
کرٕبکہِ معنہ روٚستُے چھِ دوان ہیوٚر تہٕ بوان"

اومکار ناتھ شبنم (1945ء)

# اکھ احساس

صبح دَم ہواڈلہٕ وُن رُخس سٕرٛ بہہ

سو مَسوَل دٕرٛایہِ زُلفن شانہٕ والان

چھےٚ اَز فضہس اندر خوشبوے ژھٹان رنگ

چھو کُن آمُت توَے نوٚواَنگ بہمارن

تہٕ شیہٕلے نارٕ تُتی شولیو ویاوُن

خبر کُمی بختہٕ بٔڈی کوٚر زوٗل سونتس

توَے تار کھٕنَبن کوٚر زوٗل شامَس

ژٕنٛز پوشو توَے وو شلاۓ وٕمرٕ تَن

تہٕ جامن چاک دِتی مٕتی نیرِ ی پوش

یہِ مابوٚ مبرس گنیمٕرٛ کل چھےٚ شوقل

یِنبر زَلہِ وعدٕ پالُن ماچھُبوٚ مبرُن

تہٕ بادم [illegible]

یہِ ماہیرن چھُ دِیتُمت کونگہِ آلو
تہٕ حوٚر ودٲری گنڈِتھ وَن وَن وَژن ٹلی
قُمری کوٚستوٚری چاران تارٕ سازس
چھےٚ ووتھراوان مخملی پوش بُتراتھ
یہِ سوزٕے ہاوَسن ہُند پھُلیہِ ورشُن
یہِ بادَم کُجہِ طیَس پیٹھ رنگ چھُ ژھوٚٹمت
یہِ ماشیر ہنہِ لایان نادفرہاد
یہِ مالنکایہِ راوَن راج موکلیاو
یہِ ماسیتاچھےٚ أنی ہرٕ سالہٕ رامن
یہِ ماہجور صأبن بونہِ شیہجاز
وُتھن پیٹھ ازتہِ تمی ہندی نغمہٕ کھتی ہتی
دِپان ''پوشن بہار آویوٚری وولو''



عبدالاحد فرہاد (۱۹۴۶ء)

# نظم

آسمان وأتِتھ

دَپیٛون......رٹہٕ آفتاب

آفتابس تام وأتِتھ

وُچھ لکو

لانٛج اوٗنہَس

أسی چھُ روٗژمت

اعتبارُک......اوم پَن

کم ہمَتھ چھُن ژھایہِ ہوٗل

کوٗرمُت گوناہ

تی تہٕ دأرین وٕٹی اند

تہٕ نوقطس نرۄَتیٛو

نوقطہٕ صحراوس اندر

اکہِ کاینا تُک یادگار

اسمان...... "مدفُون"

کُنۍ لوح مزار

وُقارٕ شائیستگی ہٕنز مُہذب نقلی ژَم

بُتھۍ زِلتھ نہناو

کھوکھرِ تہذیبکۍ پکھانڈ پرٕ پوشاک

حدوٗدٕ حاشیہِ

کرٕ یٚہنہِ قلمہٕ بیٚیہِ کرٕ یٚہنیاو

تہٕ ناتصویر بناو۔



بملا رینہ (۱۹۴۷ء)

# واکھ

سیٖر بَستے پان زانُن
یاوُن زانُن شرٛاوَن شیٖن
وارِ چھانٛتھ پھیٖارِ پھیٖانُن
ستن گُر تے ہتن زٕہن

O

وُڈِتھ وانٛج بَہہ ناوِم
أندرِ چھووُم پانس پان
پُنُن آسُن پانَے رووُم
پانس لوٗیِم پانَے کان

O

پانَے زانُن پانس ہوُے
یُسے زاو تہٕ تَسے زیٛوو
نہ چھُ شوے نہ چھُس زُوَے
موکھَن بدلِتھ ذوَم نوٚو

کاۄ گلے کوئے تراۄتھ
بوٗد منس کھیاۄی زِ کیاہ
واۄ جامن پأراۄتھ
ناۄ رٔسی تیٚک بأوی زِ کیاہ

O

میٚژے زوٗنُم آتَم آکاش
میٚژے وُچھِم میٚژِ ہٕنز پرٛے
میٚژے وُچھُم ساسہٕ ہرِی یہِ پرٛکاش
میٚژے وُچھِم شکھتی لَے

O

دَہوِنی سِتبِن لاکم تیمِس
پرٛنو کمان تَے پرٛان کان تَس
کو چھِ سُے رازس بوچھِ کَتہٕ تِمس
تُمۍ چُو دامہٕ آنندِ مس



## منشور بانہالی (۱۹۴۸ء)

# غزل

دیوار شیشُو روٗد اَسہِ منٛز باگ عجیٖب
اَسہِ روزٕ ہسوٕان ژھایہِ پنٕنے زاگ عجیٖب

سمکھے أسی پۆز وُچھ گتبن یَتھ سٔدرٕ بُٹھِس پیٹھ
طوٗفان گسوٕان أندی أندی چھُ کیٛاہتامٕ راگ عجیٖب

پرٛو چأنٛی پسوٕان چھُم لگان ووتھٕ بَو مےٚ امارن
یَتھ چھینٕ اسیکیٚ لِس منٛز وُزان چھُم ناگ عجیٖب

اَڈٕلیۆک یہِ مُلاقات ما گَرِ وأنِس أڈٕے مےٚ
سمکھِتھ گرٛھُن بنیٚہِ ژھبنٕہٕ مُتلان وأراگ عجیٖب

کوٗس یاوٕگی انہار پنُٛن پراوٕنَے سورے
یَتھ شرٛاونَس سأنِس تہِ بنوٕ ماگ عجیٖب





۱ کوزٕ

## شوکت انصاری (۱۹۴۸ء)

# شارِژأر

سپُن ہرنۍ چشمن سُہ گوہر تلاش — أشس آبۍ جوین سمندر تلاش
کمن شیشہِ خانن وٚأٹسی گے زبان — کنہن ہندی چھِ گأمتی سخنور تلاش
ڈٔکس دُونٛژرأوِکھ رٚکھن ہنز کتاب — کوٚرُکھ ورقۍ ورقے مقدر تلاش



لوٚگ تھرٛن بس چانہِ دامانٛک ہوا — پھوٚر جُرِتھ نالس گریبانٛک ہوا
دُزلن واوس چھِ أسی دأرِتھ ہلم — مَس چھُ لوگمُت یسلہِ طوفانٛک ہوا
کتھ چھےٚ تُولِتھ پوٚختۍ کوٚڈٔھس مانہِ چھوٚن — نتۍ چھُ ڈٔولمُت میانہِ پرمانٛک ہوا



موٚہلی نشانۍ کتھ نۍ روٚخس تھاوِ سمندر — مے چھُم گُمانہ تس تہِ أچھن ژھایہِ سمندر
لفظِ کتاب سٔنی چھےٚ سُہ گُس پازِ سوٚخنہ سَر — کتھن چھُ مانہِ موٚختۍ پنہِ جایہِ سمندر



سید سعدالدین سعدؔی (۱۹۴۸ء)

# غزل

تَمہِ ساتہٕ زِ یِیلہِ گو گناں گُمان ہیوٚ
تَمہِ ساتہٕ یِیلہِ زَن گو یہِ مکان لامکان ہیوٚ

نَرِ اوس تُلان تھوٚد زِ کرِ ہے سأرِہے اکھ کوم
پرٛتھ سایہِ تُمس اوس وَٹان آسمان ہیوٚ

دوٚپُس زِ ہے ژٕ ناو پنُن وَنتہٕ آخرس
دوٚپنَم زِ ہے زُوان بہ فقط چھُس نشان ہیوٚ

تس اوس خابہٕ محلّہٕ یوان دژٛینٛٹھی خبر کیٛا
تس اوس گرٛہان برونٛت بنٛیل ترٛٹھ طُفان ہیوٚ

سرتازٕ دُہلہٕ خاب تہٕ اکھ شورٕ بُزی آواز
پرٛتھ کوچہِ گلِس پیٹھ سُہ شُر زن بلان ہیوٚ

یَتھ شہر کِس شہرس چھےٚ زن پھیوٚرمُت موتُن
پرٛتھ پان بنٛیومُت چھُ پنُن آستان ہیوٚ

پیارے ہتاشؔ (۱۹۴۸ء)

# غزل

مےٚ چھُ باسان بایوٚ گرِ جنگل    گرِ گرِ چھُم باسان لرِ جنگل
صحرأوۍ وَتن بس نار وُہان    صحراوَن وَن گتہِ درِ جنگل
نہ چھُ واوڈلان نہ چھےٚ سونتہٕ پھُلے    گنہِ آرَن منز ما مرِ جنگل
سیکہِ شاٹھ فقط چھِم درٛینٹھی گژھان    اَمہِ شرٕ ما أندری برِ جنگل
تھَلہِ تھَلہِ چھِم نظرن برأنتی گژھان    کبتھٕ بالہٕ تھنگوٚ پیٚٹھی ترِ جنگل
دَے بوزِیا واوٕ گرٛزن ہُند ہےُ    بے وایہِ سُہ شی گرِ جنگل
وُچھ گرٛیشمہٕ ژنجن ہنٛز بزٕ ہوٕنی رہِہ    نارس وَن دِیہِ کیٛاہ نرِ جنگل



حسرتؔ کشتواڑی (۱۹۴۸ء)

# غزل

گِندان چھُس لولہٕ آزارس گِندان چھُس
بہ شانِ جم غمِ یارس گِندان چھُس

تصور چھُھم دِلس پژتھ ساتہٕ چونُے
تمنا ہتھ بہٕ دیدارس گِندان چھُس

دِلس منز ژونگ زٲلتھ ہاوَسن ہُند
دِوان چھُس گتھ تہٕ اتھ نارس گِندان چھُس

چھُ میانِہ آرزوین ناش گومُت
سَرِ بازار ووٚنی زارس گِندان چھُس

گلو نشہِ دوٗر دامن چھُھم مےٚ روٗٹمُت
بہ گُلشن پژتھ أکس خارس گِندان چھُس

غمن چھُس گژہند کران بو رٲتی راتس
صبح دَم خابہٕ شیٚہجارس گِندان چھُس

گہے حسرتؔ دِوان چھُس نالہٕ غمہٕ کُے
گہے تارن گہے شارن گِندان چھُس



غلام حسن غمگین (۱۹۴۸ء)

# خدا بۆزِن

غمِ زدَن دِل پھوٚلِن خدا بۆزِن شاد مولا کرِن خدا بۆزِن

آہ و زأری کرِتھ سِمتھ سأری عرضِیَن پھیُر لگِن خدا بۆزِن

بے کسَن عأجزن تہٕ مسکینن داغ جِگرٕکی ئلِن خدا بۆزِن

حض نبیؐ ییلہِ تُلَن شفاعتس دَس اُمتَس دٕے گرِژھن خدا بۆزِن

اَسہِ چھِ زأنتھ گوناہ سِٹھا کری مِتی مغفرت از ئنِن خدا بۆزِن

العطش یوٚد کرَو روزِ محشر آب کوثر ئنِن خدا بۆزِن

سأنی دٕ دیٕ مِتی چمن گرِژھن شاداب عرشہِ رحمت وٕسن خدا بۆزِن

دوٚز سپدِن مصأیب و آلام راحتکی گُل پھوٚلِن خدا بۆزِن

واتہٕ نأوِن سٕہ آغہٕ بیت اللہ اَسہِ مٔدینس نِین خدا بۆزِن

غمگین حسنَس نبیؐ برحق ستی پأنس ہیٚین خدا بۆزِن



## عبدالغنی بیگ اطہرؔ (۱۹۴۸ء)

# غزل

ہِرٕ یہِ ڈٕول وٲنٛا کھٕر صوٗرٕژ آیہِ راتھ  
اَز خبر چھا کم سٲ گُل پھوٚلرایہِ راتھ

راتھ ہِتھ گٔے تَس سیاسرِ ژادرٕے  
اَز خبر کس موصمس وَدٕ نایہِ راتھ

صبرٕ کُے دامَن بہٕ روٗزٕس زتہٕ ٹھران  
آزماوِن کوٗت مےٚ اَزمایہِ راتھ

رہزَنو کھوتہٕ رہبرن ہُند چھُم مےٚ ڈٔر  
بٲرِیارٕ چھہٕ مےٚ پُشہِ ووٗنی آیہِ راتھ

رٲژ پنہٕ ہِس اَنہِ گٔژِس پیٹھ ناز اوس  
حال سُے اَز وُچھِتھ مند چھایہِ راتھ

گن گرز گٔے راتھ اَمہِ بروٗنہہ بھوٗت آے  
چھا خبر از واتہِ گٔمی ہٕنٛزِ ترٛایہِ راتھ

راتھ واتان چھو نوَید صبح ہیتھ  
غم مہ بر خوش روز گژھ آیہِ راتھ

نوٗرٕ زٕژوٕے ہِتی پتہٕ گٔگر آلوی  
اطہٗرا دوٚر روز گوڈٕ اَزمایہِ راتھ



رنجور تلگأمی (۱۹۴۹ء)

# غزل

وُرُن ہیتھ وچھِج ژادر شہر میون   چھُ ووتھراوان کنڈِو بستر شہر میون

وۆنُس تیمٚی یی تٔمۍ سُند تی چھُ بوزان   کران پرٛتھ کأنٛسہِ ہُند باور شہر میون

وسا چھُنہٕ موسمَس اَمہِ کس ووں بلکُل   چھُ باضے خوشک باضے تر شہر میون

چھُ وۆلمُت نال اَتھ بورۄد مُشکن   دِپان تیٚلی اوس ژھٹان ادفر شہر میون

ژوپاسے ٹاسہٕ رارٕے لار ہم ہم   کران لاشن دوہس انبر شہر میون

بَسن جاین چھِ گأمتۍ دارِ بر بند   تِھے کٔنز ؤتھۍ تھُوِتھ بازر شہر میون

سِمتھ سأری چھِ ییتہِ پانس منگان خار   ژٕمتھ آو گوو سیٹھاہ موخصر شہر میون



تیج راول (۱۹۴۹ء)

# غزل

سیکہِ صحراوس منز چھُکھ وُپھوُن بُلبلہٕ! کمہِ باپتھ چھے بولُن
شرٕونی شرٕونی کرٕنی نژٕنی مسوَل آوازن ہُند اَسوُن آنگُن
ییٚتہِ باسیٚو سَمیا ژلوُن گر زانہٕ سہ دَے گتہِ بیٚیہِ ووٕنی سمکھُن
ناگہٕ بَلاہ گوٚژھ نرمَل نرمَل بونہِ ہوا گوٚژھ سوٚت سوٚت آسُن
وولہٕ ہُتھ تھَرِ تَل ہِندرا تژاوَو ییٚتہِ کیاہ چھُے تی ہلمو سوٚمبرُن
سفرا کوٚر سیکہِ صحراوَو مُنزی شیٚہجارس تَل مُشکل مُشرُن
دژینٹھا یک چھی بر تَل زاگان پیٹھہٕ گٹہٕ کار تہٕ روٗدا وولُن



گلشن مجید (۱۹۴۹ء)

# سَمے

سَمے چھُ

سأدصأبُن مالہٕ

بَجہِ بێنہِ ہُند تِلہٕ دژ اوپھٕرن لأگتھ

پُلاسٹِک بوٗٹس منز

وَرَل

تِلہٕ گرٕژاپان

عامر خان تہٕ جوہی چاولا

ہٕنز وأچھو

وورسہٕ گرٕ یکہِ منز ییرٕ

کہأنی ہندٕ ہن باقٕے پاترن ہندِس تلاشس منز

O

سَمے چھُ

درمیأنی وقفہٕ

دوٚن مقررڈ ایلاگن درمیان

کہأنی نبر

کردارن ہُند آورہٕ

O

سَمے چھُ

لبہِ پیٹھ تاپھ

تھال سُر وِتھ

چوکہٕ لِوتھ

اکہٕ اندیمژِ کہأنیہِ ہُند رِپلے

O

سَمے چھُ

دارِہنٛدِس فریمس اویزان موسم

پوٚت شامُک

جاناوار

وورسہٕ گرٚ یکہِ منٛز ماجہِ کرٕژھ تلہٕ ژھننہٕ گومُت گُن گوٚبُر

O

سَمے چھُ

پوٚت ہردُک تاپھ

تہٕ مکانچہِ اَنہِ لبہِ پتی کنٛز
دان پتجہِ پیٹھ ژٕرن ہُند جوٚٹ
تہٕ نِکہٕ پٕنٛز سوزٕنی ٹوٗپ ہتھ
چھِٹہٕ پوٚنپرس ستی
ماجہِ آوازِ ہنِد دأرِ نِبر
واوچہِ بدلوٗنہِ تیہہ نشہِ بے نیاز

O

سَمے چھُ
چھِٹہٕ پوٚنپرُ
ماشٹر جی نِہِ لنو لورِ پیٹھ
نٔی تالہِ پیٹھ
دارِ نیٚبرٕ کرٕ یڑٕ زالَس أندی أندی
سبق یاد کرن وألِس
شُری ہنٛزِ وَدوٗنہٕ کرٕ یکہِ منٛز
راوٕنچ ژھاے ہتھ دوٗن چشمن منٛز



گلشن مجید

# نظم

کینٛہہ ہَتھ لَچھ گیلن چیتھ ہوٚ مرأوِن ترٛ لیش......ہُنیٚو و
وُسجار لوٚ بُن ، موٚ کجار لوٚ بُن
زِ ہو پلناوِن خام مُرِس
یَتھ شال پھرِتھ

پیایہِ ہوٚنی تہٕ دُ کہٕ ہَن ژور مُژھلی
تن وُشنی وُشنی ، دِن پاک
تہٕ پھٹہِ لَر کانٛبن تا پھ

[ پرتھ راتھ ( سرس نہناوان قد ) ]
دِیہ پرٛایہِ کو ٕکر پھہہ تاپہٕ ٹیکِس
کھَسہِ فیتہٕ پھیکِس ( تیمۍ سأنی جوانن
دُشمن ہٕندی سَتھ ہلہ پَتھ کری
اکھ ٹینک رٔٹتھ تأرِن کولہِ یور )
وَنہٕ ناوَن بیچھہِ وِنی ہٕٹ ......ژرژن
ہر شیٖمٕژ أچھ گُلی گو گرِس
ییرٕ وو تھمت لو گمت گُدلہٕ ٹھٔٹھِ

غلام نبی آتش (۱۹۴۹ء)

# غزل

وَس وَچھس منز غمچ کتاب دِمے | سام سامکھ تہٕ پیچ و تاب دِمے
کالِہ راوَے بہٕ بالہِ سوندر مال | ڈالہِ ووتھ وُن مُژھیل شباب دِمے
تاپہٕ شہرکہِ مکینہٕ دار ہلم | شینہٕ شہرکی اَپھلی گولاب دِمے
باتہٕ وُنی وُنی ژٕے پاز وبسرآوِتھ | راتہٕ موغلو کُسو خطاب دِمے
امنِ عالم چھُ پوت وَنک مُتہ وَر | یاتہٕ رٔژھرکھ جنگک شراب دِمے
شور ووتھرُن زمینہٕ چھُم کوٚرمُت | ہا ازایو، کُسو جواب دِمے
تشنہٕ لب چھکھ کوَوسیکلہِ مانڈان | آب کیُتھ با، فقط سراب دِمے
ہندرِ ساوِتھ گوٚوُے ہوا وقتُک | خاب وَتہٕ کھاسہٕ، بے حساب دِمے
آتشن کُن لوٚگکھ، قدم ٹھٔہراو | یارِ جانانہٕ، اِضطراب دِمے



رتن لال تلاشی (۱۹۴۹ء)

# غزل

اَز زَن صُبحٕ بِری یہِ چھُ وولیو مُت
ژُندرَم شاید ووٗتھ دِیہِ روتلہِ نارس منز

پتھ وَن، روتُل، یارِ ہوا بیٚیہِ آرٕ نژُن
نوٗرٕ برٕژا اکھ یاد چھےٚ پتھ کُن نارس منز

سوٗرے کینٛہہ محفوظ تمن تاہ خانن روٗد
چون اُسُن بیٚیہِ میانی مُدٕے دزٕ نارس منز

چانہِ شرپرُک اکھا اکھ رُم بنہِ سونتٕہ ہوا
میانہِ وجوٗدُک اکھا اکھ برٕ ژٕ زدَزِ نارس منز

ژٕتہِ چھُکھٕ میانی پاٹھی حیاتس لول بران؟
زانٛتھ مانٛتھ خمہِ دِوان چھُکھ نارس منز

اَڈٕ وٕزتھ دارٕ چھےٚ واوِرِ رنگن خدٕ خال ونان
آسہِ تہٕ بس پیٚتی آسہِ تلاشی نارس منز



شفیع شوق (۱۹۵۰ء)

# یُپؤ سِتھ

ژٕ چھنہٕ پاسہٕ سیر کھڑٕ پہٕ منز میخ نیرِ ی تھے
''سعداللہ اینڈ سنز''

زیرِ پژاران
نوٚنہٕ ٹھیلس، اُٹی تر وڈس پتھ کنُتھ
سُے گگر ژھل
بال پین، کاپیہِ، ایم، بی، ڈی، کو ینڈ ربیترِ
مائلی سُند فوٹو اُ رٕ کتھ کُن شیٚری تھے

ھٰذا مِن فضلِ ربّی
شاہ رُخس اَٹہٕ بارِ ننتھہٕ نٔی ماڈھری
سعداللہ نہِ جایہِ تٔمی سُند کانٛسہٕ گٔتھ
زِ یٹھ مو یو و کو یو ور تری تھے

یُپ وٕستھ ہوٚچھ کول تہٕ گنہِ داتھر وَتن
گُچھِ شِہلِس گرووٕنی
پڑایہِ کو کرِ گاسہٕ بنہِ پیٹھ

وَگوٚ روٚٹمُت کُدٕ کاکن
بیٚیہِ خبر کم ژور زٔنی
نمدٕ ترٛاوِتھ
اَمہٕ ظوطس جاے تھز رس
زأنہٕ گُدلہٕ کامہِ رٕتھ دِتھ
بیالہِ اندرٕ چ کتھ ونان
"مَسلہٕ چھُ اندنس تیار"



شفیع شوق

# شام تہٕ گُنی زٕنی کوٚر تہٕ بنڈ

بوٚنی بَجہِ سرٛ کہٕ چھِ ہتہٕ بُدی تاوَن:
لُوکھ تہٕ بکری، زاگے، بٔلی دٕسی پُوسی، آٹو، آٹو ہن ہندی خدشہ،

ٹریفک، فُٹ پاتھن منز رَب، ژٕلہٕ ژٕلہ تہٕ......

تھوٚ کمُت ژھیوٚ نمُت، ترٛ اُوِتھ ژھُنمُت گُر

نگہٕ واریوٚ کنۍ بہہ پھوٚنکان، تہٕ......

ٹُلہٕ کلۍ گوگرٕنبر آونیرِتھ بیارِیوٚ کُت اکھ ڈٕیشتھ کاغذ تِلماہ، واوِلی

گیرِس ستۍ ترٛان، تہٕ......

سنگرَ وٕ ژھمرٕ ینہٕ رِکھ گوپھِ منز اَنہِ گٹہِ وٹھان،

آکارلبان، تہٕ......

وٕتھِ ہُند آب ژھوکیوٚ مُت،

سیٚمی داتھِر ہیوٚر کھتۍ تۍ، ڈوٚمبھن لگِہ ٹُلہٕ کُترک ٹھان، تہٕ......

پنجرُک ہاپُت کَرِ کیاہ روتلہِ کُن زوٚن؟

دوہلے کانہہ وُچھنہِ یوان اوٗسُس تہٕ

ژَرِ یوٚپ وایان، لوٚرٕٹھکان یا ژوٚٹ پلناوان، تہٕ......

واپھچہِ منہٕ چھےٚ کھرٛ پن، ترٛ وٕین منز سورُے مُشرِتھ

اوٚری بےٚ حرکتھ زانہٕ کران، تہٕ......



رفیق راز (۱۹۵۰ء)

# غزل

بہٕ چھُس نہٕ موٚت زِ دَپےٚ لامکاں چھُ آپےٚ آب
مگر مےٚ سوچہِ پدٕن تل وزاں چھُ آپےٚ آب

یَپأری کونگہٕ زمینَس چھےٚ تمبرِ جویہِ پھَٹان
ہُپأری گترِ زمینَس بوواں چھُ آپےٚ آب

یہِ شینہٕ بال یہِ تاپری وُڈو یہِ نارٕ وولر
خیالہٕ چانہِ یہِ دُنیا گرٛھاں چھُ آپےٚ آب

ژٕ تھوٚی زِ پننہِ دماغُک تہِ ژونگ شولہٕ وُن
اَدَے وُچھکھ زِ کمن گتھ کراں چھُ آپےٚ آب

ژےٚ ما یہِ لانہِ لیکھِتھ چھےٚ پُیس اندر پیرٕن
ژےٚ برونٹھ برونٹھ شہرٕ گُن وساں چھُ آپےٚ آب

سُہ تیٚمی نہٕ تریش لگِتھ تریش کأنسہِ منٛج نہٕ زٕہنٛز
سُہ نارٕ دزاو خیالن متھاں چھُ آپےٚ آب

دپان فقیرِ خودا اکھ گومُت چھُ نار و نار
لیس کس تہٕ دیوارن لیکھاں چھُ آپےٚ آب

تۆرُے نہٕ فکرِ ژٕے یوٚدوَے صدا تہِ بوٗزتھ نا
تمام لفظہٕ گھین ہے گرٛزاں چھُ آبے آب
رفیقؔ رازؔ چھُ اَز کل تہِ مُتی وَرِس اندر
چھوان چھُ رہہ تہٕ رِٹِل سرٛ ہہ سراں چھُ آبے آب



رفیقؔ رازؔ

# غزل

بے زہن نہٕ تریشہِ دادِ دلَس کیاہ قرار یی ژٕچھتھے تھوٗن یہِ تاپھ شبس ما بکار یی
یہٕ تہِ ہاوٕ ہا کنہن زِ گنو چھُس نہٕ زاژ کنٕز کرتن وول سُے خراب تیٚمس پیٚٹھ مےٚ عار یی
ژٕڈ زبونہٕ میاٗنی پاٗٹھی یہِ اوٚبرٕچ کزٕلی ذکاتھ ییمہِ کوچہِ کنٕز تہِ تاپہٕ ہلم ہتھ دُپہار یی
کٔری توَ مثالہِ زوٗل ہنا تیز تر پہَن یوٚدوَے رسولؐ آو نہٕ ملک الجبار یی
وٕ ڈراوٕہانہٕ شینہٕ سَرس منز یہٕ چشمہٕ جوٗری وُہوٗن تماشہِ ہتھ مےٚ دوٚپِکھ باٗزی گار یی
ژینکھ کپاٗری میانہِ وجوٗدٕچ وُتاولی واوس کپاٗری گردِ غبارس شُمار یی
آسُن بسُن پیُن تہِ یہٕ تھکہٕ ہایہِ خوف چھُم ئلی کنہن نہٕ میانہِ آسنکُے اعتبار یی
گوڈنتھ سُہ ناگ یی زِوُزان یتھ چھِہکی تہٕ شاٗنش اَدِ ییہِ سُہ برٛمجہِ گُل تہٕ گُلِس تَل قرار یی
توٕ ہہِ ما سا کینٛہہ پتا زِ کُمس گوو بیدار نخ ووٗنی کتھ سہ وارِ کتھ سہ گولابس بہار یی
مَتہٕ وَنتہٕ کینٛہہ وول یتھنہٕ اَچھن منز مےٚ شورِ آب مَتہٕ پرٛژھتہٕ کینٛہہ وول یتھنہٕ وُڈھن پیٚٹھ مےٚ نار یی
نظرے اگر کری ژٕ بےٚ شوٗنکس رفیقؔ رازؔ فکری تری نہٕ لکھہٕ یِتھ مَتہٕ سِپار یی

م، ح، ظفرؔ (۱۹۵۰ء)

# اَگیان

گہے چھُس بہٕ سونچان
اگر کأنسہِ کُر کانٛہہ کتھا غیر مُتلق
رٕژَر پاٹھ پرٛ ژھنَم
چھُ بَنہٕ وُن
اگر کأنسہِ کُر کانٛہہ ذکر چانہِ ناوٕچ
اگر کانٛہہ پرٛ ژھیم ئلی محض پرٛ ژھنہٕ باپتھ
یہِ وَنتم ژٕ کُس چھُکھ؟
اگر تھامہِ گووَق تہٕ ڈری یاووَسہٕ وٕنی
بہٕ گژھہٕ شوٗ زَدہیو، پیٚیم ہام چیٚشمن
سراپایہٕ موتُن مےٚ پھیرِم شرِ پرٕس
ےٚ کیٛاہ دَنَم ئعبث کالہٕ ہُندی گ

مےٚ کرہیوٚک کڈِتھ ییوٚن نہ آسُن تہٕ باسُن
اَنہٕر ، گوٚٹ تہٕ اَگیان ، بہٕ کُس چھُس ، ژٕ کُس چھُکھ ؟
اگر کانٛہہ پرٛژھم ئلۍ محض پرٛژھنہٕ باپتھ
یہِ وَنتَم ژٕ کُس چھُکھ ؟
دَپَس چھُس بہٕ اگیان ، متھیا ، اَستھ چھُس
اَوُچھ عالما اکھ محض اَنہِ گٹیک چھُس
اما پوز مےٚ نوٗرٕ چ ، پرکاشٕچ طلب چھَم
محض اکھ طلب چھُس ، محض جستجو چھُس
مہا کال وأنٛسن اندر بأ گرِتھ چھُس



غلام محمد رفیقؔ (۱۹۵۰ء)

# غزل

پزر اوسا تہٕ کوّت گو پےَ پتاہ چھا
خبر کتھہٕ کٔنی یہِ اَتھ پیوٚ پےَ پتاہ چھا

اوتامَتھ اوس ایمانس پٔزِس واٹھ
سُہ دفتر گاٚو ما کھوٚ پےَ پتاہ چھا

ضمانت چھےَ مگر پوٚز پچھےَ نہٕ ونٔے
اَپُز چھا پوٚز تہٕ کیاہ گو پےَ پتاہ چھا

وُکرمٔنز سیوٚد ہوُے ہرموکھ تہٕ ہرسوے
یہِ ٹھوٚر کیاہ سأیہِ کٔمی تھوٚو پےَ پتاہ چھا

دُہل گوو وُنلہِ بزٕ روتُل گٹو وٚول
سُہ شاپل تا پھ کر ژھیوٚ و پےَ پتاہ چھا

کھوٚنن منٛز زا شُرٕ بن ہُند آنپناوُن
گنِدن باشن وَدُن پیوٚ پےَ پتاہ چھا

یہِ کٔمی کوٚر آلی ناشُت گاشہِ مندنبن
گٹو دِیُت گاشہِ ہے زُو پےَ پتاہ چھا

صرف پُچری گیُش تہٕ ژھٹہٕ ژھرٹھ ہوٚل بارو
یتیٚن کیاہ اوس کیاہ گوو پےَ پتاہ چھا

یہِ اَرِ کھوٚل باغ سگِوتھ کیا کرُن چھےَ
دوٚپُن تجربہٕ چھُ اکھ نوٚو پےَ پتاہ چھا

پزر ژھأرِتھ پزر زأنِتھ رفیقو
اصوٗلن ستی کُس دوٚو پےَ پتاہ چھا



فیاض تلہٕ گامی (۱۹۵۰ء)

# غزل

رۆٹ مےٚ کٕہ یا موٗچھن اندر آفتاب    گوو زمانا اکھ مےٚ وونان خاب

لول پہترُن چھُ نیزٕ شرٚ وپراوِنی    سَر ژٕ سَرٕ کھےٚ گُڈٕ ری سیٚکلٕے سراب

چأنی اکھ اکھ ادا چھےٚ عأنہِ غزل    کاینالس تھکُن چھُ چون شباب

زُونہِ گیلان چھےٚ نوجوأنی چأنی    چشمہٕ مُژرکھ تہٕ گُمہٕ ژھٹان آفتاب

کہکشانس چھےٚ چانہِ حُسنچ ژھاے    چون گُفتار زنتہٕ میوٚٹھ شراب

چأنی لچھہِ درٕ ہے نِگارٕ چانہِ وَرأے    زِندگأنی بنان چھےٚ عأنہِ عذاب

چھاو یاوُن ژٕ از پگاہ بوزَو    کَس چھہِ گرٕئی گوناہ تہٕ کَس چھہِ ثواب

دِیُت مےٚ زہرس قندُک موٗدُر تأثیر    اَز چھُ عالم وَنان مےٚ خانہٕ خراب

میون رُم رُم فقط چھُ نار ژھٹان    میأنی آواز بس شراب شراب

اَچھرٕ سوٚمبرن کراں چھُ موٚت فیاض    لولہٕ زخمن بنان چھےٚ تازٕ کتاب



## غلام رسول جوشؔ (۱۹۵۰ء)

# غزل

وَنہٕ بہٕ گس گَتہِ پُھٹ یہِ دِل گَتہِ گوو اَثر
پننہِ دادِچ چھَنہٕ مےٚ کینٛہہ پأنَس خبر

أچھ وُچھان کیٛا؟ دِل یڑھان کیٛا؟ رُوح چھُ کیٛا؟
گَتھ بھرٛوٗسس پیٹھ مےٚ ہیوٚت زالُن جگر

یٚیمہِ وجوٗدُک اوم پَن گَتھ ڈیٛنجہِ کھوٚت
بٚیہِ مےٚ پننہٕ نِس مُتٕ خیالس ژاو وَر

پرٕدٕ پتٕ کِنہٕ گُس یہِ مُشراوان چھُم
چھا کرامَتھ کِنہٕ چھےٚ کأنٛہہ جادو نظر

زنمہٕ زٕگتکی پھنٛد وٕنتھ دوٚپہَم ژٕ نیر
آس لوٕچ ڈألی ہتھ شہرس اندر



بشیرؔ دادا (۱۹۵۱ء)

# غزل

برم چھے پانو دأغی گُلالن داغ ژَلن
ممکن چھا زانہہ عشقہٕ بیمارن دأدی بلن

وارِلی ڈیشتھ لرزیوٗمُت چھُم پوشہِ چمن
کم سِن جاناوار پکھن کر واش کڈان

بونہِ شِہُل چھے قدمَس قدمَس ستی پکان
نار وُہان اَفتابہٕ مےٚ کیُتھ وأنا کھ وَتن

اَسہِ بے ناون ہنٛزٕ بُستی ییٚنہٕ سوٚر سپُد
ناو تیٚنے پھوٚ سأنس پوٚرِس نارٕ پُرن

گرِ ہے نیرِ و کفنہٕ پٔنُن گرٛھ ستی تُلُن
زانہِ خو داکس آسہِ گرٛھن کتھ شایہِ دفن

گاسہٕ تُجُن ہنٛز ناو بنأوِتھ کیاہ گُدرِم
ییمہِ گاہکی دٔری یاو مےٚ چھِم زاگان ہتن

بیٚیہٕ چھُم باسان گاٹلی تختہٕ دار کھسَن
بیٚیہٕ از خوش الحان قُمری کستوٗری کلَن

بیٚیہٕ سأنی اَڈٕ مأری جگر بسلایہِ پھسَن
نکراون، تُلہٕ نارٕ بُزن یا تاوِ تلَن

مست بشیرؔو چانٛبن خأبٕ سراین منٛز
کأژاہ گُل اختر وُنہِ کوتاہ کال نژن



نسیمؔ شفائی (۱۹۵۲ء)

# آہی

صُبحُک موکھ پھۆل چانی پرتوٕ

شامُک سوکھ لوٚب چانی بر اٴژ

چانِہِ نظرن منز وُچھ میانوٕ

پژانوٕ خابوٚ نوٚو تأپر

O

چانی زہنٕہ لوٚب میٚتہِ نوٚو زاینُ

ہردِس پھیوٗرُم تازٕ بہار

ژٔے پھولی وُٹھہٕ کُمہٕ جارس کوٚسَم

میٚتہِ روٚٹ مسولہِ ہُند انہار

O

سانگلہٕ، ڈانبلہٕ گتھِ گتھِ پیٹھ چھکھ

رؤشتھ ترٛاوان وَتہِ پیٹھ پان

چون یہِ تشنُبلُن وُچھتھے ہا چھَم

ہنگہِ منگہِ وأنج دُبہٕ پھیران

O

میانِہ رأژن ہِندِ کُنہِ شِمہا
چأنی دزٕہے چھُم چأنی دزٕہے
ییلہِ تہِ مے اَتھہٕ تُلی آہی باپتھ
مے ہا پھُٹ أندری ترٕ دوٚپُم

O

بہ منگا چأنِس شُری پانَس رکِژ
یاونہٕ شہرِچ دزٕونی وَتھ
واہی ژٕے چھے اَتھ موصُم پانَس
کیاہ کیاہ وُچھُن سرُن پتھرُن

O

یہِ چھےٚ مجبوٗری دُنیا دأری
دوں گو ییلہِ ژٕ چِھم کانْہہ ٹیوٚٹھ گوٚل
میانہِ مزارُک اکھ اکھ میٚژ پھوٚل
رَتھ وَدِ، وَچھ ژٹہِ کرِ فری یاد



## اقبال فہیم (۱۹۵۲ء)

# نظم

بہٕ چھُس یِہوے رُدٕ ووٗنی ہُپأری یپأری پھیران
گہے مےٚ آسان یُپ گہے گرشھان نابوٗد
مےٚ ماچھُ اگُر ویوٚد
بہٕ چھُس نہٕ گنٕز ژادر، زِ کالہٕ اوٚبرٕ چ ییٚنز
وُنَل وُنَل وونن
مےٚ چھَم ذٕ چھِنٕز کھوٕری کھسان وُنَل ہردم
تہٕ زبوٗ ہُنان گاہے بہٕ چھُس کلان ہردم
ژےٚ ماتھووُتھ زانٕہہ کُن مےٚ کیٛاہ سنا گُدارن
بہٕ چھُس سبٕٹھاہ تھوٚد پھرٕ بس تہٕ کِتھہٕ سَنا تھوٚلہَس
مکٕرٕش گمولأجِم
ترٕٹن تہٕ طوٗفانن ذٕکھِس چھُ آسان اوٚش
یَرٕ ھومےٚ اوٚش ہارُن خبر ژٕ کِتھہٕ کھوٗژُ کھ

مےٚ اوسنہٕ کینٛہہ باوُن

یہِ گووتہِ اوس سپدُن ژےٚ کُس سناراہ چھُے

ہُنان ہوا باضے گرٕ ھانٕ ہہَن گانگل

کھرٕ ہکان گِہے وُزمَل، دزان چھِ آبہٕ ملر

مےٚ گۓ لفظ پھیرِتھ لگُوژےٚ راہ کھوٗئے

کوٚڈُکھتہٕ سُے مطلب ویان ژمن یُس اوس

مےٚ وُنی نہٕ زانٛہہ کانٛہہ کتھ، مےٚ کرنہٕ زانٛہہ شُری گی

یہِ کُس چھُ اَچھ کوران، یہِ کُس سنا کأشُر

ژےٚ مایہِ بوٗزُتھ زانٛہہ زِ چشمہٕ گیہِ نابوٗدکنن چھُ پیوٗمُت زَر

حبسن چھُ وَٹھ گوٗمُت

مےٚ کیٛاہ سنا گدران

ژےٚ کر سنا بوٗزُتھ



برج ناتھ بیتابؔ (۱۹۵۳ء)

# موٗرتی

گنداں گنداں
سوٗنچ تمیٚ خبر کیٛاہ
تہٕ مےٚ دوٚپُن
ژٕلاگ مےٚ پوش
مےٚ سوٗنچ نہٕ کہنٛ تہٕ
لأگی مَس
پوش لأگنز اوس مےٚ خوش کران
میانہِ پوش لاگنہٕ بنےٚ یہِ سو
دیوی
تہٕ بہٕ پیوس تَس پرن
پرن پتھ سوٗنچ مےٚ خبر کیٛاہ
تہٕ بنوٗوم مندر
مندرس منٛز کرمےٚ تَس پوٗزا
میانہِ پوٗزایہِ ستی آیہِ تَس

## شکتی

بھگتی باوِ روٗدُس بہٕ تَس
پوش لاگان
پرَن پوان
پوٗزا کران
تہٕ سونچان
مےٚ دِیِہ بھگوان درشُن
تمیٚ تلی پوش تھوٚد
مندرِ منٛزٕ درایہٕ نبر
تہٕ دِتُن مےٚ درشُن
موٗرتی ہٕنتھ
اَتھ موٗرتی چھُس بہٕ
نہ ہیٚکان پوٗزا کرِتھ
نہ ہیٚکان پرن پیٚتھ
تہٕ نہ ہیٚکان پوش لأگتھ



## رشید راشدؔ (۱۹۵۳ء)

# بژم

سۄے راتچ کوتھ
سۄ مبراوان کُھر زال ولان
زلرِس بژادیو پنہٕ نۓ زال......
ووستاد دَپان کرتام اَتھ کُھر کاسوو
کُھر چھُ کُھر ......اَتھ پن ژھاران نۆوی گنڈ سپدان
کأتیاہ اَتھِ بن اَتھ ڈینجرِ نِش
O
قندہأری زانپانس کأژاہ نظرٕ چھےٚ سۄمی سۄمی
دٕرِلج مژٕ
پتہٕ پتہٕ گرٕ نزرۄس یٚژ ھِہتی پری چھِ وَتہٕ ہُند کرتچھر مٔشر اوان
لونچہِ تٔلی ییٚلہِ ییٚلہِ زانہہ وُچھ ہَس
زانپانس مٔز گاہ چھےٚ پژٕ تھان تےٚ گاہ چھےٚ شروکان
وۄرسَس مٔشراوُسُس بٔہ لۄب گٔن أتھ کھۄژُت نُنخہٕ پران

حرفن ہوٚ چھِمہٕ زبو دلیلن گگبہٕ روٚٹھِ پھند
صُبحچ سوٚے ووٚتھہٕ نظر گیہِ توٚرٕ سبد ان
گتہِ تام کرٕبکہٕ گیہِ
دورسٕس منٛز چھانُنجہٕ پران
دولہٕ پگھ بجٕرس منٛز حرفن ساد تُلو
پھیہہٕ پھیہہٕ کروٗن نار چھُ تیزان
پرٛنتھ کُنہِ تھوِ ماسوٗر گرِتھ
نیٚبرٕ دَپان کینٛہہ ژھایہِ اُتھن کنتھ ژانگی
چھےٚ شہرس زوٗل کران
پننہِ حِسک سفر طے سپدِتھ
رأژ مُسافِرن وَنہٕ ہا
بڑم چھُ سفر گُستام سفرس منٛز رہبر۔



بشیر اطہر (۱۹۵۴ء)

# گنہِ شہر (اکھ مرثیہ)

یَتھ شہرس منز کانٛہہ چھا سہ بسان
یِیتہِ رووُمت زَن پڑٕتھ کانٛہہ انسان
ییمہِ شہرکی گٹہٕ زٕلی کتہٕ وٕکھتی
ییمہِ شہرکی دوہ زَن کھیٚنہِ دوران
یِیتہِ پڑٕتھ کانٛہہ أچھ زَن دٕرِ لٔجمٕژ
یِیتہِ پڑٕتھ کانٛہہ بُتھ زَن گٔنز باسان
یِیتہِ پڑٕتھ کُنہِ قلمس زِہو چھےٚ ژٕٹھ
یِیتہِ پڑٕتھ کانٛہہ شَہہ قأدی باسان
یِیتہِ پڑٕتھ کُنہِ زوٗنہِ گرٕہُن لوٚگمُت
یِیتہِ پڑٕتھ اختابس سوٗر پھولان
یِیتہِ پڑٕتھ وَتہِ پٹھ آوارِ چھہِ رُوح
یِیتہِ پڑٕتھ لَرِ منز لاشا ڈولان

یێتہِ پژٕتھ گُنہِ وَتہِ پِٹھ موت کھڑا
یێتہِ پژٕتھ باغس منٛز زُو تھاران
یێتہِ گانٹہٕ تہٕ گرٕبد یأگی گاٸمتۍ
یێتہِ طوطہٕ قُمرِی کستوٗرِ وَدان
یێتہِ پژٕتھ کانٛہہ بُتھ نُہناوِتھ زَن
یێتہِ پژٕتھ کانٛہہ وُٹھ زَن تریش منگان
یێتہِ پژٕتھ گُنہِ باغس ہرڈُک رنگ
یێتہِ پژٕتھ کھوٹ سونٛتس پژاران
یێتہِ پژٕتھ وَتہِ پِٹھ اکھ نارٕ الاو
یێتہِ پژٕتھ کانٛہہ کوچہِ چھُ نار چھکان



بشیرِ عارفؔ (۱۹۵۴ء)

# غزل

ییمہٕ شہرٕکۍ کستوٗر چھِ گٔلۍ زٔری
رازس مشورٕ باپتھ کھٔلۍ ژٔری

اَسہِ کر موٚنگ دِلہٕ کانٛہہ دوٚیہِ خأرا
اَسہِ ییم آیہِ پرٛےٚ تم گر ئٔری

اَسہِ گرَ توٚگ مہرازن وَنہٕ وُن
وِگنبن سانبن تگۍ نہٕ گنڈٕنۍ ڈٔری

مجلسہِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہٕ دستارٕے
یَتھ سَبہِ وودنی وأۍلۍ گٔمتۍ ژٔری

ژأر چھےٚ لٔجمٕژ پوٚشس پوٚشس
اپُز نہ بی وسرٕمٕژ چھَکھ تٔھری

اکثرٕ ہہ ستتأجی سَتھ ڈٔہی پانٛژھ
کانٛشرۍ کاندر وأنکۍ ژوٚچہِ ؤری

أندرٕ چھوا تُہی پورٕ گرٕکۍ بأژ
نبرٕ ہبا گٔرفیوٗ بٚیہِ رُدٕ جٔری

دارِ وَژھےَ درواز ؤتھی تھٔوی
پرٕدۍ نبا اَسہِ پنہٕ فی ہا پھٔرو

فاروق فیاض (۱۹۵۴ء)

# نرمل

ژےٚ چھُے پرٛزلُن یہِ دِیُت ازلس نصیبُک
حدن منٛز قأد کمی کوٚر گاشہِ آگُر
ژےٚ پرٛزلُن دمبدم آکاش انگ چھکھ
یہٕ چھُس اکھ ژأنگی زٕژ کر واو ژھیوٚرہم
ہلم دأرِتھ منگان چھُس آے ازلَس

O

ژےٚ ماچوٚن زانٛہہ ژےٚ بس چاوُن چھُ امرٛتھ
ژے ماشوٗبی ژٕتھو ہکھ آشہِ ہٕتی موصوٗم سگہٕ روٚس
وَتن پٕٹھ ژأنگی تم اَشہِ وانہِ زألِتھ
وُڈٕر ڈٕنڈی ڈٕنڈی ژےٚ آسن لولہٕ پرٛاران

O

یہِ وق وُنی کیٚن چھُ اُدِیُل پوشہِ ٹوٚرین
ژےٚ چھےَ شبنمی اُچھن منٛز کُنہ شیہِلتھ

خبر پکھہک سہ ژیُہہ ما آسہِ یتھی پھیر
نبس پیٹھ آسہِ ما کاشہہ نارِ وُزمل
أچھن منز نارِ سِریٚ یُک شوہرِ ویپرتھ

O

یہِ وق ہانژل چھُ أوِیُل اوم پَن زَن
قدم سُرٛنی سُرٛنی چھِ دِنی چھوکہِ سُری حیاتس
گولائک مائزِ وِشلُن چھُ أچھن برٛم
سُدر زأنتھ ژے سگ دِیُن چھُے حیاتس

O

وُڈٕر صحراو ییٚلہِ سآراب سپدن
یہٕ زانَن زندگی سپدے یہِ سنتوش
یہٕ زانن زندگی سپدے یہِ نرمل

☆

## اسیرؔ کشتواڑی (۱۹۵۴ء)

# غزل

وُچھتہٕ کیٛاہ کٔر مہربانٔی دِلبرن لانہِ لیٚچھنَم قاۡدخانٔی دِلبرن

ژٕ وٕنَس بے آسرا لاچار پاٹھۍ وعدٕ ساٲری کٔرۍ زبانٔی دِلبرن

میون یاوُن شرٕ اوٕنٛچ زَن شینہٕ مانٔز تھاوٕنَم للہٕ وِنۍ جوانٔی دِلبرن

پرٕتھ اکھا ہاٲرِتھ گرٕ ھان حاران زَن گٔس غمن کٔر ترجمانٔی دِلبرن

یورٕ دٔوپنَس ربّ اَرِنی شوقہٕ سان تورٕ دٔوپنَس لن ترانی دِلبرن

شرمہِ ستی پھوٚٹ ڈٕکس عارق گُلن تیٚرٕ کٔر گوہر فشانٔی دِلبرن

پانہٕ کٔرۍ نَم عیش تےَ عشرت اسیرؔ ضایہِ کٔر میٚانٔی جوانٔی دِلبرن



شمشاد کرالہٖ وأری (۱۹۵۵ء)

# میون "بہٕ"

اَز تِمس زَن اوس ژامُت پژٕ کرٕ
کرٕ بکھ دِژِن یِژھ وٕ ژھ مکانَس کرٕ ہیچر اے
زَن وٕ سِتھ آم تالہِ پیٹھ گُستاں پہاڑ
زَن وٕ نتھ وَہرأ ژتا پن ترٕ وو حبس
کانْہہ اکھا...... ہے...... کانْہہ اکھا
اکھ قطرہ دی تو بوٕزٕ گُمی !
مےٚ کھیٚوان پنہٕ نبن کرٕ کن اوسُم پٔنن دم پھُٹِ وجوٗد
ہے یہِ، کرٕ ھ کرٕ کھ؟
مےٚ دِلس دادِ چن تھرٕبن بامن ہَرے

''عجب ملکس نیگھ نوش لب وَچھِ تلہٕ کڈِتھ''
نیچہٕ سٔدرہ کھونہ ہےٚ رٕنیو وَچھ
''نأگی رایس ہی مالہِ ہُند پچھر ٹیٹھیوٗ''

روٗدٕ قطرس اوٚبرٕ لنگہٕ نِشہِ دوٗرِرٕک احسناس گو
پرٕ بتھ شَہس ازلی امارن گوٚ نڈ جلاو
تیمہِ لَبہِ ہندِ مےٚ ہُمہِ قدٕ أنہٕ مٔنزی
کٔھرٕ ووزٕج اکھ لفظہٕ مال
''رُستمس سہر أبی وُنی وُنی چوٗرہوٚٹ''
میوٗن رَتہٕ دأوی وجوٗددرٕ اوٗژھارنہٕ
میون ''بہٕ''



بشر بشیر (۱۹۵۶ء)

# اکھ ژھوپہٕ اکھ سوال

"لآ ابسرَحُ حتّٰی ابلُغَ مَجمعُ البَحرَین"
نہٕ چھُس کۆل
دَپ ژٕے چھُے میون مرُن
ہُم دَم پھُٹ تینتاٮ۪لی چھنا پرٕ تھ شامس
وُنہِ تہِ سے بڑ یہُل نار ہیٚہ ہوٕان
یُس مےٚ تیٚلہِ خابہٕ أندری پھرٕ وکُمت اوس
واوِ سپارن پیٚٹھ یوسہٕ ہانیمٕ عبارت
تَمکی شوٗ ژی اَچھر چھِ مےٚ تُھری متی
موصوٗم ہاوَس ژٕری مَس نالَس
تہٕ چانوِ ہوہٕری اَتھَو دِیُت ہَگھ شہہ
شامہٕ ژھاتی چھِ میأنی نغمہٕ گنگر اوان
میأنی غزل چھ آولی فضہَس منز

اَچھوی آبس چون آکارتھران

سۆ درٕ وٗ زمَلہِ چھُ وُنہِ سے تھیکہِ نبل رَخ

یَتھ چانی برأنڑٕ تھی نقشہِ کٔرِم

چون صبر یوٚد شاہوٕہنٛز کھون لُہرٕ نی

میانبِن أچھن تَل تہِ چھُ اکھ یوٚشَع پھوٚلمُت

چأنی نظر یوٚد انطاکیہ کِہن دیوارن کوران

مگر ووں کُس کجرأسی وجۆدہِیہِ ییٚہِ تیُتھ شہہ

یُتھ چانہٕ وُٹھو پھوٚلِتھ

نیلس آکاشس سیاہ قلمہٕ لِکھنہٕ ییِہ

''ھٰذا فِراقُ بینی وَبینکَ''

O

ہٕ چھُس کوٚل دَپ ژٕے چھی میون مرُن

میون پرٛ ژِھیُل دِل ژھوپہٕ ہیتھ ووشلِیوُمت

بَس چأنِس جوابس انتظار



## شہناز رشید (۱۹۵۶ء)

# غزل

ژٕ پأری اوس بدس عانہٕ ہیوٗ بہار پرُس	تہٕ ما سا اوس ہوا یوٗت داغدار پرُس

شُرہن تہِ یادژتس آسہِ سأری ہے گامَس	پچھِن پھچے یہِ سَرس منٛز بے شُمار پرُس

سُہ گُس گُمس تہٕ کتہن باوِ ہر پنُن اأخر	وژھاو رازٕ بَلُک یارٕ اعتبار پرُس

یٚیتی دِیان چھِ تارَ کھ تہٕ زوٗنہِ گِہہ شامن	بنٛیاو سانہِ امارُک یٚیتی مزار پرُس

یہٕے زٕمین یہے گَل تہٕ وق تہِ اوس یُہَے	وٹان أسی ہرُد سأنی کاشکار پرُس

ووٗزٕلی گولاب تہٕ احباب آیتن أسِکھ	وژھاو گامہٕ ژٕلتھ سون شہسوار پرُس

گیاو ڈیرٕ شبس تارکن زمینَس پیٹھ	لجاو اوٚبرٕ نبس سأنی کنٛز تہِ نار پرُس



نادر مضان (۱۹۵۶ء)

# غزل

ژِ ما ووں تاپلیو زٕہنز تہٕ سانہِ دارِ تَل سمان
یہِ وُچھ زِہے زِ کوٗت کال گووٗمے برأنتھ أنہٕ وان

یہِ گوو پرٛژھُن دِلس زِ یُن چھُیا تہٕ غم کرُن قبول
بہٕ ما دَپے زِ سانہِ براندٕ ٹلو پکاں چھِ کہکشان

مےٗ بوٗز اَز تہِ چانہِ گامہٕ واو ژأنگی ہیتھ نژان
اما زِ میانہِ شہرٕ تے چھِ سیر سأوی آستان

خبر چھُ کُس یہِ سونچہِ موٗت ڈٕنگان تہٕ پوٗتجہِ پھلی ڈَلس
نہ چھُم مےٗ آوٕلُن دِلس نہ چھُس بہٕ دأرین سنان

یہِ ما چھُ سُے مکانہٕ یتھ چھُ برٕزٕ پش قلاے بند
تہٕ پرٛتھ صبح سُہ جانور یوان تہٕ دارِ پیٹھ پرٛچان

ستارٕ زوٗن آفتاب ستی نِیتھ تہٕ جان گوو
ینا ووں ژأنگی لتھ تہِ نِکھ ینا ووں راوِ ژھاے تاں

دَیگھ زِ غم چھُ چوٗن چِمو دَیگھ تہٕ اوٗش ہرُن ہَرو
شرط چھُ ''آ'' ''نہ آسنگ'' ینا ووں آسہ کھے پرٛژھان

عزیز حاجنی (۱۹۵۷ء)

# غزل

دوہ اوس وَچھ وۆتھ تراۆتھ چھاواں دنیا اوسُس پایَن تل
کوہ گوو انزاۆنی منز راوان، راوان شاہری ژھاین تل

ژھایہِ ہلس منز ہیٚنہٕ آمُت لرِ پاوُر میون چھُ دعوا ہیٚتھ
وُمراتن ہُند تاپھ چھُ اۆمی سُند اۆندی پکھی بنگلن جاین تل

یُہسُک موسم اوس نہٕ کُنہِ کہِ نوزک لُوکن کیُتھ موزوٗن
اۆڈی کری گرٕشمکی خشمن دَم پھُٹی اۆڈی گے پھرٕ ٹی گگراین تل

تُہی تہِ چھوا دامانو رۆستے توہہِ تہِ چھوا ووتھراۆتھ کنڈی
مے اوس عُریان لُوکن تھوٚو کمُت بہ ہاوِہہٕ تُہندِ سا ین تل

سمجھوتس منز اوسُم فہمُک، ادراکُک سودا کۆرمُت
پتھہِ تِتھہِ زاۆنتھ دِل رٕژھرایو پتہٕ گوو سُتہِ دُبراین تل

سأرِۍ بستی نِیہِ سٕہلابن توتہِ چھےٚ کیاہتاں بٕچنٕج بڑانتھ
گٕمہٕ تانٛ بدلے لُوکھ چھِ نالان اَسہِ چھےٚ پُرٕن ہمساین تل

وولہٕ ویرا اَکھ وٕظیفہٕ گوٚرا ہیوٗ کاغذ تِلمن پیٹھ لیکھان
پگہُک بوڑ ہنگامہٕ چھُ میانٕن أزی چن گٕنہٕ پھِسراین تل

لولچہِ برأنٛزمےٚ ژٕہ دِتھ نیوٗنادٕیہِ ہُند اکھ بے وونت سٕدر
ہَژرٕ بوٚرمُت احساس تہِ رٕژھرُم واوس منٛز تھتھراین تل

ژھوٚپ دوٚپ عالم ییمہِ کُلۍ گنزرُک پرأنی پأٹھی چھُ پُراسرار
جاناوارٕۍ لَنجہِ پھیران شٕینس منٛز بٕیہٕ کژاین تل



**شہزادہ رفیق (۱۹۵۷ء)**

# غزل

پَدِ پَدِ پاٹھ اُلی کاو تہٕ گژبد ہُنی لُنی آدِمی کھاو تہٕ گژبد

گُنہِ چھِنہٕ بُستی ہِندی آثار پتہٕ بروٚنہہ سیکہِ صحراو تہٕ گژبد

گُلی کُٹی ژھٕری نبتھہٕ نٔنی، پھوٚر مُت . لَنجہِ لَنجہِ خوفل واو تہٕ گژبد

ناگہٕ پوگھر کولہٕ نار و نارٕ سٔدرٕ وَچھس سوٚن گھاو تہٕ گژبد

روٹہٕ گَمتی آکاش تہٕ زُون ہِری یہِ زٕژن پھُری کاو تہٕ گژبد

آشن گاٹہٕ پکھہٕ کیپٹن لاشن ہُند پأراو تہٕ گژبد

رفیٖق چھَنہٕ اِنصافٕچ دأنی پرتھ اندٕ خوٚنہٕ الاو تہٕ گژبد



گُلزار (۱۹۵۷ء)

# غزل

زوتان أچھ لُکن تہٕ وُنل بے حساب ہیتھ

کتھ گُن لگن بچأری سیاہ آفتاب ہیتھ

تریٚب رأوِتھ مےٚ گوڈے چھَم عبارژن

کانٛہہ گوٚژھ نہٕ یُن پگاہ مےٚ کانٛہہ کتاب ہیتھ

شیٚہجارِ بڑی ہلَم تہٕ اَتھن سایہِ تاپھ تھوو

أسی سونتہٕ دٕدی چھِ یتھنہٕ دزن چشمہٕ خواب ہیتھ

ییٚہہِ اوس گأمی گام جمع پڑھ پنٕنی رٕچھِتھ

کھوٚت براندِ سےٚ فقیر مگر کھوٚنڈ کاب ہیتھ

ووٗنی پھیر ڈورِ ڈورِ کھِس اوٚبرِ نب بٕنتھ

أزی ناگہِ راد میأنی چھِ بس قحطِ آب ہیتھ

لیٚوکھ تمی تہِ سانہِ گامہٕ تھپِل واو موسمن

آیاو راتھِ پانہٕ مُژِھلی کیاہ گلاب ہیتھ

مجروٗح رشید (۱۹۵۸ء)

# خاب

اَڈِ رأژن راتھ مےٚ خاب وُچھُم
شِنہٕ گام تہٕ شِنہٕ وٕلی بونِین تل
پوٚت زوٗنہِ سُہ موٚت ووٚتھ ناگہہ تھوٚد
اکھ پھوکھ تہٕ فضائے ہارس گژھکھ
وُچھ وارِلی چھوکھ اسمائی وُڈاں
کُن کوتُر کتِھ کُنی چورتہٕ کوٚرُکھ
وأنِج کُنڈی تھَرِ منز وُٹھنہٕ مےٚ آے
سیٚکہِ صحراو وولیٖو چشمن منز
گُلِ لالہٕ پھُٹتھ ہری گوگلس آو
کوتر رَتہٕ منزی کھُرث بوٗنی سبز
اَتھ بونہِ گوڈس تَل ناگ وُزاں
پھاواں وُہوٗز کوترِہ کوشُر

أتھ منز مےٚ کنن گےٚ سحرِچ بانگ

تأریک شبس دِیُت وُزملہِ چاکھ

شِنہٕ گوپھِ پھرٕ وک سونتہٕ ہواوٗک ہہ

ئج چھی سو ضمیٖرس تیَخ وہِگلیٚو

شِنہٕ کُجہِ تَل ژھیوٚوہٕ ژ لٔش بیٚیہٕ دٔز

لَوٕ پھیوٗر چھُ سوٚ درس وونت وُچھان

فِضہس منز کوتُر سونتہٕ اوبرُ

زن تاپھ چھُ سوٚ مبران چشمن منز

زمروٗدی پکھن یاقوت ہراں

یہِ چھُ میانہٕ بونہٕ شیٖن گلان

یہِ چھُ میون زبروَن خاب وُچھان



رفیقہ بشیر (۱۹۵۹ء)

# غزل

راتہٕ کالن آہ و زأری یاد چھَم
زندگیہِ ہنٛز دَم شُمأری یاد چھَم

سوسٕنن رنگ پوشہِ وارٕ بن منٛز وُچھم
سونتہٕ کاہٕچ نو بہأری یاد چھَم

زُو وَندکھ زخمن مےٚ جأری خوٗن چھُم
دوستن ہنٛز دوسدأری یاد چھَم

یَتھ گرِس کھنڈرات سپدٕمتی چھِ از
تَتھ برس تَل شب گُذأری یاد چھَم

زانہِ دَے کوٚت گیہِ سو رونق بازرٕچ
آس پھیران منٛز شہأری یاد چھَم

گاشہِ تیمیٚ ہٕندِ یار گےٚ منزل لبِتھ
تس رٕفیقنیٚ نامدأری یاد چھَم

ش وِل (۱۹۶۶ء)

# سُہ کاکُد

سُہ اوُسس ہے
سُہ کاکُد یتھ ژےٚ لیوٚکھت
کرٕہٕنۍ چھِٹھ دَگ وَچھس
قرِ یٕ مزٕ گُلالس
بہٕ کیاہ وَنہٕ ہا
مےٚ پھوٚلی جانَس ژوپاسے
دوزٕلی، اٰولِ گُلالن ہندی گلاۓ
تہٕ روٚحس لٔج کرٕہٕنۍ چھِٹھ
سُہ اوُسن ہے
سُہ کاکُد
یَتھ ژےٚ لیوٚکھت

ژٔے لیچھتھ گتھ تہٕ مُشر آوِتھ

بہ روٗدُس بَس یِہٕے باوتھ

گِہے جانٔس کران وَنہٕ وُن

گِہے روٗحس پران مرثی

O

لوٚبُس مُتۍ اَکھ

تہٕ ژھوٚپہِ دوٚپہِ پہرِ مِنز

پُشر وونُس نارس......

بہ زاس نوٚو

الیوٚ کھ کاکد

مُش پھوٚلی پرٛتھ انگس

قِری مزی گُلالے

تہٕ روٗحس لَج کرٛہنی چھِٹھ

مگر موٚت اوس گاٹُل

اوٚنُن سورے سُہ بدنُک نوٗر سوٚمبرِتھ

تہٕ روٗحس منز کوٚرُن اختابہٕ ورشُن

O

چھُ موٚت میانِبن رِلَن پیٹھ بأ گراوان

شفادادِ بن

خطا سَہوَن سُفارِش

دزان پھٔتی لن

گلان منز آبہٕ پیالن

بہٕ چھُس تعویزٕنے منز قأدسپدان

زُوان وُنہِ چھُس بہٕ سُے تحریر چونُے

سُہ اوُسس بے

سُہ کاکُد

یَتھ ژٕے لیوٚکھت



**سنیتا رینا پنڈت (۱۹٦۷ء)**

# غزل

زِندس ہرگاہ مےٚ انبہٕ ناوٕم  تؤٲر تخن اندر تھاوٕم
مےٚ پتہٕ لگہِ پھیُر کتھن میانٕن  کٕنٕم دژ وگہِ مولہٕ چندس تھاوٕم
مےٚ آسٕم بادشاہی ترٚژھ  گُرِتھ المارِ منٛز تھاوٕم
چھُے موتُے رُت تہٕ کانْچھُن کِیُتھ  دُعا صُبہٕ شام کرناوٕم
مَشہِ گَتہِ ساسہِ لَٹہِ پٕرٕی پٕرٕی  مےٚ مجلسہِ منٛز سُہ وٕبڑھناوٕم
بہٕ شاید بے تکلف چھُس  خیالن منٛز سُہ مُژراوٕم
کِتابی زندگی بخشٕم  سیاہ لفظن مےٚ پُشراوٕم



الطاف نیاز (۱۹۶۷ء)

# غزل

ییمہٕ شہرِ چھُ نیرُن اَز نہٕ پگاہ؛ دامانہٕ دِنتھ
پوٚت آلو دی زِنہٕ پاسِ خدا؛ دامانہٕ دِنتھ

زندٕ پانہٕ قبر کڈ چانہِ موکھے گَم خاب وُچھم
اَدِ واوِ گلبن لگو میأنی طماہ؛ دامانہٕ دِنتھ

کٲہ تام چھُ کوٚرمُت زوٗل مے پنہٕ ننن خابن اَز
مَتہٕ کرتہٕ پرہزلوٕنی ژأنگی فناہ؛ دامانہٕ دِنتھ

یَتھ مأدانس لوٚگ گردِ اتھن منز میون گُنبر
ہُتھ اَسمانس کھوٚت قوس قزاح؛ دامانہٕ دِنتھ

مےٚ تہِ لوکچارس یَتھ موڈس پٮ۪ٹھ وُچھ زوٗن گندان
ژٕےٚ تہِ پوٚت پھیرُن چھُے تنِ تنہا؛ دامانہٕ دِنتھ

الطاف نیازو دِل کوٚرتھن پارٕی نظرَو
لاچار، ووٚل سَر تو خونِ سیاہ؛ دامانہٕ دِنتھ



گلشن بدرنی (۱۹۶۸ء)

# غزل

گاٹمتی خبر مےٚ کیازِ بروٚنہہ روٗزِ سمندر
پالنس أچھن اندر چھِ تِمِس آبہٕ سمندر

سیکٕ لبن وُزان تریش تہٕ دأوَن چھِ سبز تر
بےٚ شین چھُس مےٚ کیازِ لکھٕنز تاپہٕ سمندر

چھِس ما خیال خام یوٗنی نہٕ أچھن تل
کھالن تہٕ تل پتالہٕ أتی ژاپہٕ سمندر

ویٚپراو میأنی پأٹھی اگر چھے ژےٚ پزی پڑھ
تیژا وُسعت تِمِس تہٕ چھُ بُسکینہٕ سمندر

آکھے ژٕ کیازِ یور ووٚل کتہِ پھیرِ سہٕ وُشنیر
ٹھہرکھ مےٚ رِنش اگر ژٕ، مےٚ چھی شینہٕ سمندر

گلشن وَنے ژٕ بوز مےٚ چھےٚ پانہٕ دِلس دَگ
میانبن کتھن کرُن ژےٚ پیٚی سینہٕ سمندر

......اَنٛد......

...ب تہٕ ... جوٗد تسلیم کرنہٕ باوجوٗد تہِ چھُ یہِ زندگیہِ تہٕ اَتھ متعلق اِنسانٔی رٕوِیَن تأیِن
... ہنٛز نوٗینہٕ سرحدن ووٚتھ تلاش کران وَنہٕ یِوان۔ پٔتِمین قریبن ستَن ہَتن
... وِین ہنٛد ... تواریخس منٛز کأشرِ شأعری مختلف اِرتقائی منٛزِل طے، اما پوٚز پٔتِمین
... شیٚتھن وریِن منٛز یمہٕ تیز رفتار تبدیلی یہِ عالمی تہٕ مقامی سطحس پیٹھ اِنسانٔی زنٛدگی ... سوچس
... پادٕ کیہِ تِمن ہنٛز تخلیقی بازیافت چھےٚ کأشرِ شأعریہِ منٛز تہٕ میلان۔ یتھہٕ کٔنۍ چھُ یہِ ... تلف
... نِہار روٗنۍ مطالعہٕ خأطرٕ سیٹھاہے دِلچسپ۔ أتھی دورَس پیٹھ مُشتمل کأشرِ شأعریہِ ہنٛدِس ... انتخابس منٛز
... چھِہ موضوعی تہٕ ہیٔتی اعتبارٕ اَمِکۍ رَنگہٕ رِوٗنۍ انہار نظرِ گژھان۔ سواد ہتھ پیٹھی ... کأشرٕن
... شأعرن ہنٛدِ کلامہٕ کِس انتخابس پیٹھ مشتمل یہِ کتاب سپد کأشرِ شأعری ستۍ دلچسپی ... والین تہٕ
خاص کرِتھ نقادن ہنٛدِ خأطرٕ وارِیاہ دلچسپ ثابت۔

کأشرِ شأعری ہُند یہِ انتخاب چھُ زبردست محنتہٕ ستۍ پروفیسر حامدؔی کاشمیری تہٕ ڈاکٹر
... بشیرن ترتیب دِیُت مُت۔ پروفیسر حامدؔی چھِ برصغیرٕکۍ مانٛنۍ زأنۍ متۍ نقاد، محقق تہٕ شأعر۔ اُردو
تہٕ کأشری پأٹھی چھےٚ یہنٛز ترٛےٚ درجن پیٹھی کتابہٕ چھپیمژٕ۔ تِم چھِ صاحب رائے نقاد مانہٕ یِوان۔

ڈاکٹر بشؔر بشیر چھِ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبکۍ سنجیدٕ محقق، نقاد تہٕ شأعر آسنس ستۍ ستۍ اکھ جان ناول
نگار۔ کٔشیرِ ہنٛدِس توأریخس متعلق چھےٚ یمو تھٔکنٕۍ لایق کأم انجام دِژمٕژ۔

Anthology of Post Independence Kashmiri Poetry

ISBN 81-260-2268-X



Rs. 300